# انہار

جلد: 31؛ شُمارہ: 1
2006ء

# ترجمک فن

{انہار: خاص شمارہ}




اُردو ڈپارٹمنٹ
یونیورسٹی آف کشمیر

یونیورسٹی ہند تحقیقی رسالہ

# انہار

۲۰۰۷ء

## ترجمۂ فن

نگران ——— شفیع شوق





ایڈیٹر:۔

قاضی ظہور

ب



# ترجُمک فن

## آنہار

۲۰۰۷ء

کتابت: معراج تُرکوی

ناشر

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، یوٗنیورسِٹی آف کشمیر حضرت بل، سرینگر

فون: ۔ ۲۴۲۰۰۷۸

# ترتیب

# ترجمہ: معنی، مدعا، اصول

## شفیع شوق

### ۱۔ترجُمک معنی / تعریف

کُنہِ سماجس منز روٗزِتھ زبان بولن وول پرٛیتھ کانہہ شخص چھُ پرٛیتھ وِزِ ترجمہ کرنچہ عملہِ منز آوٗر آسان۔ احساس، جذبہ، خیال، مُدا بیترِ ییٚس تام واتناوُنچ سارے کاٗم چھےٚ بِذاتی ترجمے تِکیازِ بیان کرن وول چھُ پننہِ اکہِ خاص بولہِ منز سوچان تہٕ بیان کرنہٕ وِزِ چھُ تس بوزن واٗلی سنزِ بولہِ ہُند خیال پیٚوان تھاوُن۔ مگر ترجمچ یہِ بنیادی کاٗم چھےٚ تیٚژ بےٚ شونٛکی پاٹھی عملہِ منز یوان زِ باوکھس چھُنہٕ امیک ژھٕنہٕ آسان۔ باضے چھُ سُہ عام دوہ دیٚشِن چہ کامہِ منز تہٕ ترجمہٕ چہِ امہِ کامہِ ہُند احساس تھوان ییٚلہِ بوز کہ کتھِ کانہہ غلط معنی کڈان چھُ تہٕ باوکھس چھےٚ پھِری پھِری پننہِ کتھِ ویٚژھنے پیٚوان کرٕنۍ۔ مثلاً عدالتس منز کُنہِ معاملس نسبت بیان دِنہٕ وِزِ؛ شُرِس کانہہ کتھ سمجاونہٕ وِزِ، ڈاکٹرس پنُن دود باونہٕ وِزِ یا کُنہِ شعرس تشریح کرنہٕ وِزِ، یا پانسے ستی کُنہِ مشکل مسلس پیٹھ سوچنہٕ وِزِ۔ مگر اصطلاحی معنیس منز چھُنہٕ اظہار چہ اتھ عملہِ اَسی ترجمہٕ ونان۔ یہِ چھےٚ اَکہِ زبانہِ ہنٛدِ یٚن حدن منز روٗزِتھ سپدن واجِنۍ فطری ترجمہٕ کاٗری یوسہٕ باوتھ کرنس منز درکار چھےٚ یوان۔

اصطلاحی معنیس منز گوٚو ترجمہ سو عمل یَتھ منز اکہِ زبانہِ منز تحریر کرنہٕ آمت متن بیٚیہِ کُنہِ زبانہِ منز تحریر متنس منز پھِرنہ ییِہ۔ امیک موٗلی مُدا چھُ تمہِ زبانہِ ہنٛدی بولن واٗلی تہٕ سپدن

تہٕ متنس زٲنی یاب تہٕ تمہٕ سٕتی فیضیاب یُس نہٕ تم آگرٕ زبانہِ منز سمجتھ ہیکہٕ ہن تہٕ مطلوبہٕ زبانہِ منز ہیکن سہل پاٹھی زٲنتھ تِکیازِ سوزبان چھِ تم زانان ۔ گویا کہِ ترجمہٕ چہِ کامہِ منز چھُ گوڈنیتھے بوز کھسُند یا قاری سُند مقصد تہٕ فأید زیرِ نظر روزان ۔

یۆ دوٚے ترجمُک یہِ تعریف عقلہِ ویٚژُن تہٕ نہایت وسیع چھُ باسان مگر دنیاہس منز سپدیمتین یا سپدان بے شمار ترجمن سرسری سام ہیٚتھ چھُ یہِ تعریف ناکافی باسان ۔ بیشمار ترجمہٕ چھِ تم تہِ یم ترجمہ کارو محض پننہٕ شوقہٕ کٔریٕمتی چھِ ۔ کٲتیاہ ترجمہٕ چھِ تم یمن منز ترجمہٕ کار موٚلہِ متنہٕ چہِ جایہِ تیُتھ متن تعمیر چھُ کران یُس صریحاً مختلف چھُ آسان ۔ کٲتیاہ ترجمہٕ چھِ تم تہِ یم موٚلہِ متنس سیٚدِ سیوٚد بیٚیس زبانہِ منز پھِرنہٕ بجایہِ تمہِ تشریح تہٕ توضیح چھِ ۔ ترجمن ہُند افراط تفریط نظرِ تل تھاوِتھ چھِ ترجمکی تعریف تہِ بسیار ۔

ترجمُک روایتی تعریف چھُ : ترجمہٕ چھُ سو عمل یتھ منز آگرٕ زبانہِ منز موجود کُنہِ متنہٕ چہِ جایہِ مطلوب زبانہِ منز متبادل بیان دِنہٕ ییہِ ۔ مقصد : معنی تہٕ مطلب زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ وفادأری سان منتقل کرُن ۔

مگر یہِ تعریف چھُنہٕ تخلیقی ادبہٕ کِس ترجمس متعلق پوٗرٕ پاٹھی لگہار تِکیازِ امیُک ترجمہٕ کار چھُ مطلوبہٕ زبانہِ ہنزٕ ورِ روایتی معیارو تہٕ قدرٕ و مطابق نوٚو تہٕ قابل قبول ہیت تشکیل دِوان تہٕ امہِ سٕتی چھُ اصل معنی تہٕ مقصد متاثر سپدُن ضروری بنان ۔ قدیم یونٲنی ادبُک معنی تہٕ مقصد اوس تمہِ تہذیب کہِ کُلہم فضاہُک اکھ اژھٕین حصہ تہٕ ہیت تہٕ اُسس تِتھی فضاہس تابع ۔ اَتھ ییٚلہِ أزی چہِ کُنہِ ہندوستٲنی زبانہِ منز ترجمہ سپدان چھُ ، نہ چھُ سُہ فضا بروٚنٹھ کُن یوان تہٕ نہ سو ہیت ۔ سفوکلیزنہِ راز ایڈِپس ناٹکُک ترجمہٕ ییٚلہِ کٲشرس منز سپد یوٚو ، ترجمہٕ کارَن

ژھاَرپنہٕ زمانہٕ چہِ زبانہٕ ہِندِ عصری مزاژٕ مطابق سفوکلیز نہٕ ڈراما پہچ متبادَل ہیت۔ ترجمہٕ کہِ وسیلہٕ ہیکو أسی از برونہہ ترےٚ ساس وٗری یوٗنأنی تہذیٖبک ہناہ سونگٕت ضرور گرِتھ۔ مگر ترجمس منز چھےٚ متبادل ہیُژ ہنز لگہاَری زیادٕ توجہ منگان۔ تتھےٚ پأٹھی ییلہِ فِز جیرالڈن عمر خیام نٮ۪ن رباعین ہُند ترجمہٕ کوٚر، سُہ روٗدنہٕ قدیم ایرأنی تہذیب تہٕ تمدن چن قدرن تہٕ رِوایژن تابع بلکہ کوٚرُن گنوٗ ہمہِ صدی ہندِ یورپی سماجکس تہذیبی پس منظرس منز اکھ متبادَل متن تشکیل یُس پرن والیو قبول کوٚر۔ ادبی ترجمس منز چھنہٕ اوٚ کنی ہو بہو متبادَل ممکن بلکہ متحرک متبادل (dynamic equivalent) (نِڈا: 1964ء)۔

## 2۔ ترجمُک امکان تہٕ ضرورت

تخلیقی ادبُک ہو بہو ترجمہٕ چھُنہٕ لہٰذا ہرگز تہِ ممکن۔ سوال چھُ زِ تیٚلہِ کیا ضروری چھُ امیُک ترجمہٕ یِیہ کرنہٕ؟ ونہٕ چھُ یوان زِ ''شأعری گیہِ تہِ یہِ ترجمس منز راوِ۔'' تیٚلہِ کیاز چھِ ترجمہٕ کاریژھ بیکار کوشش کران؟ مگر یتہِ چھُ وُچھُن زِ اگر نہٕ یوٗنأنی ادبُک انگریزی ترجمہٕ دستیاب آسِہے، دُنیاچن بیشتر زبانن ہُند ادب آسِہے نہٕ وُسعت لبِتھ ہیوٚ کمُت۔ تہٕ أزی کِس زمانس منز اگر نہٕ اکِہ زبانِہ ہُند عصری ادب انگریزِیس منز تہٕ انگریزی پیٹھٕ باقی زبانن منز پِھرنہٕ یِیہِ عالمی ادبس منز گژھِ حرکت بندٕ تہٕ یہ پھسہِ فرسودٕ روایتن منز۔

یہ ونن وٲلی زِ ''شأعری گیہِ تہِ یہِ ترجمس راوِ'' چھِ تخلیقی ادبچ صرف اکأے تہٕ سارِوے کھوتہٕ محدود صنف نظرِ تل تھاوان، یعنی نغمأتی شأعری، مثلاً غزل یا وژُن۔ مگر تخلیقی ادبچہ اہم صنفہٕ چھےٚ ناول، افسانہٕ، ڈراما، مثنوی، تہٕ رزم۔ یمن ادبی صنفن منز چھنہٕ نغمأتی شأعریہِ ہندی پأٹھی موسیقی تہٕ صوتی آہنگ اولیت تھاوان، بلکہِ موضوع، مضمون، مواد تہٕ

ہیت۔ یمن ترکیبی جُزن ہیکہِ ترجمہٕ کار کوشش کرنہٕ ستی کامیاب پأٹھی متبادل تلاش کٔرِتھ۔
تہٕ اوے کٔنی چھِ دُنیا چن مختلف زبانن ہندی شاہکار ترجمن ہنزِ شکلہِ منز میسر۔ اگر نہٕ
ٹالسٹائے، دوستویوسکی، چیخوف، ترگنیف تہٕ باقی روسی فکشن تہٕ ڈراما لیکھن والین ہندی
شاہکار انگریزی یس منز ترجمہٕ سپدی متی آسہن، یورپی تہٕ امریکی ادب آسہے وُنہِ تہِ گنوہمہِ
صدی ہنزن ادبی روایژن منز قید۔ تہٕ اگر نہٕ فرانسی تہٕ انگریزی ادب باقی زبانن منز ترجمہٕ
کرنہٕ آسہے آمُت، تمن زبانن ہُند ادب آسہے نہٕ جدید زمانہٕ کیو تقاضو مطأبق لیکھنہٕ یوان۔
تخلیقی ادبک ترجمہٕ چھُ اوٚ کٔنی تہِ سپدان آمُت زِ دراصل چھُ عالمہٕ چن مختلف زبانن منز
لیکھنہٕ آمُت ادب اکوے ادب--- مختلف زبانہٕ چھےٚ امہِ چہٕ بولہِ۔ اسی چھِ مختلف زمانن
منز تخلیق سپدٕ مُت مختلف قومن ہُند ادب ترجمن ہندِ وسیلے زانتھ ہیکان۔ یتھ کتھہٕ ستی
چھُنہٕ کانہہ اختلاف زِ ترجمس منز یتھ چھُنہٕ ادب پارٕ تہٕ روزان یہ موٗلہٕ زبانہٕ منز چھُ تِکیازِ
ادب پارٕ کس لِسأنی گرتس یتھے بٔیہ کُنہٕ زمانس منز مطلوب زبانہٕ ہُند گرت دِنہٕ یوان چھُ،
نہ صرف چھُ گرت بدلان، بلکہِ تتھ ستی چھُ بدلان زمانہٕ تہِ تہٕ زمأنی قدرٕ تہِ۔ پرٛتھ
کانہہ لفظ چھُ پنٛنس زمانس منزٕ ے روٗزِتھ معنی تہٕ مفہوم تھاوان، زمانہٕ بدلنہٕ ستی چھِ تمکی
معنوی حلقہٕ تہِ بدلان۔

## 3۔ ترجمہ کار سُند رول

ترجمہٕ کارٕ سُند رول چھُ ترجمس منز چھُ کلیدی اہمیت تھاوان۔ ترجمہٕ چھ اصلہ نِشہِ مختلف بنان
تِکیازِ اَتھ منز چھےٚ ترجمہ کارٕ سنز شخصیت لازماً شامل سپدان۔ ترجمس منز چھ ترجمہ کار دوٚیہ
حیثیتہ شامل سپدان۔ اکھ یہ زِ سُہ چھُ گوڈٕ اکہِ لِسأنی طبقُک فرد بٔنتھ متنس پنٕنہِ انفرأدی بترِ

بٔنتھ فرد بٔنتھ نوِشن تہٕ صلاحیتہٕ زانان، معنی کڈان تہٕ جایز ہیٚوان۔ پتہٕ چھُ یِہ لسانٔی طبقُک فرد بٔنتھ نوِشن لسانٔی ساختن منز پننہِ آیہِ زانٔی ہِتھ مواد س اظہار تہٕ ترتیب دِوان۔ موٗلہٕ زبانہِ ہُند فرد بٔنتھ چھُ ترجمہٕ کار بوزَکھ یا قاری تہٕ سہ چھُ تتھ تمدنی تہٕ فِکری پس منظرس منز داخل سپدنچ کوٗشش کران یتھ منز ادب پارٕ تخلیق سپد مُت آسہ۔ ترجمس منز چھ سُے شخص تتھ تمدنی تہٕ فِکری فضاہس منز داخل سپدان یتھ منز ترجمہٕ کرُن آسہِ۔ اَتھ منز چھُ سہ باوَکھ بنان۔ بوزَکھ تہٕ باوَکھ ہنز ذمدأری نکھٕ والنس منز چھےٚ تٔمی ہنز شخصیت شأمل سپدٕنی ضروری بنان۔ چونکہِ ترجمہٕ کار چھُنہٕ کانہہ کمپیوٹر یا ترجمہٕ مشین بلکہ پنٕنی مخصوص جذبات، احساسات تہٕ عقیدٕ تھاوَن وول حساس انسان یُس اصل ادب پارٕ ستی متاثر سپد یومُت چھُ تہٕ تمی آیہِ چھُ پننین پرن والین تہِ متاثر کرُن یژھان۔ فرمایشہِ پٹھ کرنہٕ آمتس ترجمس منز تہٕ ہیٚکہ نہ سُہ پننہِ ذاتہٕ نِشہِ مکمل پأٹھی دور روزِتھ۔ یِلہِ زَن از تام سپدیمتی اکثر ترجمہٕ ترجمہٕ کارٕ ہندِ پننہِ ذوقہٕ تہٕ شوقہٕ ستی سپدیمتی چھِ۔

ازکل چھِ بوزان زِ ترجمہٕ کرنہٕ باپت چھِ کمپیوٹر تہِ ایجاد سپدان یِم زمانس ستی ستی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اہلیت آسن تھوان۔ مگر یِم ترجمہٕ کمپیوٹر کأژاہ تہِ ترقی کٔرِتن، یِم ہیٚکن نہٕ تخلیقی ادبُک ترجمہٕ کٔرِتھ۔ امہِ باپت چھُ زِندٕ زوٗ انسانی دِماغ ضرورت تِکیازِ تس چھُ گوڈٕ پانہٕ متأثر سپدُن تہٕ ادِ چھِس پرن وألی متأثر کرٕنی۔ ترجمہٕ کمپیوٹر ہیٚکہِ صرف کاربأری تہٕ تیکنیکی سائنسی زبانہٕ ہندِ ترجمہٕ باپت درکار تہٕ تہٕ مفید ثابت سپدتھ، نہ زِ ادبہٕ باپت۔

ترجمکی یِم زأوی جار مدنظر تھأوِتھ ہیٚکو لہٰذا ترجمک یہِ تعریف تجویز کٔرِتھ زِ ترجمہ، خاص کٔرِتھ تخلیقی ترجمہٕ گوٚو: سو عمل یتھ منز آگرِ زبانہِ ہندِ تحریری متنُک متبادل مطلوب زبانہِ منز

متبادل تحریری متنس منز یتھ پاٹھی پھرنہٕ یہِ زِ مطلوب زبانہِ منز متبادل متن دِیہ یاتہٕ معروضی حقیقژ کُن حوالہِ ، یا کرِا کہِ پاسہٕ اصل متنک تہٕ تمہِ کس پس منظرس منز موجود تمدنس تہٕ تخلیق کارٕ سنزِ سوچن ترایہِ تام واتنس منز مدد یا کرِاتھ ستی ترجمہٕ کارٕ سنز فنی مہارتک تہٕ تمِ کی سندِ ذہنی وطیرُک اظہار۔ (وُچھو صفہٕ :12 تہِ)

## 4۔ ترجمن ہندی قسم

ترجمہٕ چھِ مقصدِ اعتبارٕ اوٕ کنی پانژن قسمن ہندی :

1۔ اطلاعٲتی ترجمہٕ : سائنس تہٕ باقی معروضی علمن ہنزِ عبارژ ہُند ترجمہٕ یتھ منز لسانی ساختن ہنزِ اہمیت یہِ چھےٚ زِ اصل اطلاع یِیہِ گُنہِ ہیرٕ پھیرٕ روس بیٚیس لسانی ساختس منز پھرنہٕ۔ ترجمہٕ کارس چھےٚ شفاف تہٕ ابہامہٕ روس زبان ورتاوٕنی ۔ یُتھ ترجمہٕ چھُ اطلاع۔ پاس۔

2۔ اظہارٲتی ترجمہٕ : ترجمہٕ کار یِیلہِ ترجمہٕ کہِ ذریعہ پننہِ ذاتچ ترجمانی آسہِ یژھان ، سہٕ نِیہِ ترجمس منز اصلہ متنہِ نِشہِ ہَر قسمہِ یِلہِ گی تہٕ نوٚ و متن آسہ محض کُلہم تاثرس تابع۔ مثلاً فِز جیرلڈ سُند عمر خیام نٮ۪ن رُباعین ہُند ترجمہٕ ۔ یُتھ ہیُو ترجمہٕ چھُ ترجمہٕ کھوتہٕ زیادٕ باز تخلیق (transcreation) تہٕ اوٕ کنی ترجمہ کار۔ پاس۔ مثلاً خیام نہِ یٮ۪مہِ رُباعی ہُند ترجمہٕ وُچھتو :

آمد سحرے ندا زِ مے خانۂ ما
کاے رِند خراباتی دیوانۂ ما
برخیز کہ پُر کُنیم پیمانہ زِ مے

ازاں پیش کہ پُر کنید پیمانۂ ما

فِز جرلڈ:

Dreaming when Dawn's Left Hand was in the Sky,
I heard a voice within the Tavern cry,
' Awake, my little ones, and fill the Cup,
Before Life's Liquor in its cup be dry.'

غلام نبی خیالؔ چھُ اتھ ییٚمہِ اندازٕ کأشرِس منز پھِران

یانٛہِ صُبحُک نوٗر پھوٚل میخانہٕ مٕنزٕ آلو مے گوٚو

اُچھ مُژرا دیوانہٕ رِندو! زور گٹہٕ کارُک سوٚتیاو

تلسأو وقتھ! وٕنکیٚس تھوٚو پیمانہٕ موتیہِ مستیٖن بٔرِتھ

یام تھاوِن پرٕ گرِتھ اتھ تام زانٛہِ وٕسری پیوٚو

حالانکہِ رُباعی ہُند وزن چھُ آسان:

مفعول مفاعیل مفاعیل فعَل / مفعول مفاعلن مفاعیل فعَل

یایمن دون بنیادی وزنن پیٹھ ترتیب دِنہٕ آمٕت بییہٕ کانہہ وزن۔ییلہِ زَن خیالٓ نہِ ترجمُک

وزَن چھُ:

فاعِلاتن فاعِلاتن فاعلاتن فاعِلن (رمل مثمن محذوف)

3۔ تاثرٲتی ترجمہٕ: بعضے چھُ ترجمہٕ کارس ترجمس منز خأ لی یہِ مقصد روزان زِ پرن وول

واتِہ اصل متنہٕ کِس معنی تہٕ مقصدس تام۔ترجمہٕ کارس تتھ منز پننہِ ذاتچ ترجمأنی باسہِ یا نہ

باسہِ۔یُتھ ترجمہٕ چھُ بیشتر صورژن منز فرمأیشہِ پیٹھ یا پیشورانہ آسان۔مثلاً کانہہ ادارٕ

لاگہِ باصلاحیت ترجمہٕ کارَن ترجمہٕ کرنچہِ کامہِ۔ یُتھ ترجمہٕ چھُ قاری۔ پاس۔ یہ ہیکہِ توضیحی تہٕ اَستھ۔ مثلاً میر تقی میر

سُند مشہور شعر چھُ:

کچھ موج ہوا پیچاں اے میرؔ نظر آئی

شاید کہ بہار آئی، زنجیر نظر آئی

رحمان راہی چھُ اَتھ شعرس یِمہٕ آیہٕ پرن وٲلۍ سِندِ باپت کٲشرس منز پننس منفرد اسلوبس منز آسان بناوان:

میرا! یہے واو رنگاہ ہش ہا گیہِ وَر کھیوان نظرِ

شاید ہا پیو وسونتھ وٲتتھ! زونجوری ہا گیہِ نظرِ!

ترجمہٕ کارس چھُ بنیادی مُدعا امہِ شعرُک اصل معنی تہٕ مفہوم پننہِ زبانہِ منز تتھہِ پٲٹھۍ پھیرُن زِ پرن وٲلس میلہِ اَتھ تام رسائی؛ شعرُک متبادل شعر تخلیق کرُن نہٕ۔ چونکہِ غزل چھُ اکھ پابند ہیت یوسہٕ امہِ کہ عروضی تہٕ بلاغتی بندشہِ ستی پرزناونہٕ چھےٚ یوان، امہِ انداز غزلس ترجمہٕ کرُن چھارروا، یہِ چھُ اکھ سوال۔ (شاید ہیکہِ نہٕ غزلس ترجمہٕ سپدِ تھے۔ نہ ہیکہِ وزنس، گیتس یا بیہ کُنہِ نغماتی طرزِ چہِ تخلیقہِ یِمیک سورے حسن امہِ کِس صوتی ترتیبہِ منز آسہِ۔)

4۔ ہیتی ترجمہٕ: ترجمہٕ کارس یِیلہِ مطلوبہٕ زبانہِ منز موٗلہٕ زبانہِ منز موجود تخلیقہِ ہنز ہیئتہٕ ہُند متبادل تخلیقی ہیت تشکیل دِنی آسہِ، تتھ منز چھےٚ ہیت سارِوے کھوتہٕ ژ راہمیت تھوان۔ مثلاً کُنہِ انگریزی سنیٹک یا جاپانی ہیکوٗ ہُک کٲشر ترجمہٕ۔ یا مشرقی فارسی/ اُردو/ کٲشرِ غزلُک

انگریزی ترجمہٕ۔ یُتھ ترجمہٕ چھُ ہیت۔ پاس روزان۔ مثلاً میرٓن بیا کھ شعر چھُ:

میرٓ صاحب زمانہ نازک ہے

دونوں ہاتھوں سے تھامئے دستار

کاشُر ترجمہٕ چھس:

میرٓ صأبا! زمانہٕ نوزُک آو

تھپھ کرِس ہٕوٚ ینو پیٚیی دستار

ہیت پٔنُن عروضی تہٕ بلاغتی مزاج ییٚتھ ہٮ۪یس زبانہِ منز پھٔرِنی چھے نہایت دشوار کام۔ اگر ممکن بناونچ کوشش کرنہٕ ییہ تہِ، ترجمہٕ آسہِ ٹاسُر تہٕ اصلیچ پرٛڈی ہش۔ خاصکرِتھ ییلہِ موٗلہٕ زبانہٕ تہٕ مطلوٗبہٕ زبانہِ ہُند شعری جمالیات واریاہن معاملن منز مشترک آسہِ۔ کأشرتہٕ اردو غزلُک جمالیات چھُ فارسی غزلہٕ پیٹھہٕ آمُت۔ اِکِنی میرٓ یا غالبٓ نٮ۪ن غزلن کأشرس غزلس منز ترجمہٕ کرُن چھُ نہٕ صرف ناممکن بلکہٕ فضول تہِ۔ ترجمہٕ چھُ بذأتی تِمن پرن والیٚن ہندِ خأطرٕ لگھاریم تہٕ موٗلہٕ زبان زانان آسن۔ تہٕ قاری یُس کانہہ تخلیق موٗلہٕ زبانی منزٕ ے بہترٕ پأٹھی پٔرتھ ہیکہِ تہٕ تمیک ہیکہِ حظ تُلتھ، کیازِ پرِ تمیک ترجمہٕ۔ البتہٕ محض دلچسپی باپت ما پرِ گُنہٕ وِزِ زِ ترجمہٕ کارن کِتھ حدس تام چھے سو تخلیق مسخ کٔرمٕژ۔

5۔ گُفتارٕ ترجمہٕ: دوہہ دِش کُنِس کامہِ کارس منز درکار گُفتارٕ باپت چھُ ترجمہٕ ضروری۔ یُتھ زِ ہٮ۪یس مُلکس منز یا ہٮ۪یس لسأنی طبقس منز کِتھ باتھ تہٕ ترسیل ممکن سپد۔ مثلاً خأرٕ پاٹھ باپت تھٔرنہٕ آمتی کلمات phatic language۔ یُتھ ترجمہٕ چھُ مفہوم۔ پاس۔ مثلاً وو پر مُلکس منز ٹیکسی ڈرایورس ستی کرایس پیٹھ کِتھ باتھ۔

## 5۔غیر لسانی ترجمہ

یۄ دوٚے ترجمک اصل معنی چھُ اکہِ زبانہِ ہنز لسانٔی باوٕژ ہُند بیٚیس زبانہِ منز لسانٔی باوتھ، مگر کانہہ موجود ادب پارٕ ہیکہِ لسانٔی وسیلہٕ ورٲے بیٚیہ کُنہِ وسیلہٕ تہٕ پیش کرنہٕ یتھ، مثلاً مصوری، مجسمہٕ سازی، فلم، یا ریڈیأیی شکل۔ عمر خیام ٔنین رُباعین چھے بہزاد تہٕ بیٚیہ واریہن مصورن ہندِ ڈٲسی تصویرن ہُندرِ پھ دِنچ کوٗشش آمژ کرنہٕ۔ غالب ہندین شعرن چھِ چغتأیی تہٕ باقی مصورو رنگن تہٕ رِکھن منز پھرنٕچ کوٗشش کرمژ۔ دنیا چن واریہن شاہکار ناولن چھے فلمہٕ بناونہٕ آمژ۔ مگر اتھ صورژ بدلی ہیکو نہٕ ترجمہٕ وٕنتھ بلکہ transmutation یُس ادب پارُک سُہ تاثر چھُ پیش کران یُس مصورس یا فلم بناوَن والیٚن کانہہ ادب پارٕ پرِتھ پانس میول۔ ٹالسٹاے سنز ناول War and Peace، ایملی برانٹی ہنز ناول Wuthering Heights، یا لیوس کرال سنز ناول Alice in Wonderland، یا میر حسن سنز ناول امراوجان ادا۔ یا شرت چندر سنز ناول دیوداس یا بیٚیہ کانہہ ناول ہیکہِ نہٕ تتھ فلمہٕ منز یتھ ناوَل رۄزِتھ۔ یوٗسہٕ تتھ پیٹھ بناونہٕ آسہِ آمژ۔ ادب پارٕ چھُ کانٕسہِ اکس فردسنز تخلیق آسان، یلہِ زَن ناول پروڈیوسر، ڈایرکٹر، ایکٹر، موسیقار، کیمرہ مین تہٕ بیٚیہ واریہن فردن ہنز مشترکہ تخلیق چھے۔ ادب پارٕ چھُ توتے تام ادب پارٕ یۄتام یہِ لفظن تہٕ جملن ہندِس جامس منز متن text چھُ تہٕ متن چھُ لفظن ہندیو تمو بسیار معنوی رشتو ستی بنان یِم مخصوص جملن منز یتھ لفظن درمیان پأدٕ گژھان چھِ۔ ادبک مطالعہ چھُ متنس ستی متصادم سپدِتھ تمن رشتن ہند شعور، متنس منز شامل سپدِ یمتین باقی متنن ہنز موجودگی ہُند شعور، یا متنہٕ کین ساختن پننہِ تجربہ تہٕ مطالعہٕ ستی معنی بخشن۔ یتہِ چھُ ممکن زِ باضے ہیکہِ

ادب پارس پیٹھ بنیمژ فلم اصل ادب پارٕ کھوتہٕ بہتر آستھ تہٕ زیادٕ مقبول سپدتھ، مگر یہِ ہیکہِ نہ

اصل متنک نعم البدل بنتھ۔

6-یک زبانی ترجمہ

ادب پارس منز شامل لفظن ہندی پانٕونی رشتہٕ چھنہٕ محض تشکیلیاتی آسان بلکہ زمانی تہٕ۔

زبان چھےٚ زمانہٕ کس دأریس منز روزِتھ پننین بولن والین ہندِ تمدنی زندگیہِ منزٕ ے وجود

تھوان تہٕ اوٚکنہٕ زمانس ستی ستی بدلان۔ اوٚکنہٕ چھےٚ زمانی۔ تمدنی پس منظر بدلنس ستی زبان

تہِ بدلان۔ خاصکرِتھ چھُ استعارٕ زمانہٕ بندتہٕ استعارٕ چھُ شاعریہِ ہُند روح۔ یہِ گتھ نظرِ تل

تھوِتھ چھےٚ اکاے زبان مخلف زمانن تہٕ تمدنی حالاتن منز مختلف زبانہٕ آسان۔ لل دیدِ ہنزٕ

زمانہٕ پیٹھٕ از تام بدلیے کأشر زبان اَتھ حدس تام زِللہِ ہُند کلام سمجنس یا سمجاونس منز چھُ

ترجمہٕ کرُن پیوان۔ مثلاً یَتھ کأشرس واکھس چھنہٕ أزی کس کأشرِس منز سمجنہٕ باپت ترجمہٕ

رۄس چارٕ ے:

یَتھ سرس سِری پھوٚل ناوِیژ ے

تتھ سرِ سکلَو پوٚنی چێن

مژگ، سژ گال، گنڈی زلہ ہستی

زیٚن، نازیٚن، توٚتے پێن

یا شیخ العالمؒ سُندیہِ شرُک:

ملَن ہنگہٕ پھیٚتی شبأ لی

پکان اولت ؤلتھ کیٚتھ

## کھورن کوٗنش تہٕ کوسم نٲلی
## کرٛھن تل ترٛکہٕ ٹٔھلی ییٚتھ

أزی کِس پرن وأ‌لِس یم شعر سمجاونہٕ باپت چھُ نہ صرف یمن منزورتاونہٕ آمتین لفظن ہُند معنی وُنن، بلکہ پریٚتھ لفظُک تواریخی تہٕ تمدنی پس منظرتہٕ۔ یِی چھُ پیٚوان کرُن یِیلہِ اکہِ زبانہِ پیٹھ بیٚیس زبانہِ منز ترجمہٕ کرُن آسہِ۔

گوٚو ترجمہٕ چھُنہٕ صرف بین لسأنی، بلکہِ یک لسأنی تہٕ۔ از بروٗنہہ صرف پانژاہ وٕری یُس تمدنی صورتحال کشیرِ منز اوس سُہ چھُ اَتھ حدس تام أزی کہِ تمدنی صورتحالہٕ نِشہٕ وکھرٕ زِ أزی کِس کأشرِس کأشرٕ پرن وأ‌لِس تہِ چھُ اکثر لفظن ہُند ترجمہٕ کرُن پیٚوان۔ گر گروٕیٹھ، پلو پوشاک، کھیٚن چیٚن، گہنہٕ، دوا، ...... سورٕے کیٚنہہ چھُ اتھ حدس تام بدلیومُت زِ أزی کیٚن شُریٚن چھُ ترجمہٕ کرِتھ پکھور، پوتو، یأج، ژھیٚے، کأنز، وَتنہِ گر، گُیٚن، ڈِنگج، کُتج، خر، ٹھُپ، وٕیتھرن، والہٕ وأش، کری کج لانگ، سٕزلوٚنگ، اُٹھی کج لوٚٹھ، زبہٕ زژوڈ، کنگ، کیٚوو، گنہار، مکایہِ واٹھ، ٹٔھل، گرٛیٹہٕ، اوٚنک، موٚک بیترِ لفظن ہُند ترجمہٕ کرُن پیٚوان۔ تہٕ تم سأری استعارٕ یم تِتھیٚن لفظن پیٹھ مشتمل آسن، چھِ أزی کِس قاریس کتی تیتی عجیب ییتی چاسرنہِ شأعریہِ ہندی استعارٕ چھِ۔ أزی کِس انگریزشُرِس تہِ چھےٚ چاسرسنز شأعری ترجمہٕ کٔری تھےٚ پرناونی پیٚوان۔ زبانہِ منز چھُ گرامرٕ ے یوت وارِیہس حدس تام مستحکم، باقی سورٕے کیٚنہہ: صوتیات، مارفیمیات تہٕ لفظیات چھُ تغیر پذیر۔ ہم لسانی ترجمہٕ intra-linguistic translation چھُ تمنےٚ اصولن پیٹھ سپدان یم بین لسانی inter-linguistic translation ترجمہٕ کرنس منز کارفرما چھِ۔

## 7۔ترجمکی اصول

i۔ ترجمہ باپت کانہہ تخلیق یا متن ژارنہٕ برونہہ چھُ قاری سُند مطلب تہٕ فایدِ نظرِ تل تھاوُن ۔ اگر قاری سو تخلیق یا متن اصل زبانہِ منزٕ ے بہتر پاٹھی پرتھ تہٕ تمہِ نشہِ فیضیاب سپدنس اہل آسہِ ، تتھ ترجمہٕ کرنُے چھُ لاحاصل محنت ۔ مثلاً اردو غزلن، نظمن یا افسانن تہٕ ناولن ترجمہٕ کرُن ۔

ii۔ ترجمہٕ کار گژھِ تیٚلی کانہہ متن ترجمہٕ باپت ژارُن ییٚلہِ تس آگرٕ زبانہِ پیٹھ یا وسیلہٕ زبانہِ پیٹھ مکمل دسترس آسہِ تہٕ بییہِ آسہِ تتھ ادبی صنفہِ یا مضمونس پیٹھ تہِ یتھ منزٕ سُہ متن موجود آسہِ ۔

iii۔ ترجمہٕ کار گژھِ پننہٕ لسانی صلاحیت تہٕ تخلیقی کمال ہاونس سیٗتی ہر اعتبارٕ اصل متنس تابع روزُن ۔ خاصکر تتھ موضوع ، مواد ، ہیت ، استعار تہٕ تشبیہہ پننہِ زبانہِ منزٕ منتقل کرنس منز۔

iv۔ ترجمہٕ کار گژھِ ترجمہٕ کرنہٕ برونہہ اصل مصنف سُندِس زمانس تہٕ تمدنی پس منظرس مکمل پاٹھی سمجھُن ۔ مثلاً لل واکھن انگریزیس منز یا شیکسپیرس کاٗشرس منز ترجمہٕ کرُن چھُ توٚ تام ناممکن یوٚ تام نہٕ ترجمہٕ کارس ژوداہمہ صدی ہنزِ کشیرِ ہُند تہٕ شُراہمہ صدی ہندِ انگلینڈُک سماجی ، ثقافتی تہٕ فکری پوٚت منظر معلوم آسہِ ۔ امہِ باپت پیٚن ترجمہٕ کارس امدادی کتابہٕ باریک بینی سان پرنہٕ ۔ ترجمہٕ کار گژھِ ترجمس منز حاشیس منز توضیحی اشارٕ تہٕ دیُن ، ییٚتین ییٚتین ضروری آسہِ ۔ مثلاً اگر کُنہِ جایہِ کانہہ اسطور آسہِ ، مافوق الفطری کردار ، یا منز کالہ کہِ ژٕبُک کانہہ حوالہٕ آسہِ ۔

v۔ ترجمہٕ کار گژھِ ژارنہٕ آمتہِ متنکی باقی ترجمہ تہِ زیرِ نظر تھاوُن اگر میسر آسن ۔

vii۔ ڈراما یا فکشن ترجمہٕ کرنہٕ وِزِ چھُ کردارن ہُند سماجی مرتبہ ، تہنز بولی تہٕ تہنزٕ اخلاقی قدرٕ

وارِ پأٹھی سمجنہٕ ضروری۔

ix۔ ترجمہٕ کار گژھِ ترجمس منز روایتی رنگین بیٲنی ورأے پننہٕ عصری زبان ورتاؤن۔

x۔ ترجمہ کار گژھِ شعوری کوشش کرُن زِ تٔمی سُند پرن وول گژھِ ترجمہٕ کرنس دوران مسلسل یہٕ احساس تھاؤن زِ یُہ چھُ ترجمہٕ پران، نہ زِ اصل تہٕ أتی گژھِ ترجمس داد دیُن۔ ترجمہٕ کارس چھُ بہر صورت اصل مصنفس تہٕ متنس تابع روزُن۔

## 8۔ ترجمُک مستقبل

ترجمہٕ چھِ دشواری باوجود سپدان آمتی تہٕ سپدان روزَن۔ خاصکرِ تھ أزی کس دورس منز چھُ ترجمہٕ ناگزیر بنیومُت۔ أزی کہِ دورُک تیز رفتار تحقیق تہٕ علم گژھِ وُچھان وُچھان تھامہِ اگر ترجمہٕ بند گژھِ۔ چینی زبانہِ منز سائنسی تحقیق تہٕ انکشافات اگر نہٕ سَتی سَتی انگریزی یس منز منتقل گژھِ باقی دُنیا روزِ چینی سائنس تہٕ ٹیکنالجی نِشہ بے خبر تہٕ تتھ ہیکن خطرناک نتیجہٕ نیرِتھ تہٕ اگر نہٕ باقی زبانن ہُند سائنس چینی زبانہ منز پھِرنہٕ یِیہِ چینچ تیز رفتار ترقی گژھِ رُٔکتھ تہٕ چین پیِیہِ خطرس منز۔

ترجمہ کأری چھےٚ أزی کس دورس منز اکھ وسیع صنعت۔ اکہ تخمینہ چھِ وَنکیٖن اَتھ صنعتس منز لَچھ پیٹھی پیشہ ور ترجمہ کار مختلف ملکن منز عملی طور شأمل تہٕ پانژھ لچھ امریکی ڈالر چھُ امہِ صنعژ ہُند سالانہٕ منافعہ۔ اَتھ صنعژ چھُ پرٛیتھ وٕری یہ داہ فیصدی وُسعت میلان۔

کتابیات


1. Catford, J.C. (1963), *A Linguistic Theory of Translation*, Oxford University Press.

2. Nida, E.A.& Taber,C.R. *The Theory and Practice of*

*Translation*, Brill.

3. Kelly, L.G. (1979), *The True Interpreter : A History of Translation,— Theory and Practice in the West*, Basil Blackwell.
4. Ogden, C.K. and Richards, I.A. (1923), *The Meaning of Meaning*, Routledge and Krgan Paul.
5. Malik, G.R. ( 2001) " Literary Translation ; Problems and Prospects," in *Approaches to Literary Translation*, Department of English, University of Kashmir.
6. Newmark, Peter (1981) , *Approaches to Translation*, Pregaman Press.
7. Shauq, Shafi, (2001), " Translation : Recycling Time" in *Approaches to Literary Translation*, Department of English, University of Kashmir.

# ادبی ترجمہ کاری

غلام رسول ملک

A LINE WILL TAKE US HOURS MAYBE

YET, IF IT DOES NOT SEEM A MOMENT'S THOUGHT,

OUR STICHING AND UNSTICHING HAS BEEN NAUGHT.

(WB YEATS, ADAM'S CURSE)

یہ تُلہٕ پیٚنہٕ گُذارشاتن ہُند دس مشہوٗر جرمن حکیمانہٕ شاعر، گوئٹے سنٛز اکھ کتھ ستۍ۔ گوئٹے اوس تقابلی ادبُک تہٕ اَمۍ سرگرم وکالت کرنہٕ کِس نتیجس منز ترجمہ کارۍ ہُند بوڑ بار نقیب، میلہٕ کنہٕ تہٕ وتہٕ ہاوُک۔ تمۍ سُند دیوانِ مغربی (WEST-OESTLICHER DIVAN) چھُ اَمیُک ٹاکارہٕ تہٕ پوشہٕ وُن گواہ۔ سُہ چھُ وَنان

ترجمہ کرُن چھُ اکِ طرفہٕ اصلاً ناممکن مگر بێیہِ طرفہٕ ناگزیر تہٕ لابدی

TRANLATION IS INHERENTLY IMPOSSIBLE BUT

ABSOLUTELY NECESSARY.

تاہم چھےٚ سوچن والین ہٕنز صاحبِ نظرن ہیٚژ یہِ کتھ روشن زِ ترجمہ کاری چھُ انسانی تہذیب و تمدنہٕ چہ ترقی خاطرٕ سُے اہم رول ادا کوٚرمُت یُس بێیس تہٕ اہم ترسطحس پیٹھ ہجرتن انجام دیتمُت چھُ۔ بوزوٚ تہٕ ترجمہٕ تہٕ چھُ ہجرتہٕ کےٚ اکھ روٗپ۔ دُنیہکی بہلہ پایہٕ تہذیب تہٕ تمدُن چھ ہجرتو ستۍ تھٲنہٕ پیمتۍ۔ مثالے آرین ہنز ہجرت۔ موغلن ہُند ہندوستان یُن، واریاہ ین البو روٗنی

تہٕ شرق اوسطکو ہجرت تہٕ ڈیاسپوراتہٕ سنہٕ ہجریچ بُنیاد تہٕ سارٕوے کھوتہٕ بڈٕ تہٕ انقلاب آفرین
ہجرت ۔ ہجرتُک یہ انقلابی اصول چھُ انفرادی سطحس پیٹھ تہٕ تیتھے پاٹھۍ کام کران ۔ نیتون ہینی کشیر،
یُس بیتہٕ دراوتمی ہنٛز وٕپوشیدہ صلاحیتو کوڈ نیہے واش ہیو مثلاً نہرو، اقبال، چکبست تہٕ منٹو
ہندی خاندان ۔ بہر حال وَنُن چھُ یہ کہ ترجمہ تہٕ چھُ تہذیبن ہنٛز ترقی منٛز تہٕ علم وادبکس ارتقاہس
منٛز سیٹھے اہم رول ادا کران ۔ معلوم تاریخکی سارٕوے کھوتہٕ پرانٛی تہٕ ترقی یافتہ تہذیبن' انز
بروہہ پانٛژہ ساس وُری، یُس اہم ترین نشانہ سانہِ خاطرٕ ییٚتھ کُن ترو ومُت چھُ سُہ چھُ سُہ ترجمہ
یُس قدیم مصرچ دون زبانن منٛز کینٛن پیٹھ کھٕنتھ موجود چھُ ۔ رومی تہذیب ووہ پدیو دیونانی
علم وادب، دیومالا تہٕ مذہبہ کہ تقریباً کلہم تہٕ بھرپوٗر لاطینی ترجمہ کس بُنیادس پیٹھ ۔ موجودٕ مغربن
کوٗر مُسلم اسپینس نشہٕ واریاہ کینٛہہ حاصل یمہ ستۍ تحریک احیاء العلوم بارسس آیہ تہٕ یہ تحریک تہٕ
چھے اکھ طریقہ اکھ پیچیدہ تہٕ بسیار جہت ترجمہ کاری در ترجمہ کاری یعنے اکہ زبانہ ہندِ علمچ ترسیل
بیٚیہ زبانہ واسطہ اکس ترٛیمہ سادٕ رواں، جاندار تہٕ متحرک زبانہ تہٕ تہذیبس تام ۔ بائبلس یِس ترجمہ
مختلف یوٗرپی زبانن منٛز سپد تمیک بیوو تمام علومن تہٕ زندگی ہندن عملی اظہارن پیٹھ زبردست
تہٕ بسیار پاسل اثر ۔ ملکہ الزبتھ ہندس دورس منٛز یوٚس جاندار تہٕ پُر قوت ادبی تحریک
انگلستانس منٛز وجودس منٛز آیہ تہٕ تمیک شیکسپیر سارٕوے کھوتہٕ بوڈ نشانہ چھُ سو اَس ترجمہ کاری
ہنٛدے دیت تیتھے پاٹھۍ اوس ترجمہ کِہ اکھ سرگرم باب کُنوُہمہ صدی ہنٛز رومانوی ادبی تحریکہ
ڈکھس ۔ دونوٚنی ادبی دورن برونہہ آسۍ ترجمن ہندی زٕ نمایاں دور گُذرِمتۍ ۔

فی الاصل چھُ انسانی تمدن پرتھان ترسیلہ کس بُنیادس پیٹھ یمہ اکھ کامیاب صوٗرت
چھے ترجمہ کاری ترسیل چھے انسانن تہٕ باقی زُو زاتن منٛز حد امتیاز قایم کران ۔ اتھ منٛز چھُنہٕ
کانٛہہ شک کہ باقی واریہن زُو زاتن مثلاً مانچہ ٹکرن تہٕ زیٚنن تہٕ چھ پیغام رسانی ہندی پننۍ طریقہ
مگر و منتام چھُنہٕ اکہ ملکہ کیو سُتۍ تیو بیٚیہ ملکہ کین ہتۍ تمن ستۍ کانٛہہ تہٕ منصوٗبہ بند تہٕ بامقصد رابطہ
قایم کوٚرمُت ییتھ پاٹھۍ زَن انسان کران چھِ ۔ امہ زاویہ نظرٕ کنۍ چھے زبان انسانہ سنٛز تمدن

زندگی ہُند بہترین اظہار۔ یوہے وجہ چھُ کہ مشرقی علمی روایت چھےٚ بول چالہِ انسانہٕ سُند
امتیازی نشانہٕ مانان تہٕ تمِس حیوانِ ناطق یعنے کتھ کرن وول حیوان وَنان۔ یہ کتھ زانٕسی
چھ ہیکان بَنِتھ ستۍ تہنزٕ تہٕ بێنہٕ نِشہٕ مختلف زبانہٕ منز رآبطٕ کرٕتھ چھےٚ ثابتھ کران کہ زبانہٕ
چھےٚ یَنچھ نہٕ تہٕ یوان تہٕ ترجمہ تہٕ کرنہٕ۔ یہ بصیرت اگر زیرِ نظر روزِ تیلہِ چھُ نظریہٕ انہدام
(DECONSTRUCTION)[1] وارِیاہ کمزور بُنیاد باسان۔

زبانہٕ چھےٚ علامتن ہنٛد تِتھ نظام یَم زٕنہٕ متحرک (DYNAMIC) تہٕ چھ تہٕ ارتقاء
پزیر تہٕ۔ زبانہٕ یِم مختلف لفظ استعمالس منز انان چھےٚ تِم چھ آوازن ہنز نمائندگی تہٕ کران تہٕ
اشارن کنایَن (GESTURES) ہنٛد کتہٕ۔ گویا لفظ چھ علامتہٕ تہٕ بظاہر چھ یم مختلف جایَن تہٕ
مختلف تہذیبی پوٚت منظرن منز اکھ اکِس نِشہٕ بدٕون باسان مگر سُہ چیز یا سُہ حقیقت یَتھ یم
نمائندگی چھ کران چھےٚ معلوم تہٕ آسان تہٕ کوشش کرنہٕ ستۍ زانہٕ تہٕ یوان علامتک تہٕ معلومُک
(THE SIGN AND THE SIGNIFIED) یہ پیچیدہ رشتہٕ سمجھنہٕ ستۍ چھےٚ
انسانس اندر لفظ اکہ ذریعہ زِنگی ورتاونٕچ صلاحیت پادٕ گژھان۔ دوٚہ دِشہٕ چہ زندگی
منز چھُ علامتس تہٕ معلومس منز قریب قریب مکمل ہشر آسان مثلاً قلمس اگر مختلف زبانن منز
مختلف ناو دِتہٕ موتمہ پیتہٕ تہٕ چھےٚ اَمِچ حقیقت یہَے روزان کہ یہ چھُ لیکھنُک اکھ آلہ۔ یتھے پاٹھی
اگر نُنس اکِس زبانہٕ منز "نوٗن"، بییس منز "نمک" تہٕ بییس اکِس منز "سوالٹ" (SALT) وَنو
تمہِ ستۍ چھنہٕ امہِ کس اصلیتس پیٹھ کانہہ فرق پیوان۔ یِمن لفظن ہُند چھُ لہٰذا آسانی تبادلہ تہٕ ترجمہ
ممکن۔

تخلیقی ادبہٕ کِس دایرس منز چھےٚ یہ صورتِ حال یکسر تبدیل گژھان تہٕ کیازِ اتھ منز
چھُ رشتہٕ علامت و معلوم سیٹھاہ پیچیدہ تہٕ پُراسرار آسان۔ تخلیقی ادبک بہترین اظہار

---

[1] منےٚ چھُ فی الحال لفظِ DECONSTUCTION خاطر لفظ "انہدام" بحیثیت ترجمہ ورتوومُت۔

آسان۔ ناممکن اوقات بلکہ بعض مشکل انتہائی ترجمہ ہُند شاعری چھُ توے تہ سپدان منز شاعری چھُ مشکلات ترجمہ ورزِ ہتی چھینہ وغیر ترا وِتھ) الگ ڈراما (منظوم ڈراما مثلاً ادب اصنافِ باقی یوہے چھُ شاید ۔ مشکل یوان بہن کمے تِہ مقابلہ ڈرامہس چھِ ورز کرنہ ترجمہ ناول ۔ پادکران زوردار باسان۔ تہ پُرلطف فلابے تہ وسکے دوستو یہ ٹالسٹائی، اَسہِ چھُ منز ترجمن کہ وجہ لہٰذا باسان۔ ورچھ کم شاعر ہوو (شاعر گوئٹے) گوئٹے تہ دلنتے ہومر مقابلہ ہیمن زن بیلہ کوشش کرنچ واضح حوالہ ہندِ شاعری بہن زیادہ مشکلات ترجمکی ادبی منز گذارشاتن بیٖنن اگر بہ کرہ وجہ چھُ ظاہر۔

سوال چھُ یہ کہ تخلیقی ادبچ زبان کتھہ پاٹھی چھِہ دوہ دِشہ ہنز زبانہ نشہِ مختلف آسان۔ جواب چھُ یہ کہ ادبس منز چھے زبان تخلیقی رنگہ ورتاونہ یوان تہ اَتھ چھے ترے نمایاں خاصیتہ یمو منز گوڈنچہ زِ بنیادی تہ تریم ثانوی اہمیت چھے تھاوان۔ گوڈنچ خاصیت چھے یہ زِ تخلیقی زبانہ منز چھِہ تجسیمیت، حرکتھ تہ زُودآری آسان بیلہ زن اَتھ مقابلہ تجریدی (ABSTRACT) زبان مثلاً فلسفچ، سائنسچ تہ عقلی علومن ہنز زبان چھے عام طور یمو خاصیتو نشہِ عاری خشک تہ قطعی (PRECISE) آسان شاعری چھے فی الاصل تجربچ عکاسی کران نہ کہ محض زانکاری تہ علم واطلاع۔ رگ وپیس منز سینومُت تجربہ چھُ ٹھوس شکلن منز نموٗدار سپدان شاعری منز چھے یمہ شکلہ یا ٹھوس پیکر استعارچہ، شخصاونچہ، تشبیہہ چہ تہ علامتچہ صورتہ اختیار کران۔ تخلیقی زبانہ ہنز دوٚیم خصوصیت چھے یہ کہ اَتھ منز چھِہ لفظ جدلیاتی (DIALECTICAL) حسابہ ورتاونہ یوان نہ کہ حوالہ جاتی (REFERENTIAL) تہ غارمُبہم طریقہ امہ کنہِ چھُ اَتھ منز ابہام، قولِ مُحال تہ ذومعنی کیفیت پادگرھان۔ یِم زِ خصوصیت چھے یکہ وٹہ زلتھ (تہ ادبس منز چھِہ یِم عموماً تھے پاٹھی کام کران) کثیرُ المعنویت یا معنہ ساوبر، بسیار جہتی تہ بے پناہ رمزیت وایمائیت (SUGGESTIVITY) وجودس منز انان شاعری ہندی لفظ آسن یا منظوم تہ نثری بیانیہ فن پارہ، سارنے منز چھِہ زِنتہ بجلی لہرِ ہندی پاٹھی نوٚوِ معنی داخل گرھان۔ وٹگنسٹائن سُند یہ وَنُن کہ "لفظک معنی گوو تمیک

ورتاو، چھُ تخلیقی ادبس پیٹھے پور پاٹھۍ صادق یوان ترٚیمہ تہٕ ثانوی اہمیتچ حامل خاصیت چھے تخلیقی
ادبچ موسیقی آسان ییمیک بہترین اظہار شاعری ہندِس وزنس تہٕ ترنمس منز سیدان چھُ مگر
ترجمس یہ کیفیت چھے درجچ فرق ہیتھ تمام اصنافِ ادبن منز کُنہٕ نہٕ کُنہٕ طریقہٕ موجود آسان۔

یعنہٕ چھُ یوہے سُہ مقام یتھ زن تخلیقی ادب ترجمہ کارن ہندِ خاطر زبردست مشکلات
پادٕ چھُ کران۔ مترجمس چھُنہٕ صرف لفظکۍ یوت ترجمہ آسان کرُن بلکہ چھے تس لفظچ سو معنویت
(IMPORT) گرٚنتس منز آسان انٛز یوسہ اکھ اکس مخصوص متنی ماحولس منز چھے آسان حاصل
گمٕژ۔ یعنے تمس چھُ آسان سُہ مفہوم تہٕ مدلول پیش کرُن یُس شاعرن بجلی کرنہٕ ہندی پاٹھۍ لفظن منز
دور نومت چھُ آسان تمس چھُنہٕ آسان محض اکہِ جملک یا کینژن جملن ہند یا اکس نظمہٕ ہندے
یوت ترجمہ کرُن بلکہ سُہ معنی حاصل کرُن یُس لفظن ہندس ترتیبس تہٕ تنظیمس منز تہٕ بین السطورس
اندر گُپھتھ تہٕ اڈراوِتھ چھُ آسان یتھ معنی ترجمس منز۔ وہ تلاون گو وژلہٕ ون زبو آر قاد کرُن۔

کیا خوب کتھ چھے کولرجن ڈُنیا منز کہ اکس مستند نظمہٕ ہندی تمام لفظ چھُ آسان تتھے پاٹھۍ ناقابلِ
تبدیلی یتھ پاٹھۍ اکہِ اہرامہٕ چہ کُنہٕ چھے آسان۔ اکھ کُنہٕ ہتاوتون تہٕ سورٕے اہرام گرِتھ زین بوس۔
ہندوستانس منز کولرج سُند ہمکال شاعر غالب چھُ شاعری ہندِس لفظس ہمیشہ طلسم یا مانہِ تھ
ونان یُس نوی نوی دُنیا اچھن بر ونہہ کُنہٕ وزناوان چھُ:

گنجینۂ معنی کا طلسم اس کو سمجھیے
جو لفظ کہ غالبؔ مرے اشعار میں آوے

یوہے وجہ چھُ کہ اکھ شعر یا ادب پارٕ چھُ ہر نوِ پرنہٕ وِزِ نوی نوی معنی تھٕوان۔ دوٚیمن لفظن
منز ونو کہ شاعری بلکہ بعزق مدارج تمام اصنافِ سخن اندر چھُ الفاظ تہٕ ترکیبہٕ علامتن منز بدلان
تہٕ یتھ پاٹھۍ زن یہِ تس چھُ ونان، کُنہٕ تہٕ علامتس چھُنہٕ دوہ یہ لٕژِ اکُے معنے ییران۔

THE MEANING OF A SYMBOL IS NEVER TWICE THE SAME.

گویا تخلیقی لسانی اظہار چھُ ناگزیر (INEVITABLE) تہٕ بسیار جہت آسان اسلئے

چھُنہٕ یہِ ترجمہٕ کَس گرفتس منز یِوان۔ تہٕ کیازِ یَس زبان ناقابِلِ تبدُّل آسہِ سو چھےٚ تمۍ نسبتہٕ ناقابِلِ ترجمہ
تہٕ آسان۔ موسیقی تہٕ امکہِ وَل چھِ بارٕ گۄلے مشکل بلکہ ناممکن ترجمہٕ کرٕنۍ تہٕ کیازِ تم چھِ وۄپدان اکہِ زبانہِ
ہِنزن مخصوص آوازن تہٕ بول چالچہِ زبانہِ ہِندِ ین تلہٕ تراوِن ہِنز۔ ترنم ریزی منز تہٕ بیٛیہ تمہِ چابکدستی
منز یوسہٕ تخلیقکارِ یمَن بدس اننس منز تھاوان آسہِ۔ سانِس کُنہِ ہمہ صدی ہِندِس شاعر رسول میر
سُند ساروے کھوتہٕ بوٚڈ طاقت چھےٚ تمۍ سُنز موسیقی تہٕ تلفظن بے واے گندن یہِ چیز بیٛیس زبانہِ منز
منتقل کرُن چھُ تیوتے ناممکن یوت گلابہٕ پوشہٕ ڈُھرِ وۄپیٚٹھ لوقطرٕ تُلُن بچے ہُنز ناممکن چھُ۔ محمود گامی
سُند مشہور لافانی باتھ چھُ کرسہ میون نیاے اندے۔ اَمِچ گریزِ وُنی تہٕ مسحور کُن موسیقیت
انگریزِیس منز اَنٛنچ کوشش چھےٚ سخت جتنہٕ کرِتھ تہٕ بے سوٗدٕے باسان۔ خبر ہومرس تہٕ دانتے
ہس تہٕ ماآسہِ ترجمس منز یِی گژھان یمہ کنٛز تہٕ اَسی تم چھکھ ہیکان اپری شیٖیٹ کرِتھ۔ حافظ
چھُ فارسیس منز زن تہٕ جود کران مگر انگریزِیس منز چھُ تمۍ سُنزن بے مثل غزلن ہُند ترجمہ (احا صکر
کرنل وِلبر فورسہٕ سُند ترجمہ) بے ذائقہ باسان۔ ولیم جونز سُند تہٕ جان رچرڈسن سُند ترجمہ
چھُ البتہٕ ہنا بہتر باسان تہٕ کیازِ یم دۄنوٕے اَسۍ فارسی زبانہِ پیٚٹھ کماحقہٗ دستگاہ تھاوان۔
آغا شاہد علی ین تہٕ شوکے کمارن دۄنوٕے چھےٚ "فیض صابٕنۍ یہِ ڈیٛپ زِ تہٕ ناقابلِ ترجمہ نظم "یاد"

دشتِ تنہائی میں اے جانِ جہاں لرزاں ہیں
تیری آواز کے سائے ترے ہونٹوں کے سراب

اے بسا آرزو کہ خاک شدہ

انگریزِیس منز پھیرٕمٕژ مگر
شاہد علی مرحومن چھُ عنوانک ترجمہ 'MEMORY' ستۍ کوٚرمُت تہٕ گوڈنیک شعر
یتھ پاٹھۍ پھیرمُت :

DESOLATION'S DESERT - I AM HERE WITH SHADOWS
OF YOUR VOICE, YOUR LIPS AS MIRAGE, NOW TREMBLING.

سیٹھاہ جان، سیٹھاہے جان مگر بیٚیلہِ سہٕ یتھ شعرس پیٚٹھ چھُ واتان :

دور اُفق پار چمکتی ہوئی قطرہ قطرہ
گر رہی ہے تری دلدار نظر کی شبنم
اَتی چھُس زَنتہٕ کھوند لگان:

..... AND FARTHER

DROP BY DROP BEYOND THE HORIZON, SHINES THE
DEW OF YOUR LIT FACE.

شوکمار چھُ عنوانُک ترجمہٕ کران 'REMEMBRANCE' تہٕ گوڈنیُک شعر یِتھ کٕنہٕ پھِران

IN THE WILDERNESS OF MY HEART, O LOVE,
WAVER
THE SHADOWS OF YOUR VOICE
THE MIRAGES OF YOUR LIPS.

"دور اُفق پار" وول شعر چھُ شوکمُار یِتھ پٲٹھۍ ترجمہٕ کران۔

AND THERE, BEYOND THE HORIZON, FALLS
DROP BY DROP, THE EFFULGENT DEW
OF YOUR ALLURING GLANCE

دونوٕنی ترجمہٕ کارن چھُ کینژہاہ اَتھِ یوان کینژہاہ راوان تہٕ یہے چھُ شعری ترجمہٕ کاری
ہُند واڑلُو۔

ہنا گژھ ہوا سی پننِس بحثس کُن واپس۔ یِتھ پٲٹھۍ اَسہِ چھِ یوان ہومرتہٕ دانتے ترجمس
منز پرتھ اِپریشیئیٹ کرنس منز مشکلات تِتھے پٲٹھۍ چھُ رابرٹ سودیں ہیو شاعر تہٕ نکتہٕ سنج
فردوسی سند انگریزی ترجمہٕ سٕتۍ پریشان گژھان۔ بوزی تو کیاہ چھُ سُہ شاہنامہٕ کِس ترجمس متعلق
لیکھان:-

OUR BARBARIAN SCHOLARS HAVE CALLED FIRDAUSI THE ORIENTAL HOMER. MR. CHAPMAN HAS PUBLISHED A SPECIMEN OF HIS POEM, THE TRANSLATION IS SAID TO BE BAD AND CERTAINLY MUST BE UNFAITHFUL, FOR IT IS IN RHYME; BUT THE VILEST COPY OF A PICTURE AT LEAST REPRESENTS THE SUBJECT AND THE COMPOSITION. TO MAKE THIS ILIAD OF THE EAST, AS THEY HAVE SACRILEGIOUSLY STYLED IT, A GOOD POEM, WOULD BE REALIZING THE DREAM OF ALCHEMY, AND TRANSMUTING LEAD INTO GOLD.

۱/

"پس ماندٕ علم وادبن تہٕ تہذیبن ہُند مطالعہٕ کرن وأل سأنی عالم چھِ فردوسیس وُنان مشرقُک ہومر۔ چیپ مین صابن چھُ تمی سٕنزِ نظمہٕ ہُند اکھ نمونہٕ (ترجمہٕ کرِتھ) شایع کورمُت۔ دپان یہٕ ترجمہٕ چھُنہٕ جان تہٕ یہِ کتھ چھےٚ یقینی کہٕ متنس سِتۍ آسہٕ نہٕ اکھ مطابقت تہِ کیازِ یہِ چھُ منظوم ترجمہٕ۔ مگر تصویرس اگر اکھ بدترین نقل تہٕ کرِوتو تہٕ چھُ سُنان کہ تصویرِ کیٚہ چھےٚ تہٕ کتھ پأٹھۍ چھےٚ ترکیب پرزیٚنہٕ سٕنزٕ۔ یم چھِ وُنان اکھ مشرقُک ایلیڈ (ILIAD) یہِ گیہِ ایلیڈس بے حرمتی کرٕنۍ۔ یہِ منظومہٕ کُنہِ طریقہٕ پٕٹھ نظمس منز تبدیل کرُن گوو کیمیاگرن ہُند پرون خواب پوٗرٕ کرُن تہٕ ناگس سون بناوُن۔"

اپریشنیچ تہٕ تعینِ قدرُچ یہِ مشکل چھےٚ تمہِ وِزِ زیادے بہٕن سخت بنان یِلہِ ترجمک تعلُق دون غیر متجانس (HETEROGENEOUS) زبانن

تہٕ آسہٕ ۔ مثلاً انگریزی تہٕ فارسی یا انگریزی تہٕ ہندوستانی ۔ ہم جنس (HOMOGENEOUS)
زبانَن (مثلاً انگریزی تہٕ فرینچ یا اُردو تہٕ فارسی) منز چھنہٕ یہِ مشکل کٔنہِ پٔہن پاد گژھان ۔ چنانچہ
محمود گامی سُند سُے نغمہ (کرسہ میون یٖناے اندے) یُس نہٕ ہزار جتنہٕ کٔرِتھ تہٕ انگریزیس منز بدس
آدکوٗر آسہٕ پرُس اَکِس ورکشاپس منز نسبتاً آسانی سان اُردوہس منز منتقل ۔ وجہ چھ ظاہر غیر متجانس
زبانَن منز چھ تہذیبی دوریر (DISTANCE) متجانس زبانن مقابلہ زیادے پٔہن آسان تہٕ ترجمہ کار
ہِند خاطرٕ یا قاری سند خاطرٕ چھ یہِ فاصلہ پرُون دُشوار آسان ۔ تہذیب چھ زبانہٕ اندر وَلیے
تہٕ بیٚستھ آسان مگر تخلیقی ادبچ زبانہٕ ، اَمہٕ کِس موادس ہیٚر تہٕ ڈھانچس غرض اَمہٕ کِس رُمس
رُمس اندر چھ یہِ شرپیٚومُت آسان ۔ مےٚ یِلہٕ واریاہ وٕری بروہہ اَکِس کالج طالب علمہ
ہِند حیثیتہ الوڈ نوئیس سُندِ نظم 'رہزن' (THE HIGHWAYMAN) پٔرِی
مےٚ گو یہِ پٔرِتھ حیرانی تہٕ شرمندگی ہُند احساس کہ اَکِس رِند ، مست تہٕ بے باک عاشقس
متعلق چھ یِوان وننہٕ کہ سُہ ژھنگ ہیوٗنی ہنڈی پاٹھی مارِتھ ۔

HE WAS SHOT LIKE A DOG

وجہ چھ یہِ کہ میانس تہذیبس منز چھ ہوٗنس سیٚتی مکروہ تلازمات وابستہ ۔ اَکِس
شہیدِ محبت سُند ذکر ہوٗن ڈیٚتھ کرُن چھ اَسہِ بے حُرمتی ہِش باسان ۔ نامہ بر چھ تمام مشرقی
شاعری ہُند اکھ اہم کردار تہٕ یہِ چھ مختلف رُوپ اختیار کران ۔ اَوبُر ، ہوا ، بادِ صبا ، جانور ۔
مگر کُنہِ تہٕ مغربی زبانہٕ منز اَمیک ترجمہ باسہِ عجیب و غریب یتھے پاٹھی باسہِ میر صابٕن یہِ
شعر تہٕ مغربی حیثیتس اُسُن لایق ہیوٗ :

دل کی لاگ کہیں ہو جو تو میر چھپائے اُس کو رکھ
یعنی عشق ہوا ظاہر تو لوگوں میں رسوا ہو گا

مرحوم سردار جعفرین دوٗن مےٚ اکہِ پھِرِ یِلہٕ سہٕ چیکوسلاویکیا دورس پیٹھ اوس
تمس آیہٕ فرمایش کرنہٕ کہ سُہ کرِ تہٕ کِس اَکِس ممتاز شاعر سِندِن کینژن شعرن اُردو ترجمہ یِم شعر

آیہٕ تٕمِس انگریزی ترجمس منٛز دِنہٕ۔ شعر آسی یِم:

LIFE IS HARD AS A STONE;

BREAD IS HARDER,

UNLESS YOU MIX IT WITH THE WATER OF YOUR DREAMS.

سردار صابن کوٚر یِمن ہُند اُردو ترجمہ یِتھہٕ پأٹھۍ:

زندگی سخت ہے پتھروں کی طرح

روٹیاں سخت تر

اپنے خوابوں کی مے میں بھگو لے انہیں

اَتھ ترجمس منٛز یُس چیز قابلِ توجہ چھُ سُہ چھُ یہ کہ آب (WATER) چھُ مَیس منٛز تبدیل کَرنہٕ آمُت مگر مے چھُنہٕ فارسیس، اُردوس ہُتہٕ کأشرِس منٛز محض شراب۔ افسوس کہ انگریزی زبانہِ ہُند کینہہ لفظ (LIQUOR, WINE) چھُنہٕ تِم تلازمات وۄتلاوِتھ ہیکان یِم زَن 'مے' چھُ وۄتلاوان۔

ترجمہ کارس بدِ خاطر چھُ اکھ کھۄری دار مسلہٕ یہ کہ تِمو پانٛژو چیزو منٛز یِمن ہُند تِمس بہر حال خیال چھُ تھاوُن، کتھ پیٹھ رٕزِ تِمس سُند توجہ زیادٕ مرکوز۔ تِم پانٛژھ چیز گَیہِ سوٚ زبان یَتھ پیٹھ ترجمہ سپدِ (SOURCE LANGUAGE)، سوٚ زبان یَتھ منٛز ترجمہ سپدِ (TARGET LANGUAGE) کروٲسی 'مُلہٕ زبان' ترجمہ SOUREE LANGUAGE مُناسب روزِ کہ TARGET LANGUAGE 'ترجمہٕ زبان'، مُصنّف، ترجمہ کار تہٕ پَرن وول۔ یِمو منٛز یَتھ اکِس پیٹھ یوٚتاہ زور آسِہ تِمے حسابہٕ گَژھن ترجمس منٛز تہٕ تبدیلی رونما۔ ایڈورڈ فِٹز جیرالڈ سُند رباعیاتِ عمر خیامُک ترجمہ پَران پَران چھُ بار بار یہ سوال وۄتھان۔ دِلو ٲسی وُچھو سُہ کتھہٕ پأٹھۍ چھُ اکِس خاص رُباعی ترجمہ کرنچ کوشش کران۔ یہ رُباعی

چھنے کیتھ واش کڈنہ خاطر اتفاقاً (AT RANDOM) ژلنہ آمژ۔ رُباعی ہند متن چھ یہ:

آمد سحری ندا ز میخانۂ ما

کاے رندِ خراباتی دیوانۂ ما

برخیز کہ پُر کنیم پیمانہ زمے

زاں پیش کہ پُر کنند پیمانۂ ما

۱۸۵۹ء ہس منز یُس رُباعیاتن ہند گوڈنیک ایڈیشن فٹز جیرالڈن شایع کور تتھ منز اوس امہ رُباعی ہند ترجمہ یتھ پاٹھی کرنہ آمُت۔

DREAMING WHEN DAWN'S LEFT HAND WAS IN THE SKY

I HEARD A VOICE WITHIN THE TAVERN CRY

'AWAKE, MY LITTLE ONES, AND FILL THE CUP

BEFORE LIFE'S LIQUOR IN ITS CUP BE DRY.

امہ پتہ یسدی رُباعیاتن ہندی وارِیاہ نوی ایڈیشن شایع ینہ مترجم رُود یمن نظرِ ثانی کران۔ یہے رُباعی چھنے ۱۸۶۸ تہ ۱۸۸۹ء کین ایڈیشنن منز یتھ پاٹھی ترجمہ گرتھان:-

۱۸۶۸:

BEFORE THE PHANTOM OF FALSE MORNING DIED,

METHOUGHT A VOICE WITHIN THE TAVERN CRIED,

'WHEN ALL THE TEMPLE IS PREPARED WITHIN,

WHY LAGS THE DROWSY WORSHIPPER OUTSIDE?

۱۸۸۹:

BEFORE THE PHANTOM OF FALSE MORNING DIED,

METHOUGHT A VOICE WITHIN THE TAVERN CRIED,

WHEN ALL THE TEMPLE IS PREPARED WITHIN

WHY NODS THE DROWSY WORSHIPPER OUTSIDE?

تہٕ نوٕے ترجمہ چھ شاعری لحاظہٕ ٹھیک مگر یتھ نہٕ چھ اصلہٕ نشہٕ تیوٗتاہ دوٗر کہٕ یم چھ بدل
کیاہ تام باسان۔ گوڈنیُک ترجمہ چھُ سارِوٕے کھوتہٕ بہتر مگر اتھ منز تہٕ چھےٚ اکھ بڈ بار خامی
خیامن یُس لُطف لفظ گِندن ( PUN ) کٔرتھ پأدٕ چھُ کوٗرمُت سُہ چھُنہٕ ترجمس منز کُنے
نظر گژھان۔ اصلہٕ کِس دوٗن شعرن منز 'یمانہٕ پُر کنیم' تہٕ "یمانہٕ پُر کنند' استعمال کٔرِتھ یُس
حُسن شاعرن پأدٕ چھُ کوٗرمُت سُے چھُ اتھ رُباعی شاعری بناوان مگر ترجمس منز چھُ یوٗہے
چیز غأب۔ تِھمن ترجمن نوٗہ سر ووٗپداوُن عمل (TANSCREATION) ونُن تہٕ چھُ باسان
ذرا مشکل۔ فٹز جیرالڈ چھا عمر خیامس نوٗ تخلیقی جامہٕ لاگان کِنہٕ تمس نِشہٕ تحریک حاصل کٔرِتھ
پننہٕ شاعری تخلیق کران۔ تمی سندین ترجمن منز چھُ تمی سُند تمام زور تمی سندِس پننِس ذاتس پیٹھ بحیثیت
مترجم تہٕ تمی سندٕن رُباعین منز چھُ تمی سُند پنُن فلسفہٕ حیات (یُس وِکٹورین عہدُک فلسفہ تہٕ چھُ)
تمی سندِس پننِس اسلوبس منز جلوہ گر سپدان۔ اصل مصنف، اصل زبان تہٕ قأری چھ تمام نوٗن منظرس
منز زِنہٕ تہٕ گال گھاتس تراونہٕ آمتی۔ صرف چھےٚ ہدفچ زبان (TARGET LANGUAGE) مرکز
تہٕ محور تہٕ یہ تہٕ فٹز جیرالڈ سند ذریعہٕ اظہار کہِ حیثیتہٕ۔

امہٕ باوجود کہ ترجمس منز چھ امہٕ قسمکی مسأیل تہٕ مشکلات درپیش یوان چھےٚ ترجمہ کأری
ییتھ پأٹھی زِن گوٚنٹے چھُ وَنان، سانہٕ خأطرٕ ناگزیر۔ امہٕ ورأے ہیکو نہٕ اسی انسانی علم و ادب تہٕ
تہذیب وتمدنکہِ پھولنگ تہٕ پھولنگ تصور تہٕ کٔرِتھ۔ ابتداہس منز کوٗرمےٚ عرض کہٕ ترجمن چھےٚ
انگریزی چین ونستاہ چہن دوٗن بجن تحریکن ہنز آبیاری کٔرمٕژ۔ یمو منز گیہ گوڈنچ تحریک الیزبتھین
دورُک ادب یمہٕ بروٗنٹھ یونانی تہٕ روٗمی ادبکی شاہکار انگریزِس منز آسہٕ آمتی منتقل کرنہٕ
تہٕ دوٚیم گیہ روٗمانوی ادبی تحریک یمہٕ برونٹھہٕ مشرقی ادبی شہہ پارن ہُند ترجمہ اُدس انگریزِس
منز سپدمُت۔ انگریزی چھ امہٕ دوٚیمہٕ احیا نوٚچ عمل چھےٚ اکہٕ اعتبارہٕ تہٕ تہٕ جأری تہٕ

اَمیک اکھ بہتریٖن اظہار چھُ پیٹس تہٕ ایلیٖٹ سنٛز شاعری۔

ترجمہٕ ستیٖ چھِ اصنافِ سُخن تہٕ اکہِ ادبہٕ بییٚن ادبَن کُن منتقل گژھان۔ مثلاً ڈراما ایپک (یا رزمیہ) ناول، اوڈ، سوانیٹ، ہائی کو، رُباعی تہٕ غزل۔ امہِ ستیٖ چھِنہٕ بیٚیہِ رنگےٚ یوت ادبن اندر وُسعت گژھان بلکہ چھےٚ مواد لحاظہٕ تہِ یمن اندر زرزر تہٕ برکت پیدٕ گژھان۔ اَزی کس دُنیہس اندر ییٚتہٕ زَن دوٗر برہٕ فاصلہٕ چھِ دوہ کھوتہٕ دوہ کم گژھان تہٕ تہذیب تہٕ تمدن چھِ اکھ اکِس نکھہٕ یوان چھےٚ ترجیح اہمیت تہٕ افادیت واضح تھےٚ پاٹھۍ چھےٚ یہِ کتھ تہٕ عیان کہِ ہندوستان ہوِس اکِس کثیر لسانی، کثیر مذہبی تہٕ کثیر تہذیبی ملکس اندر کاژاہ چھےٚ ترجمہٕ کاری اہم۔ کاشرِس ادبس چھےٚ بالخصوص وُنہِ کیٚن ترجمہٕ اکہِ وسوارٕ تہٕ رنگارنگ تحریکہِ ہنٛز اشد ضرورت۔ یہِ ترجمہٕ گژھن دوٚیو طرفو گژھن۔ عالمی ادبہٕ کیٚن شاہکارن، دائرۃ المعارفن تہٕ تنقیدی بنیادی کتابن ہُند ترجمہٕ گژھِ کاشرِس منٛز گژھن تہٕ کاشرِ ادبہٕ کیٚن موجودن جواہر پارن ہُند ترجمہٕ گژھِ بیٚین زبانن خاصکر انگریزیس تہٕ اُردوس منٛز گژھن۔ اگر یہِ سید سانہِ دستہٕ تیٚل مابنواسی تہٕ سُہ ماحول تیار کرنس منٛز مددگار ییٚتھ اندر ییٚتہٕ عالمی معیارکۍ ادیب تہٕ شاعر پیدٕ ہیکن گژھتھ یہِ اگر اسہِ بیٚنِس زمانہٕ قدیمس منٛز چھِ ہیوکمُت کرِتھ بیٚیہِ کیازِ ہیکو نہٕ کرِتھ۔



# کأشرِس منٛز شاعری ہُند ترجمہٕ

شاد رمضان

## اَنہار تہٕ عکس

یتھ پَرزس چھُنہٕ شاید کانٛسہِ اَلکار زِ کأشرِس منٛز چھےٚ ترجمہٕ کأری ہنٛز اکھ قدیم رِوایتھ یُمکۍ ابتدأیی اَنہار سنسکرت دورکِس گوڈٕکِس منٛز میلان چھِ۔ ناگ سین ہنٛز "ملند پنہہ" تہٕ گناڈے ہنٛز "برہت کتھا" نادِر کتابن ہُند ترجمہٕ چھُ اتھ دعواہس دلیل پیش کران۔ دوٚنی تِمہٕ کتابہٕ سوال زِ یم دوشوے آسہٕ ڈلیلہ کتابہٕ اماپوز یتھ زمانہٕ چہِ رِوایژ مُطأبق آسہٕ یم دوشوے کتابہٕ منظوم صوٗرتس منٛز۔ یوٚت تام زِ تواریخ تام اوس منظوم صوٗرتس منٛزے لیکھنہٕ یوان یتھ مثال راج ترنگنی چھےٚ۔ بلکہ اوس اردأیہ صدی تام کأشرِ نثرِ تہٕ پدٕ پدُ زِ تہٕ منظوم ترایے لیکھنہٕ یوان یتھ مثال "حاتم کتھ" یا "رُوٗسی کٔٹ" عنوانہٕ ہشہٕ ڈلیلہ چھےٚ

| | |
|---|---|
| آیہ رُوٗسی کٔٹ ژٕلان لاران | تس بچن ہُند پھیران |
| صُبح دُتھتھ منٛزے | زاگ ہیٚژن ناگہ منٛزے |
| اُمی ناگچ چینن تریش | اُمی ری نوینس زال |
| زالہ نجِمہٕ حالہ اسے | اُچھوکٕنۍ اَسۍ خوٗن تراون |

تس بچن ہُند پھیران

ترجمہٕ کأری ہنٛز اَمہٕ رِوایژ پیٚو فارسی دورس منٛز تِمہٕ ساعتہٕ عروج ییلہ بڈشاہن دارالترجمہٕ قایم کوٚر یتہٕ عربی، سنسکرت تہٕ فارسی ہِشن زبانن ہندی شاہکار اکھ اَکِس زبأنۍ منٛز ترجمہٕ

کرنہٕ آیہِ۔ یِمیُک ذکر مشہور تواریخ دان ابوالفضل یہِ وُنِتھ کران چھُ۔ "تِمۍ (بٔڈشاہن) کرناوِ
داریاہ کتابہٕ عربی، فارسی، سنسکرت تہٕ کاشرِس منز ترجمہٕ"۔ یِمَن اَتھ دارالترجمس منز رامایَن
تہٕ مہابھارت ہِوۍن شاہکارن ہُند ترجمہٕ فارسی زبانِ منز۔ تہٕ شاہنامہٕ، گُلستان بوستان تہٕ مولانا
رومۍ سُنز مثنوی ہِوۍن شاہکارن ہُند ترجمہٕ سنسکرتس منز کرنہٕ آو تِمَن آسہٕ ضرور کیٚنٛہہ سنسکرت تہٕ
فارسی تخلیقی فن پارن ہُند ترجمہٕ کاشرِس منز تہِ کرنہٕ آمُت امایوٗز اکھ سیاسی بوٗحرانہٕ کِنۍ سپُد
یہِ دارالترجمہٕ نار برزِ تہٕ یِمہٕ کِنۍ کاشر قوم ہمیشہ باپتھ اَمہِ مولہٕ خزانہٕ نِشہِ محروم سپُد۔ اَمی باگہٕ برزِ
رِوایژ ہُند اکھ پاس چھُ کنہِ یِمہٕ صدی ہُند بائبل مقدس تہٕ وُہمہِ صدی ہُند قرآنِ مجیدُک
کاشر ترجمہٕ تہٕ دوٚیِم پاس مثنوی تہٕ جنگنامن تہٕ سٕتۍ خیام، حافظ، غالب، اقبال تہٕ کبیر
ہِوۍن اہم شاعرن ہُند کاشر ترجمہٕ۔ سوچھے باکھ کتھ زِ موجوٗدٕ زمانکۍ ترجمہٕ چھِ پرانین ترجمن
مقابلہٕ کُھم باکھٕ بے زُو تہٕ بے توٗ زِھ۔ اَمیُک وجہ ہیکہ یہِ تہٕ آستھ زِ مثنوی مقابلہٕ چھُ غزل شعرن
ہُند ترجمہٕ ہنا مُشکل بلکہ تِمہٕ ساعتہٕ ناممکن یێلہِ ترجمہٕ منظوٗم تہٕ قافیہ بند آسہِ۔ مثلن

اُسے صبحِ ازل انکار کی جرات ہوئی کیونکر
مجھے معلوم کیا وہ رازداں تیرا ہے یا میرا

اقبالؒ

وونۍ بوزِو تو اَمیُک ترجمہٕ۔

اَمہِ چانہِ ڈٲنۍ صُبحِ ازل بُتھ پھیرُمتے کیا چھُم پے
سُہ تُہی پھیرُ واقفِ اسرار چون چھا کنہ میون

عبدالرحمن آزاد

یا نیٖتون مرزا غالب سندِ دیوانُک یہِ گوڈنیُک شعر۔

نقش فریادی ہے کس کی شوخیٔ تحریر کا
کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا

غالب

ترجمہ:- کٕہنہٕ شوخی ہُند چھُ قلمہٕ چہ نقش فریادی اما
کتھ نہٕ صوٗرژ پیکرس کاکدٕ ی پیرٕن لاگتھ اُکیا — ناظر کولگامی

○

اَتھ مقابلہ وُچھتو گُریز مثنوی ہندِ ین یمِن شعرن ہُند تخلیقی توٗوتھ۔

چھسے بوزتریشہ ہوت پیٹھ ناگرادس — دتم اکھ شر تھاہ ووہ نی وات دادس
بَرے تم چشمہٕ ڈلِتھ گے ہمبرزل — ژُلِتھ گےٚ ہرنہٕ ہانگل رودی جنگل

○

مےٚ عشقن یارٕ سندی ہیوٗرنا ہلہ بوٗزتم — دوٗدُم دِل واہ وارے سوٗر کوٗرنم
ژرےٚ چھےٚ ناکٕہنہٕ خطارہ چھم مےٚ پانس — مےٚ پانےٚ پران ہلوم زعفرانس

یاوُچھتو کھضر ملک صفائی ہندی فارسی پیٹھ ترجمہ کرٕ ی متی یم کینہہ مرثی شعر یمن منز ترجمہ کھوتہٕ زیادٕ تخلیقی جوش ووہ تلان تہٕ لسانی ہوش ووہ لسان چھُ۔

اُمی دوہ کھن وودنوو سُے آب فرات — گاڈٕ ہِنتھ کوٗرتع بیتھ تمی دوہ تہٕ رات
اُمی دوہ کھن وودنو وجینیہ ناتریش تمی — میانہٕ آبگ کوٗرنہٕ کینہہ اندیش تمی

○

دراصل گرٕ ژھہ ترجمہ کارس تمن دوٚشونی زبانن ہُند واتنیار آسُن۔ یمہ زبانی پیٹھ ترجمہ کرنہٕ یمہ تہٕ یتھ زبانی منز ترجمہ کرُن آسہِ۔ پرٕ زرچھُ یہ زِ ترجمہ کارس گرٕ ژھہ ترٕ ژھے مشس لسانی زان آسٕنۍ، یہ ترژھہ بذات خود شاعرس آسان چھےٚ تہٕ بنتی گرٕ ژھس شاعر سندِ ی پاٹھی تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی موزونی تہٕ بدس آسٕنۍ۔ بلکہ گرٕ ژھہ تس شعرکس فکری، ثقافتی تہٕ ادبی پوٚتہٕ منظرس تام تہٕ واتنیار آسُن نتہٕ آسہِ تسُند ترجمہ محض لفظن ہنز منظوم تگ تہٕ ترتیب۔ مثلن رسول میر چھُ پننس شعرس منز "خون" "سیاووش" تہٕ "غالب" کاغذی پیرہن" ورتاوان۔

کیا ماتَمن چھےٚ زیٖلہِ ہے کوٗر ہُتھ بر پا
صَد خونِ سیا و وشِ جانانہٕ مسارو شِن  رسول میر



نقشِ فریادی ہے کس کی شوخیِ تحریر کا
"کاغذی ہے پیرہن" ہر پیکرِ تصویر کا

ووٚنی یمِس ترجمہٕ کارس "خون سیا وِش" تہٕ "کاغذی پیرہن" ہوِن مذکورٕ اظہارن ہُند تواریخی کیو فکری پوٚت منظر معلوٗم آسہِ نہٕ، تُس کیتھ واتہٕ شعرکِس معنہٕ مفہوٗمس یا تجربس تام۔ اَتھ پوٚت منظرس منز وُچھتَو غالب سَندِس یتھ فکراَنگیز شعرس تام چھُنہٕ ترجمہٕ کار واتِتھ ہیوٚکمت۔

عالم غُبارِ وحشتِ مجنوٗں ہے سربسر
کب تک خیالِ طرۂ لیلےٰ کرے کوئی

معنہٕ مفہوٗمچ یا شعر تجربچ چھےٚ دوٗر کیتھ، ترجمہٕ کار چھُنہٕ زبٲنی محاورس تہٕ سنیومُت۔
عالم چھُ مجنوٗنی مرٛرک اکھ تہٕ غبارا
کوٚت تام خیالِ کاکلِ لیلےٰ کری کانٛہہ  ناظر کولگامی

یتھےٚ کٕنہ مضمون غالب سُندِ یہٕ مشہوٗر شعر۔
محبت میں نہیں کچھ فرق جینے اور مرنے کا
اُسی کو دیکھ کر جیتے ہیں جس کافر پہ دم نکلے  غالب

وو ذٕ بوزِ توٗ کاشُر زبٲنی ہٕندِس اہم شاعر امین کامل سُند ترجمہ تہٕ توٗ ہہ تہٕ ووتلہٕ شاید
منے پتہٕ تِژِ یہ احساس زِ شاعر کامِلس تہٕ ترجمہ کار کامِلس درمیان کوتاہ بٕن تہٕ کاژاہ تفاوتھ چھے
نہ چھُ شعرس منز باوَنہٕ آمتِس خیالس ستۍ انصاف سپدمُت تہٕ نہ شعرچہ لِسٲنی صوٗرژ ستۍ شعرس
منز ووتلین وٲلِس کردارس چھِ "کافر" وُنِتھ پاسل طرح بخشنہٕ آمُت تہٕ یوہے "کافر" لفظ چھُ
شعرس معنوی تہہ داری، لِسٲنی حُسن تہٕ اظہارچ برجستگی بخشان۔ یِلہٕ زن ترجمس منز کمہٕ تام
خارجی یا داخلی مجبوری کِنۍ ترجمہ کار مذکوٗر لفظ ورتاوِتھ چھُنہٕ ہیوٚکمُت۔

فرق سنس تہٕ مرنس چُھنہٕ بوزکھ چھِنے لوٗس منز
کڈاں دوہ دوہ یِمس وُچھ وُچھ تمس ڈلشتھ چھُ دم نیران — کامل

حالانکہ شاعر کامِلس چھُ لِسٲنی حِس بیدار، اما پوز ترجمہ کار کامِلس چھِ ترجمہٕ چہ مجبوری کِنۍ تخلیقی
وُڈو محدود سپدان تہٕ توے چھُنہٕ شاید لِسٲنی یا تخلیقی مجبوری کِنۍ اُردوٗ تہٕ کاشُر زبٲنی ہٕندِس
محاوراتی نظامس درمیان بٕن واضح کڈتھ ہیکان۔ "دم نکلنا" تہٕ "دم نیرُن" چھِ دوٚن
زبانن ہٕندِس ورتاوس منز تیژے غرق ییژاہ کرہنس تہٕ سفیدس درمیان واضح فرق
چھے۔ غالبن چھُ "دم نکلنا" زُ وٚنۍ نِمس معنیس منز ورتوومُت یِلہٕ زن کاشرس منز "دم نیرُن"
وقت گُذرُن" معنہٕ چھُ۔ (یوہے دم چھُ غنیمت یا دَمے چھُ غنیمت)۔ یِہ گیہ ترشہے ہش
کتھا۔ ہرگاہ کاشر زبٲنی ہٕندِس کُنہٕ افسانس یا ڈرامہس منز ورتاونہٕ آمتِس "پادشاہ" لفظس
اردو یا انگریزی یس منز ترجمہ کرُن آسہٕ۔ اسۍ وَنوٗ "راجا" یا "KING"۔ اما پوز کاشر زبٲنی
منز یِلہٕ کانٛسہٕ شخصس طنزن عیاش، لاپرواہ یا فیاض وَنُن آسہٕ۔ اسۍ چھِ تس وَنان
ژے کیا۔ ژٕ گوکھ پادشاہ۔ ووٚنۍ ہرگاہ یوہے لفظ اکھِ ڈرگہ معنیس منز کانٛسہٕ تخلیق کارن
ورتوومُت آسہٕ۔ ترجمہ کار کرِس راجا یا KING ترجمہ۔ فن پارک تخلیقی کردار گو وُمتاثر تہٕ
باوَنہٕ آمُت تجربہ گو وچھل چھانجرہٕ۔ یا یِلہٕ کانہہ دوہ لہٕ شونگان چھُ۔ اسۍ چھِ وَنان "تمہ
تروو کلہٕ" یا "زوٚلہٕ ہش ترأوِن۔ ووٚنۍ ہرگاہ نیندرہ بِیس تیلہٕ چھِ وَنان "اچھ بٕٹھ"

گیُس اُچھ" یا "زوٗل ہش آسَن"۔ ترجمہ کارَن ہرگہہ کاشُر زبان ہیٚچھمٕژ تہٕ آسہ مگر تس آسہ نہٕ زبانٕ ہندِس اَتھ لسانی زاوی جارِس یا اَمہٕ کِس محاوراتی نظامس تام ہرگز تہٕ واتنیار تہٕ یوٗہے صوٗرتِ حال گژھِ تس تہٕ یُس انگریزی، فارسی یا اُردو یا بیٚیہ کُنہٕ زبانٕ ہندس فن پارس کاشُر یا کھٹی ترجمہ کرِ، تکیازِ تتھ فن پارس منز آسن ضروٗر اَمہٕ قسمکی لسانی داو پیچ ییلہٕ زَن ترجمہ کار لفظن ہندِس ڈکشنری یا لغوی معنے ییٚسے تام محدوٗد ہیکہ رُوزِتھ۔ دراصل چھُ پرتھ کُنہٕ زبانٕ ہِنٛز محاوراتی نظام، ہِنٛز مخصوٗص مزاز، آوازن ہند ہِنٛز مخصوٗص ژھوپر زیچھر تُلہٕ تراوتہٕ لفظن ہِنٛز لغوی تہٕ محاوراتی معنہٕ آسان۔ بلکہ چھُ لفظن ہِنٛز فکری تہٕ ثقافتی پوٚت منظر آسان تہٕ اَمہٕ علاوٕ چھُ پرتھ زبانٕ منز لفظن ہِنٛز مخصوٗص احساساتی تہٕ جمالیاتی حِس بیدار کرنک قووتھ آسان۔ لفظک یوٗہے فکری، ثقافتی، احساساتی تہٕ جمالیاتی معنہ تہٕ قووتھ ژھینتھ سٕری تھِے ہیکہ شعر پرن وول یا ترجمہ کرن وول شعرکس داخلی تجربس تہٕ خارجی حُسنس تام واتِتھ۔ نتہٕ کیا چھِے بظاہر ژاگس تہٕ شمعس درمیان فرق۔ اما پوز یمن دوشونی ہم معنہٕ لفظن ہُند فکری، جمالیاتی تہٕ احساساتی پوٚت منظر ہٕ سوٗتھر چھُ موٗلے بیوٚن تہٕ بدوٗن۔ تھِے کُنہٕ کرکانہہ تہٕ بوزن وول "کنز ن" دزُن تہٕ "آمُن" ہوٚن لفظن ہنز بیوٚن بیوٚن احساساتی کیفیتھ محسوٗس۔ وونی ییلہٕ تہٕ ترجمہ کارس یمن لفظن ہندی متبادل آسن تسنز لسانی بادتھ تہٕ تخلیقی وُڈو سپدِ ضروٗر متاثر تہٕ محدوٗد۔ بلکہ چھُ پرتھ قومس تہٕ زبانٕ منز مختلف چیزن ستی وابستہ عقیدٕ، تصوراتھ تہٕ طرزِ اظہار مختلف تہٕ مخصوٗص آسن مثلن کاشُری چھِ زوٗنہٕ "زوٗن موج" وُنِتھ آکودِوان یا نادلایان۔

زوٗن موج زوٗنی ہانکل ترٛاو
بہٕ چھیس حیاٗنی وانکل کوٗر

یا

زۄن موج زۄنی کۄر چھے پرٛاراں
جل دِس حور سِکھرادِنی چھے

اَتھ برعکس چھ اردۄ دٲلۍ "اَتھ زۄنہٕ "چندا ماموں" وناں تہٕ لازمی کتھ چھےٚ زِ اَکھ بے جیٚزس ستۍ وابستہٕ دۄن زبانن ہندین الگ الگ اظہارن ہُند عقیدتی تصوُر تہٕ احساساتی کیفیت چھےٚ مختلف. یۄہے چھ وجہ زِ ترجمہ چھُ تخلیقی فن پارٕ کھۄتہٕ زیادٕ نۄزُک فن مانہٕ یِوان یِمہ کِنۍ اَتھ محض اظہارک عکس وَنُن. حالانکہ ترجمہٕ آسی تن ادبی، لسانیاتی یا معلوٗماتی اَمیُک بُنیادی مقصد چھ پَرن والیٚس بروٗنہہ کُن اصلی تخلیقی فن پارٕ اَنُن. اَوے کِنۍ چھ کینٛہہ ناقدین ترجمہ باپتھ RE-CREATION یعنی "تخلیق نو" ہیوٗ اصطلاح تہٕ ورتاوان. بقولِ

پرُوفیسر مُحمد حسن

"بُنیادی طور پر ترجمہ لسانی اور تہذیبی مفاہمہ ہے جو نہ اصل کی لذت
کو پُورا کر سکتا ہے اور نہ اس سے مکمل طور پر محرومی کو قبول کرتا ہے"۔

(ترجمے کا فن اور روایت ۱۹۷۶ء)

یِمن کتھن ہِنٛزِ ستۍ چھُ یہِ پَزر تہٕ ٹاکارٕ زِ شاید ہیکہ نہٕ ترجمہ کارس دۄ پرٕ زبانی ہندِ ہنا لسانی زاد جارن معنوی اظہارن تہٕ فکری کینٛہہ احساساتی سوٗتھرس تام تیٚتھے ہیوٗ واتنیار اَتھ یوت تمس نِشہِ ماجہ زیوِ ہندین گیٖتھ گوش تام آسہ. یۄہے چھُ شاید وجہ زِ سانٛی اکثر ترجمہ کار چھینہٕ اکثر جاین باتھے زبانن ہندین شاعرن ہنز شاعری کاشرس منز بھرنہٕ وِز کامیاب گامتۍ. خصوصن تمہ وِزِ ییٚلہ شعرُک ترجمہ شعرس منزے کرنہٕ آمُت چھُ سُہ تہٕ کینٛہہ مخصوص بحر تہٕ ردیف قافیس منز. مثالہ پاٹھۍ ہیٚمو علامہ اقبال ہنز شاعری ہندی تم کاشرۍ ترجمہ یِم کینٛژ وِ کاشر بو شاعرو یا ترجمہ کارو پننہ پننہ لسانی مقدورٕ تہٕ تخلیقی ہنر مُطابق کٔرۍ مٕتۍ چھ. علامہ اقبال ستہ ییٚتھ ہیوٗ فکر انگیز شار بوزو.

میں اور میری غزل میں ہے آتشِ رفتہ کا سُراغ
میری تمام سرگذشت کھوئے ہوؤں کی جستجو

وونی یوزی تو امیک کھوژ ہیٹ تہٕ یہ ڈیپی زِ تہٕ بے معنہٕ ترجمہ ییتھ نہٕ شعر تجربس تہٕ تجربس منز وونی وأرس معنہٕ مفہومس ستیٖ کانہہ ہشر چھُ تہٕ نہ چھےٚ امہٕ تجربہٕ یا معنہٕ مفہومہٕ نبر شعرس کانہہ لسانی ساخت یا معنوی مول۔

غزلہ ہے میانِس تہٕ مےٚ رٹھیٖوی متےٚ نارکے تلاش
میأنی تمام سرگذشت رٲوی متین جستجو

غلام قادر اندرابی

یا

نیب چھُ میانہٕ غزلہٕ منز پزون الاوِ شولہٕ وُن
میون زُون چھُ سربسر رٲوی متین لبنہٕ براتھ

رسول پونپر

خبر...... جستجو تہٕ براتھ لفظس منز کُس ہشر چھُ ترجمہ کارس باسان تہٕ زانہٕ سُے۔ علامہ اقبال ہندِ ییمہ مشہور شعرک لفظی ترجمہ تہٕ وُچھو تہٕ معنہٕ اوکطرف ترأوِتھ پرِزنأوِو دوشوَنی زبانن ہندین شعرن مُنْدیوٚن بیوٚن لہجہ تہٕ آہنگ تہٕ اظہار تہٕ عکس سیٚد واضح۔

اُسی کوکب کی تابانی سے ہے تیرا جہاں روشن
زوالِ آدمِ خاکی زیاں تیرا ہے یا میرا

ییمی اکہٕ گاشہٕ لبیہ ستین چھِ پزلان ژٲنگ سمساہرکی
اگر انسان داوِس لوگ سُہ نوقصان چون چھا کِنہٕ میون

عبدالرحمن آزاد

اَمی اکہ تارِ کٔکہِ گاشے جہانس گاش چھُے چوٗنے
زوال یُن آدمس ونتم زِیاں چھاچون کرِنہٕ میوٗنے — اندرابی



اے طائرِ لاہوتی اُس رزق سے موت اچھی
جس رزق سے آتی ہو پرواز میں کوتاہی — یا۔

لاہوتہٕ وُڈَو چوٗنے تِتھہٕ رِزقہٕ مرُن بہتر
یِتھہِ رِزقہٕ یِوان وُڈوس منز آسہِ ترے کوتاہی — اندرابی

لاہوتہٕ کہ ہا قمریو تِتھہٕ رزقہٕ مرُن بہتر
یِمہِ رزقہٕ سِیِ وُڈھنس کرِنہٕ رنگہٕ ترے کوتاہی — امین کامل

علامہ اقبال سندِ یِمہِ شعرُک بےٚ زوٗ منظوٗم ترجمہ تہٕ وُچھتوٗ یُس معض لفظن ہندِ ہیر پھیرٕ سان چھُہ۔

پھر چراغِ لالہ سے روشن ہوئے کوہ و دمَن
مجھ کو پھر نغموں پہ اُکسانے لگا مرُغ چمَن

پوش پھوٚلی متی جنگلن چھاکنہٕ چھہٕ پُرِ دِین منز نمائش
کیہنہ لیڈرٕ کیہنہ سِلی کیہنہ چھیٚتی کیہنہ وہ زوٗلاگھ بھرن

امین کامل

پوش چھایم مرگہ منز کیہہ پری یہ ڈری گنڈی گنڈ دوہ دہ نی
ناکی مخملی، نیلی جافری رنگہ برنگی چھکھ پھیرن

موتی لال ساقی

پوش پھولی متی چھاوَن کیہہ ڈری چھہ پری لو گنڈی متی
رنگہ برنگی جامہ لاگتھ مان لچھر چھکھ رنگن

اندرابی

تہ کرنتھ نہ چھ باضے اقبال نہ شاعری منز ترجمہ کرنہ آمتی۔ یتھی ہوی مصرعہ خوش کران یم اصل معنہ مفہومس سٔتی سٔتی بنیہ تخلیقی ہونرمندی ہند نیب دِوان چھ۔

داو صُبحک پوشہ ڈٔتھرن موخۃ شیران شبنمگ — اندرابی

○

پوشہ نرگس پیٹھ تھوتھ لو موخۃ لوک صُبحک ہوا۔ — کامل

دراصل چھُ شعر شعرس منز۔ پھرُن بہر حال اکھ گُدٔر عمل ییٚس ترجمہ کارٕ ہندین نقادن ہندی کنی گو لابس نشہ خوشبوے ژور نکس برابر چھُ۔ اَدکنی چھ بعض نقادن ہُند یہ وَنُن صحیح زِ شاعری ہُند ترجمہ گرٚتھ نہ عروض بند آسُن بلکہ آزاد ترجمہ تاکہ شعرک اصل رُوح واتہ پرَن والِس تام۔ ناہم چھُنے یہ کتھ اہم تہ لازمی زِ ترجمہ کارس گرٚتھ دون زبانن تام مکمل وآتیبار آسنس سٔتی سٔتی لسانی ورتاوچ شودبود تہ تخلیقی ہونرمندی آسنی۔ اَمہ اعتبار چھ مرزا غالب ہندین گیتن ن شعرن ہُند رحمن راہی سُند کورمُت آزاد ترجمہ غالب سندین باقے سارنے کاشرن ترجمہ کارن مقابلہ واریاہس حدس تام اصلس نکھہ تہ تخلیقی اعتبار ماری موند۔ مثلن۔

سب کہاں کچھ لالہ و گل میں نمایاں ہو گئیں
خاک میں کیا صورتیں ہوں گی کہ پنہاں ہو گئیں　　　　غالب



سارئے کتہ ، کانہہ کانہہ نئں دڑا یہ
ٹیکہ بٹئں تہ یمبر زل لا گتھ
میڑ منز ، کمہ صورژ آسن یم کھٹی تھے بیچھ -



ڈھونڈے اس مغنی آتش نفس کو جی
جس کی نوا ہو شعلۂ برقِ فنا مجھے

دل چھ ژھاران بٹ تمس آتش نفس فنکارس از
یے نیتس ژرٹ نار وزمل گتھ لسند کل من فنا



قمری کفِ خاکستر و بلبل قفسِ رنگ
اے نالہ نشانِ نفسِ سوختہ کیا ہے



گل تہ مرموٹھ ، بلبل رنگہ تونب
ہے فریادِ کریکھی
ڈدی متہ جگرک چھے کانہہ ژنے ورے بیہ کانہہ نیب نشان

رہروِ تفتۂ در رفتہ بہ آبم غالبؔ
توشہ بر لبِ جو ماندہ نشانست مرا

غالبؔ

یا گوٚو شمع تہٕ دٔزوٕن للہٕ وٕن سحرس تام
نہٕ گوٚو سےٚ التریشہِ وٕسہتھ گوٗمت وٕتہٕ گِتھ

لاریو
آبس پھوٚٹ
کولہِ بھٹ تروٕون نیب
پلو ـــ یِم نالہِ کجیئن

حالانکہ غالب ہندِ برُبکہ تہٕ برجستہ اظہار پڑاوان والہِ ییمہ شعرُک رحمان راہیٔ سند آزاد ترجمہ تہٕ چھُ ییمہ بزرُک گواہ زِ شعرُک اصل گوٚو کامہِ دار کأشر شالک بیٹھُم پاس تہٕ ترجمہٕ شالکُ أندریمُ پاس۔

بزم ترا شمع و گُل خستۂ گیٔ بوتراب
سازِ ترا زیر و بم واقعۂ کربلا

○

چانہِ محفلِ ہُند پرزلوٗن شمع تے خوشہِ وٕن گولاب
خستگی بوتراب

چانہِ سازُک زیر و بم تے سیٖر سوز ـــ واقعہٕ کربلا

وُں گووتہٕ کرِتھ تہٕ چھ باضے ترجمس منز ترجمہ کارُسند تخلیقی قووتھ ووشلان تہٕ ووِلسان ۔
یہٕ چھُ تیلی ممکن تیلہِ ترجمہ کارس دوشونی زبانن تام نہ صرف واتنیار آسِہ بلکہ آسُس لفظن
تَنہِ ورتاوَن وَل بدس ۔ دراصل گژھہِ نہٕ ترجمہ کار لفظی ترجمہ کرُن بلکہ گژھہ شعرس منز
باوَنہٕ آمُت خیال یا تجربہ ژینتھ ییٚنہ تخلیلی آگہی تہٕ تخلیقی ہوژمندی ہندِ ادراکہٕ ییٚنہ مخصوص
زبانٕ منز باوُن ۔ وُچھتو حضرت شرف الدّین بوصیری سُند فارسی قصیدہ بُردٕ مُک پروفیسر
رشید نازکی سُند کاشُر ترجمہ یِتھ گوٚژھ بیٚٹھ اندس تام اصل روحس ستی ستی تخلیقی قووتھ تہٕ
موجود چھُ ۔

یارِ دلدارِ ذی سلم ییٚیہ یاد
خوٗن ہورِتھ اَچھو تہٕ بوکیتھ ناد
کاظمک مُشک چھوکرِ واوِ گلیو
وُزملو گیُند کوٚرا اِضم تہٕ بلیو
سَرشامن سُہ آو واپس دراو
راتی راتس لَلُو منے نارِ الاو



دراصل چھُ شاعری ہُند ترجمہ کرُن وِزِ منظوم ترجمس مقابلہٕ نثری ترجمے اصلس نکھہ
روزان تکیازِ ترجمہ کارس چھُ اکہِ پاسہٕ تخلیق کارُسندس تتھ خیالس یا تجربس پابند روزُن یُس
خیال یا تجربہ تمی سُندِس شعرس منز بوٚدمُت آسہِ تہٕ بیٚکہِ پاسہٕ چھِنے ترجمہ کارس تخلیقی وُڈو
ردیفن قافیَن تہٕ بحر ورتاونٕچہ ہوژمندی چھیٚنیہ لگان ۔ یوہے چھُ وجہ زِ کاشرس منز
چھِ شاعری ہندی تمے ترجمہ مقابلتن اصلس نکھہ تہٕ کامیاب یِم آزاد یا نثری ترجمہ
چھِ ۔ بلکہ چھِ تمہِ قبیلکین ترجمن ہنز تخلیقی تہِہ باضے ترجمہ کارُسند شاعرانہ جوہرک
نیب دِتھ یہٕ محسوس کرناوان زِ یم چھِنہٕ ترجمہ بلکہ اصل تخلیق ۔ اَمہِ اعتبارٕ چھِ پروفیسر غلام نبی

فراق ہندی تم ترجمہٕ قابلِ ذکر یم تموٕ انگریزی زبانی ہندین قداور شاعرن ہند۪ن شاہکار نظمن کرٕی متی چھہ۔ یم ساری ترجمہٕ چھہ "رنگ نظرن ہندی" ناوچہ کتابہٕ منز کاشری ڈیارہٕ مشن چھاپ کرٕی متی۔ مثلن آسکر وایلڈ سند "محبوب سنزِ قبرِ پیٹھ" عنوانہٕ نظمہٕ ہندی کینہہ مصر چھہ مثالہٕ بابتھ پیش۔

اکھ اَسُن کرِ ہے سنگرمالن یوان اوس نوبہار
پوش برگاہ متی دِ کی باوان آسم نوٕ و بھونُن
سونچہٕ کس سوزس اندریٖلہٕ آسی تس منزی وُڈھ پوُلاں
نورِ صبحک نارشالک زن کران آسی نالہٕ متی

یا جان کیٹس سنز "بُلبُلن کُن" عنوانہٕ نظمہٕ ہندی یم مصر۔

کنٕڈی دہ پھوٚنزی یُس چھُ کھاران مُشکہٕ ہتی رنگین گولاب
یوسمن تھر یار سند ہیٚو یاوُنا بخشان یُس
لولہٕ حسین سوٚرمہٕ لاگان پانہٕ یُس یتمبرزٕ لن
لالہٕ روئی پیالہٕ یُس تھاوان بٔرِ بٔرِ شبنمکی
یُس جواں وایان سازہٕ مانجہ ٹٕکراہ لولہٕ متی
سونتہٕ کس شامس نیستانُس گلستانس اندر

یتھے کنٕی وُچھتو سنز وجنی نایڈو سنز اکہٕ نظمہٕ ہند کاشر نثری ترجمہٕ۔ ترجمہٕ کار چھُ پروفیسر مرغوب بانہالی۔ نثری ترجمہٕ کنٕی چھُ اصل تخلیقہٕ مندرج کاشرِس ترجمس منز موجود۔

سمندرکی واون ہنیہ پانس ہتی
سمندرکی ساری امکانات ڈھہ
مگر منے چھُنہٕ امیک کانہہ پرواہ

تِکیاز تہِند ہستی چھِس بہٕ
تقدیرِچ بے ساختہٕ گِنگراے بوزان
ہے بے سہارہ تہٕ پرٛژھینو ٹوکو
ہرگاہ نوٚی تہٕ دوٚیمِہ فناپذیر چیزن ہندی پاٹھی چھو
یِمن موت ختم کران تہٕ تقدیر مٹاوان چھ۔
مےٚ چھُنہٕ امیُک کانہہ پرواے
تِکیاز تِہۍ چھو میانِس دِلس تام خُدایہ سِنز بصیرت ہیتھ یِوان۔

اَمی قبیلُک نثری ترجمہ چھُ پروفیسر شفیع شوق انگریزی زبانی ہندِس شاعر آغا شاہد علی (یُس اَز کاشُر چھُ) سُنزِ ان الہٰیہ پینٹرٕ ہِنِ نظمِ "زوٚ چھُم برماں" ناوٕ چہ کتابہِ منز کران۔ ترجمہ کار چھُ شاید نثری ترجمہ کِنی تخلیق کارسند اصل موضوع یاوٕنو نظمِن منز باوٕنہٕ آمُت تجربہ کاشرِس قاری یَس تام واتناوٕنس منز کامیاب گومُت۔ دوٚیُم یہِ ز ترجمہ کارن چھُ لفظی ترجمہ بجایہِ باوٕنہٕ آمتِس خیالس کُنہِ مُطوٕن مرکوز کوٚرمُت تہٕ سُہ خیال چھُن کاشرِ زبانی ہندِس محاورس منز پیش کرنٕچ کوشش کرمٕژ۔

اکہِ بوسہِ موکھ! آسہِ اسہِ اُچھ وٕژھے
تہٕ ووٚنی بیٚلہِ گولہِ ورشُن چھُ گرٛزھان
تہٕ سانہٕ دوٚژھہِ پیٹھ چھِ راٚنٹھل
کُلِہِن ہندی وٕتھر لاینہٕ یِوان
پیٚتہٕ کیا روٚد پیٚتھ کُن! اکہِ نبہٕ دِندوٚراے



اَمہِ برونہہ ز دِلوارن ہتھ راٚنٹھ
یِن وٕتھر وٕتھر پھولِتھ

اکھ سگریٹ اوس دزوٗن ژھینہٕ گمُتس دُنیاہس منز
یہ اکھ مشک ہیوان۔ گنڈکھ یٚج زالِتھ



ترجمہ کار شعرُک لفظی ترجمہ کرنہٕ بجایہ شعرس منز باونہٕ آمُت خیال ژٕنیتھ نٕتہٕ اکھ خالص پننہٕ تخلیقی تجربہ بناوِ، شعر پَران پَران واتہِ پَرن وول ضرور تتھ تجربس تام یتھ تجربس شاعرن زِنہٕ ووٚ چھے درمژ آسان تہٕ یِتی پزاوِ حظ تہٕ سرور۔ ہٕ سوے چھے شعر ترجمچ افادیت تہٕ اہمیت۔

غزلک مطلع چھُ۔

دل ہی تو ہے نہ سنگ و خشت درد سے بھر نہ آئے کیوں
روئیں گے ہم ہزار بار کوئی ہمیں ستائے کیوں

وہ نی بوزی تو امِہ شعرُک منظوم ترجمہ تہٕ تہٕ دوٚن ترجمن مُند تقوبل کرتھ گژھہِ یہ واضح زِ ترجمہ کرتہٕ ورتہٕ گژھہِ شاعر ترجمہ کار ستر تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی ہونرمندی وولسنس یِژ تاکہ ییتہٕ مخصوص لسانی صورژ دِس بنہٕ ترجمہ اکھ تخلیقی تجربہ۔

یِنے چھُ دِلے نہ سیرِ کٔنی داد بٔرتھ یہ کو ہٕ یی
اَسی وَدو ساسہ لٹہٕ تہٕ کانہہ کیا زِ ستاوِ بی — ناظر کولگامی

بیاکھ ترجمہ:

آوزن اَتہٕ واتہِ بوٚڈمُت دِل نہٕ بھٹنس کرِ زِ کیا
باکھ ژھٹہِ دِیہ چاکھ جامن دل چھُ دل کٔنی سیر چھا

شاد رمضان



واں وہ غرورِ عز و ناز یاں یہ حجاب پاسِ وضع
راہ میں ہم ملیں کہاں بزم میں وہ بلائے کیوں

تور غرور ناز شان پاس وضع چھ پور بٹھور
سمٲھ وَتہٕ تہٕ اسی کتھن کیاہ مٔے بزمہٕ منٛز یِنی

ناظر کولگامی

بیاکھ ترجمہٕ :- نازنین یارس چھ بجرُک ناز اُسی مٔت وضع دار
مٔے تہٕ نہٕ سمکھن وار سِرہ تور سوزِہم نادما

شاد رمضان

○

غالب خستہ کے بغیر کون سے کام بند ہیں
روئیے زار زار کیا کیجیے ہائے ہائے کیا

غالبس خستہٕ گٲمتس رٔوس چھنے وُن کم سہ کامہٕ بند
وُدی زہے زار زار کتھ وے ویلا کیاہ کرِی زِ بی

ناظر کولگامی

وچھ ژٹاں چھو کیاہ زہاراں اوش چھکھ غالب بجور
تھٕہند رٔوس پکہٕ کار واں سمیک ژھنو ترا وِتھ کتھا

شاد رمضان

○

حالانکہ ناظر کولگامی چھ پانہٕ اکھ رُت شاعر یُس پننہٕ شاعری منز خوبصورت لفظ تشبیہہ تہٕ استعارہ ورتاوان چھ ۔ بلکہ چھ شبیہہ کاری منز ناظر کوہ لگامی پننہٕ قبیلہ کس شاعرن منز اسارنے سرس مگر دراصل چھ منظوم ترجمس منز ترجمہٕ کارُسند تخلیقی فن تہٕ لسانی ہوژمند اُکس مخصوص بلکہ دنو پابند دائرس چھیپہ لگان ۔ پننہٕ کرُتھ تہٕ چھ ناظر صابن یتھی ہوی ترجمہٕ شعر ضرور پرن واتنس پانس کُن متوجہ کران تہٕ غالبس سندس خیالس نچھ واتاوان۔

تھا خواب میں خیال کو تجھ سے معاملہ
جب آنکھ کھُل گئی تو زیاں تھا نہ سود تھا　　　غالبؔ

خابس اندر خیالس اوس ژےٚ ستۍ لین دین
بیدار گیہِ نہ اوس کانہہ گاٹے نہ اَسِس زِ ی　　　ناظرؔ

یا

اللہ اللہ ووٚنی جفا نِشہِ تام گیہِ محروم اَسی
دشمنی یِیِٚ شراہ تِمن ستۍ یم چھِ رُژھراوان وَفا　　　ناظر

○

کُلہم پاٹھۍ چھُ یہِ یَہ زٹاکارِ ز فارسی، اردو تہٕ انگریزی زبانی ہتہٕ۔ شاعری ہندیُس ترجمہٕ کاشرس منز ازتام یُس نمہ ستۍ سُہ یٔزنہٕ پاٹھۍ کاشر ادبس اَدبی تہٕ لسانی خزانس اکھ موٗلُل بُرزَر امہٕ خزانک ساروٚے کھوتہٕ موٗلُل حصہٕ چھُ کاشرس منز ترجمہٕ کرنہٕ آمژن مثنوی یَن تہٕ جنگنامن ہند۔ موجوٗد دورس منز کرنو ساہتیہٕ اکادمی تہٕ "ہندستانی ادکچ معمار" سلسلس تحت کینژن اہم ہندستانی شاعرن ہند ترجمہٕ کاشرس منز۔ یمن منز کبیر (شاد رمضان) سروجن نایڈو، (مرغوب بانہالی) بابا فرید (رحمٰن راہی) رتن ناتھ سرشار (محمد زمان آزردہ) بہتر قابلِ ذکر چھِ۔ یمہٕ ستۍ کُلہم پاٹھۍ کاشر زبانی منز تہٕ ادبس موضوع تہٕ لسانی اعتبار کافی فایدٕ ووت۔

○

مجروح رشید

# شعرک ترجمہ تہٕ تمدنی پوٚت منظر

پریتھ ادبی تخلیق کیو صنف یا وُنو اَزِ چہ زبانہِ تہٕ محاورس منزٕ پریتھ کانہہ لسانی وجود چھُ کُنہِ مخصوص قومکس تمدنس تہٕ تہذیبس، تمہِ کِس اجتماعی لاشعورس تہٕ تمہِ قومچہ زبانہِ ہنزٕ ریوایژ منزٕ سٕنٛ نول دِتھ آسان تہٕ یتی چھےٚ پریتھ ادبی تخلیق یا صنف اکہ مخصوص زمان و مکانچ پَیداوار تہٕ آسان۔ زمان و مکان، تہذیب و تمدُن شعور تہٕ لاشعور تہٕ دوٚیمہِ ادبی ریوایژ چھےٚ شاعر سندِس تخیلس تُمہِ سندِس تخلیقی مادس تہٕ تمہِ سنٛزن تخلیقی صلاحیژن مخصوص حالاتو تہٕ واقعاتو کِنہِ اکہِ نہٕ بیٚیہِ طریقہٕ نہ صرف متاثر کران بلکہ یِہ دِپزٕ زتہ تہٕ CONDITION ۔ یِم ساری چیزٕ تہٕ خصوصیاتھ چھُ اَکِس اکہ ستی زٕلتھ شاعر سنزٕ باوژ ہندی حد تہٕ متعین کران تہٕ تمی سند اظہارکِن امکاناتن ہندِ پے تہٕ دِوان۔ باوژ ہندی یم حد یا مشکلات تہٕ اظہارکی امکانات چھِ تمس تمہِ تمدنی تہٕ تہذیبی منظرنامک شعوری کیو لاشعوری طور ادراک کرناونٕ یِمہِ منظرنامکُ شاعر پَیداوار آسہِ یا یتھ منزٕ سُہ پرتھیومُت آسہِ یتھ پاٹھی ہیکو شاید یِہ کتھ ہنا اعتماد سان وَنتھ زِ کُنہِ تہٕ زبانہِ ہُند شعری ادب چھُ تمہِ زبانہِ ہندِ لسانی ڈھانچہِ یا ساختہِ ستی پننی خدوخال بدٕ کڈان۔

C.F. OCKETT چھُ شعرس منزٕ تمدنی پوٚت منظرچ یا تہذیبی منظرنامچ کتھ کران وَنان ٚ

زِ یہِ پوٚت منظرٕ تہٕ منظر نامہٕ چھُ شعر کِس تخلیقی عملس منز اکھ نیٚتہٕ بنیٛہ طریقہٕ کار فرما روزان تہٕ یہِ
چھُ تخلیق کارس تخلیقی سانچہٕ فراہم کرِتھ تمس بنیٛس تخلیقی مادٕ بہتر پاٹھۍ تخلیق کرنس منز تہٕ تمیٚہ
برزٕ نہٕ پاٹھۍ صورت گری کرنس منز مدد کران ۔ شاعر یٛیلہِ تخلیقی عملہِ منز آوُر چھُ آسان تمِس چھُ
تخلیقی عملہِ ہنٛد گوڈنکہِ لمحہ بیٚٹھے یمہٕ کتھہٕ ہنٛد خاص خیال روزان زِ لفظ، لفظن ہنز آواز۔ اچھر
تہٕ تہنٛد شروٗنی شروٗنیکہٕ وٕہڑلتھ اکھ تخلیقی وحدت بارس انٛن یُس تمام پانہٕ ونیو باوجود
اکھ خود مختار وجوٗد کہ حیثیت پراو۔ یہِ چھُس مولہ کنہِ یمہٕ کتھہٕ ہنٛد ضروٗر قایل زِ شاعر چھُ فطرتاً
پادٕ گژھان تاہم چھُس یہِ ستی یہ کتھ بیٚٹھ تہٕ یقین کران زِ شاعرس چھُ پننِس شاعرانہٕ وجوٗدٕ تہٕ تخلیقی
اظہار بدکڈٕ تہٕ باپتھ زبردس ریاضچ ضروٗرتھ یتھ منز فکرِ سخن کرنس ستی ستی سوٚن تہٕ گوٚن
مطالعہ کرنس اکھ خاص اہمیتھ چھے ۔ بقول غالب شاعر گژھ گفتار چو رگو منز پننہِ باوژ ہنٛد
عطر چیرتھ کڈُن ۔ شعری باوتھ چھے اکھ طلسماتی باوتھ آسان یمہٕ کنہِ یہِ نثری باوژ نِشہِ مختلف
چھے آسان ۔ یہِ چھُسکھ تمہِ نثری تخلیقہٕ تہٕ شعری ادبس منز ۔ شامل تصور کران یمن ہنٛدی
لفظ شعری تخلیقن منز ورتاوٕ تہٕ آمتین لفظن ہنٛدی پاٹھۍ وٕچھ کران تہٕ اکھ طلسماتی کیفیتھ
بارسس چھِ انان ۔ بقول کیٹس

CHARM'D MAGIC CASEMENTS OPENING ON THE

FOAM OF PERILOUS SEAS, IN FAERY LANDS

ٹاکارٕ چھُ زِ شعری باوتھ چھے باوتھ آسنس ستی ستی اکھ طلسم خانہٕ آسان تہٕ اتھ طلسم خانس اندر واتنہٕ
خاطرٕ چھے قاری پس پایرن واتس اکہ تزنہ مانٛجھر ہنز ۔ ضروٗرتھ بوان یوسہٕ امیٛک برمزٕ اودھ
ہنکہٕ تہٕ پانٛچھ ہنکہِ تمس تیٚلہٕ حاصل سپدتھ یٛیلہِ تمس تمہٕ ساری تمدنی ماحولک تہٕ پوٚت منظرک
سوٚن تہٕ گوٚن مشاہدٕ تہٕ مطالعہ آسہِ یتھ منز ۔ شعری پیکر بارسس آسہِ آمت تہٕ یتی آکسس
تہٕ مروج شعریاتس ستی تہٕ زبر واقفیت یُس شاعر ہنٛدس تخلیقی شعورس CONDITION
چھُ کران ۔ یہِ چھے الگ کتھ زِ بڈی تہٕ عظیم شاعر چھُ مروجہ شعریاتس خلاف باضے بغاوتھ

کرِتھ اکھ نۄو تہٕ سرتاز شعریات بارسس انان تاہم چھ یہ تہٕ پرزرٕ پرٛتھ کانٛہہ شعریات چھ
مولہٕ کنہِ اکس بڑس شاعرٕ سٕندی دسی توسیع لبان تہٕ ینہٕ وٲلین شاعرن ہٕندِ خٲطرٕ چھِ پتھ تخلیق کرنچہ
وتہٕ زیادٕ ہموار تہٕ روشن کران ۔

اکھ شاعر ییٚمہِ ساعتہٕ شعر تخلیق چھُ کران تَمہِ ساعتہٕ چھُنہٕ فقط تٚمۍ سٕندِ تخلیقی وجوٗدٕ
یوت سرگرم عمل آسان بلکہ چھُ تٚمۍ سٕندِ زمان و مکان تہٕ تَمہِ مخصوص سُہ لمحہ علاوٕ ییٚتھ منٛز شعر ہیٚتھ زٕ چھُ
یوان سُہ تمدنی ورثہ تہٕ سٹھاہ سٕنٛدٕ ژسان کارفرما روزان۔ ییٚمہِ کِنۍ شاعر اکھ حصہٕ
چھُ آسان۔ یاوتو دۆیمِس لفظن زٕ پرٛتھ کانٛہہ شاعر ییٚمہِ ساعتہٕ شعر ونان چھُ ہیوان لۆدوے
تِس شعرک منٛز یژھی بدس آسہ سُہ چھُ تَمہِ وِزِ تَمہِ رِوایژ ہٕنٛدِ مُتر بنان ۔ انگریزی زبانہِ ہٕند
اکھ اہم شاعر تہٕ بوڑ نقاد T.S. ELIOT چھُ پننِس مشہوٗر مضموٗن TRADITION
AND THE INDIVIDUAL TALENT منٛز اکھ کتھ گیٚنٛز کڈان لیکھان ۔

"THE HISTORICAL SENSE COMPELS A MAN TO WRITE NOT MERELY WITH HIS OWN GENERATION IN HIS BONES, BUT WITH A FEELING THAT THE WHOLE OF THE LITERATURE OF EUROPE FROM HOMER AND WITHIN IT THE WHOLE OF THE LITERATURE OF HIS OWN COUNTRY HAS A SIMULTANEOUS EXISTANCE AND COMPOSES A SIMULTANEOUS ORDER.[30]

یہِ زیوٗٹھ تمہیدی بحث کرِتھ چھُس بہٕ یہِ بُنیادی کتھ دٕرٲوِنچ کوشش کران
زِ پرٛتھ کانٛہہ کلاسکل ادب چھُ مخصوص رِوایژن، متنوع صنفن، تخلیقی ریژن، رسمن
ہیژن، سانچن تہٕ مخصوص فکری نظامس اَنہٕ ہاوان ۔ تہٕ ییٚلہِ اکھ ترجمہ کار اکِہِ مخصوص زبانہِ
پیٹھ بیٚیس کُنہِ مخصوص زبانہِ منٛز کانٛہہ تخلیق ترجمہ چھُ کران تٚمۍ سٕنٛدِ خٲطرٕ چھِ مذکوٗرٕ تخلیقہ کہ
تمدنی یوت منظرک شعوٗر تہٕ ادراک نہ صرف لازمی بلکہ ناگزیر تہٕ ہرگاہ تٚمۍ مولہٕ تخلیقکہِ
اَمہِ تمدنی پوت منظرٕ نِشہِ ترجمہ کرنس دوران کُنہِ قسمک کانٛہہ انحراف کوٚر یا سہل انگٲری

کٲم ہیٚژ تہٕ محض شعرکِس پیٚٹھی پیٚٹھی لیہلاوس للہٕ کھوٚل کوٚر تمہٕ وِزِچھ ممکن زِ سُہ ہیٚکہِ کانہہ
زبردس فن پارٕ تخلیق کٔرِتھ مگر ترجمہٕ کارس ند فریضہٕ نشہٕ پٮ۪ٹھ دستبردار سپدُن۔ تکیازِ ترجمہٕ کرن
ؤزِچھ مولہٕ تخلیقُک متن، تمیُک اقدٲری پوٚت منظر تہٕ سٹھاہ اہم زانن۔ یہِ چھُس
پروفیسر شفیع شوق صابس ستۍ یتھ کتھِ پیٹھ متفق زِ کانہہ نظم ترجمہٕ کرن وِزِ گژھ ترجمہٕ کارُ بنیادی
لسانی وجودس یا مولہٕ تخلیقس تابع روزُن تہٕ مولہٕ تخلیقُک استعار یا پیکر گژھِ پننہٕ
زیاد کھوتہٕ زیادٕ خوشبوے تہٕ مٲری منظر ہیتھ تہٕ بامے مولہٕ شاعرُ سند لب ولہجہ ہیتھ ترجمہٕ
سیٖدُن پٮ۪س مولہٕ تخلیقُک بنیادی تخلیقی جوہر آسہٕ۔ یہِ چھُس خیالچہ تہٕ فکرٕ منداد بر
گوبرُک تہٕ قایل تام چھُم یتھ کتھِ پیٹھ تہٕ یقین زِ شعر گژھ خالچہ بلندی ستۍ ستۍ پننہٕ ہیٚژ تہٕ تمہٕ
مٲری منز رتۍ پرن وٲلِس متاثر کرُن تہٕ ترجمہٕ کارٕ ییلہ کُنہ شعری فن پارکہ فکری تھز رتہٕ تمیچہ
ہیٚژ ہند حُسن وجمال ستۍ متاثر سپدِ سُہ گژھِ تہٕ محض سُہ تاثر پننس ترجمس پیش کرُن پٮ۪س تس
مولہٕ نظم پرِتھ ووتلہِ بلکہ گژھ لوٚناہ پلس تہٕ تیوٚتاہ مولہٕ تخلیقس تابع روزن۔ یتۍ مسوترٕ نیو
دوہو پیٹھ ووت آسہِ ووٗنی ترجمہٕ کنہ مشکلات متعلق بحث کران تہٕ اَرِ اہمیت تہٕ معنویت
ؤرژھناوان، تہٕ مے ووت آدی پیٹھ تھنز سمع خراشی کران ییمیُک منے شدید احساس
چھُ۔ تاہم پٮ۪س کُنے نوکتہٕ یہ ووٗنی ووتلاوُن یژھان چھُس سُہ چھُ یہ زِ تمدنی پوٚت منظرُک زمانہٕ
چھُ ووٗنی سانہِ خاطر محض اکھ مفروضہٕ۔ تہٕ کیازِ "لارلد زمانن" تھاوی سٲری پرٲنی پوٚت منظر
لرِ تالِس ساوِتھ تہٕ پننہٕ تیز رفتاری ہنز۔ شدرٕ زُہند باس دِوان لہراوِن واریاہ سوٗچھی تہٕ
بیر۔ تہٕ تہی مہٕ تبلو یہ کرکتھ وضاحت تہٕ شاید ماکرُ و تہی پیتہٕ پور مے ستۍ اتفاق تہٕ۔
پرانین غزلن، نظمن، مثنوین یا دوٚیمین صنفن دوٚیمین زبانن منز ترجمہٕ کرنس
دوران چھُ مخصوص تمدنی تہٕ تہذیبی پوٚت منظر نہٕ صرف اہم بلکہ سٹھاہ مسلم تہٕ۔ تاہم یتھ
زمانس منز اَسی لسان لسان تہٕ زوٲل چھ سُہ چھُ اکِس حدس تام سٲری سے عالمس کنی
آیہ باگہٕ آمُت تہٕ تقریباً چھُ یہ برتھ قومس تہٕ فردس نش ہوی تقاضہٕ کران۔ یتھ کتھِ

تِہ کرِنہٕ کانٛہہ انکار زاسہٕ چھِنہٕ اَزِچ زندگی تِتھے پٲٹھۍ تہٕ مکمل پٲٹھۍ تِمی آیہٕ زُوان یِمہ آیہٕ اَتھ امریکی تہٕ مغربی لُوکھ زُوان چھ تہٕ کَرِتھ ماہکو اسہٕ وُنتھ زاسہٕ چھ ذہنی سوٗچِتھ بیٚٹھ تِمن نِش زیادٕ دۄر بلکہ چھ وارِہس حدس تام ژۄر ژھیٚپہٕ تِہندِ تجربن سِتۍ ہم آہنگ سَپدنچ کوٗشش کران ۔ یہ ہم آہنگی آیہٕ نہٕ ہنہٕ ہنہٕ بارسس بلکہ گیہ یہ ہم آہنگی سائنس تہٕ ٹیکنالوجی ہنٛدِ بدولژ پٲدٕ کیاز یِمَو دۄن لُوے کوٗر یِکہٕ تہٕ دُنیا ہُو کھ اَکھ GLOBAL VILLAGE اَکھ عالمی گام بناوِتھ تہٕ اَتھ گامس آو یُتھ مقدم باگرِیُس یِتھ منٛز ماَنی سِتۍ دُنیہکس پرتھ کوٗنس منٛز مختلف شعبن سِتۍ وابستہٕ سارۍ نظام اَکِنۍ پٲٹھۍ تہٕ یِنۍ یوت مرضی مطابق چلاونۍ چھ یِتھان ۔ یہ چھُس نہٕ GLOBALIZATION کانٛہہ سُہ ہمدرد مگر اَمہٕ تصورکہٕ دِہ تلیٚنٛزِ بدلیِہ سانہٕ تمدنی زندگی ہنٛز واریاہ قدر یوٗرپی تہٕ سانہٕ اَزِچہِ زندگی درمیان چھ وۄنۍ سِتھے تیٚز رکھ یُوسہٕ اَسہٕ وُنہٕ تہٕ منٛز کیٛن منٛز کیٛن یِنیٖن رِوایژن ہنٛد احساس کرناوان چھِنے ۔ اَزِکۍ شاعر چھِنہٕ اَتھ صوٗرتِ حالس کھوژان تہٕ نہٕ چھ اَتھ کُن تَھربران چاہے سُہ عالمکس کُنہٕ تہٕ کوٗنس منٛز روزان آسہٕ ۔ بلکہ چھُ سُہ اَتھ یِنۍ مقدر زانِتھ تسلیم کران ۔ اَزِکۍ شاعر سُہ تہٕ مُستند شاعر چھ وجدانہٕ کھوتہٕ تجربس ژُرا اہمیتھ دِوان ۔ تخلیقی تجربٕچ تخلیقی انفرادیت اوکطرف تراوِتھ چھ ہمعصر عالمی شعری منظرنامہ وارِہیوٗر نگو ہیوٗے باسان ۔ یہ اَکُو ہمہ صدی ہنٛد انسان تہٕ تِمہ زمانک پٲداوار یِتھ منٛز رنگارنگی بجایہ وۄنۍ یک رنگی نظر چھ گژھان ۔ زندگی ہنٛدِن طورطریقن منٛز یوت نہٕ بلکہ ذہنی تہٕ روٗحانی سوٗچِتھرن بیٚٹھ تہٕ ۔ اوے چھُنہٕ اَزِکۍ شاعر یِتھ پٲٹھۍ النکارو ، موسیقی تہٕ دۄیمبور رِوایتی شعری ژھلو تہٕ وَلوٗسِتۍ یِنۍ وۄنٛد باوان بلکہ چھُ تِمن کیفیژن تخلیقی صوٗرت دِنچ کوٗشش کران یِمہ اَزِکہِ زمانچہِ پاداوارا آسنس سِتۍ آفاقی سوٗنچس تہٕ فکر توسیع چھ کران ۔

اَزِچ کانٛہہ مستند کاشُر نظم انگریزی زبانہِ منٛز پھِرِتھ چھِنہٕ تیٚژاہ مشکل تمام یِژاہ سانۍ تغماتی شاعری چھِنے ۔ اَسۍ چھ مابعد جدید CONDITION منٛز تہٕ اَمہِ نِش ژلُن گوو نہٕ حقیقت پسندآسُن ۔ اَسۍ سارۍ

چھِ نیٖنہٕ جایہِ بنیٖن نٮ۪ن گھرن منز۔ یتھٕ یتھٕ آیہِ مابعد جدید زندگی زوان تہٕ اَتھ منز۔ ہیکہٕ ہتہٕ یتہٕ کُنہٕ ساعتہٕ تفاوتھ تہٕ آسِتھ۔ موٗن اَزیُک مُستند شاعر یٮ۪مہٕ ساعتہٕ از شعر چھ لیکھان تمہٕ ساعتہٕ چھنہٕ تِمی سٕندِس تمدنی میراثس منز۔ ووٚنی مشرقی رِوایتی اقدار لوٗت شامِل آسان بلکہ چھُ تمی سٕندِس تمدنی یوٚت منظرس منز یوٚرپ تہٕ امریکہ تہٕ شامِل سُیدان۔ اَزکہ زمانُک پوٚز کاشُر شاعر چھُنہٕ محض مشرقی شعری صنفن لوٚر روزان بلکہ چھُ مغربی شعری محاورس تہٕ اسطورس تہٕ یِنس تخلیقی عملس منز زانِن دِوان ٹکیازِ سُہ چھُ ایماندأری سان محسوٗس کران زِ سُہ ہیکہٕ نہٕ اَندی ٹکھس مشرٲوِتھ تہٕ تمی سٕندِس اَندی ٹکھس منز چھُ ووٚنی مشرق و مغرب دوٚنوے شامِل۔ اَدٕ کیٛازِ چھ تمی سٕندِس تخلیقی اظہارس منز مغربی اسطورُک تہٕ شعری محاورُک آسُن لازمی کتھاہ۔ سانِس شعری منظرنامس پیٹھ چھ تہٕنز معنوٗنز ہُند تیوٚتاہ سوٚن اثر زِ مغرب تہٕ تتھٕ سٟتی وابستہٕ تصورات چھ ووٚنی سانہٕ لاشعورُک یا سانہٕ اجتماعی سوٚنچُک حِصہٕ بنیمتی۔ سانہٕ زمانکین مُستند شاعرن ہند کلامُک تجزیہ کرِتھ ہیکہٕ یہ کتھ کھُر سَیدتھ تہٕ اگر ژھانڈِ دمٲسی کرو محسوٗس زِ جِلن راہی سٕندِس شاعرانہٕ محاورس، اسلوٗبس تہٕ ہُنرس پیٹھ چھُ وارِہس حدس تام یوٚرپی اثرن ہرگز کانہہ ناکارُ کتھ چھنہٕ بلکہ چھُ سانہٕ شاعری ہُنز فکری تہٕ فنی رنگارنگی ہُنٛد اکھ اہم اشارٕ۔ پروفیسر راہی تہٕ پروفیسر فراق ہٕنزن وارِہن نظمن ہند کینہہ کردار چھ یوٚرپی توارٟخس، نیم توارٟخس، اسطورس تہٕ ادبی رِوایژ سٟتی واٹھ تھوان یِہندی شعری اُفق چھ اَمہٕ شعری محاوربیلی سٟتی وسیع سپدیمت تہٕ اَمہٕ کِس نتیجس منز چھ کاشر زبانہٕ ہُند شعری محاور عالمی محاورس نکھ آمُت۔ حکیم منظورٕ، شفیع شوق گلشن مجید، رفیق راز تہٕ کاشر انگریزی شاعر مرحوم آغا شاہد علی ہٕندی شعری تخلیقات چھ گواہ زِ یِم چھ تی محسوٗس کران یا کرِ وقتہٕ غالبن کریوو۔

اے تازہ واردانِ بساطِ ہوائے دل!

تہٕ یِم چھ کاشر حیثیتہٕ عالمی شعری محاورس نکھ اننس منز وارِہس حدس تام کامیاب گامتی۔

شفیع شوق ہنز نظم ماگن، گُلشن مجیدن قاضی برہان الدین تہٕ آغا شاہد سنز نظمہ تہٕ تِہند
کاشُر ترجمہ چھُ عالمی تمدنی منظر نامٕچ باوتھ کران۔ یِتھ منز زندگی ہنز بے معنویژ ستی مٕنٛز خود
فنٛچ معنویت نہ صرف مشکوک چھےٚ بنیمژ بلکہ چھےٚ اَمِچ بے معنویتھ ٹاکارٕ۔

اَسی چھ پتہ وَتہ بیٚیہ بوزان آمتی زِ شاعری ہُند دُنیا چھُ مولہٕ کنٛی خابن یا طلسمک دنیا۔
یتھ کُن مے یمہ مضمونکس ابتدائی حصس منز تہٕ اشارٕ کورٕ۔ مگر یتھ زمانس اسی باگہ چھ آمٕژ تتہٕ
چھِ اَچھن ووٚنی خاب رُوٚدِمتی۔ تکیاز آگہی ہندی تاپہٕ تژرن ییوٚزفہٕ راتژن ہُند گٕگُل دَرِ یہ بدن
پٔننہ تماز ستی تمہٕ آیہ وٕلگاوتھ زِ اَزیک انسان چھُ ووٚنی خاب کم تہٕ NIGHTMARE
زیادٕ وُچھان۔ یہ چھُ اکھ کائناتی صورت حال تہٕ اتھ صورتہٕ حالس منز چھےٚ شاعری متعلق
بیٚیہ تمی آیہ سوال تُلنہٕ یوان یتھ پاٹھی THOMAS LOVE PEACOCK ہند بیٚیہ
یور کُن ووٚتھان رُوٚدی تہٕ یمن RICHERDS تہٕ MATTHEW ARNOLD پٔننیو
پٔننیو طریقو جواب دِوان رُوٚدی۔ اَسہ بیٚیہ مانُن زِ حالات چھِ کتہٕ کور بدلیمٕتی۔ یہ کرتہٕ
وُنی کِنہ ییتھ یہ بحث زِ شاعری چھا ووٚنی کانہہ لگہ ہار رکنہ تہٕ بلکہ کریتھ کُنتھ بیٚیہ زور
دِنٛچ کوشش زِ اَزیک ترجمہ کار ہیکہٕ کتہٕ تہٕ زبانہٕ ہندِس کانٛسہ تہٕ مستند شاعر سندِس
کلامس از برو نہٕ ہمین شاعرن ہُند کلامہٕ مقابلہ زیادٕ زبر پاٹھی ترجمہ کرتھ۔ تکیاز حسیتژ
لحاظ اکس اکھ نکھ تہٕ تمدنی سوتھرس پیٹھ۔ اکس اکھ واریاہ قریب ییٚنہٕ کنٛی
چھُ اتھ سلسلس منز تمس دشوار گذار مرحلہٕ درپیش۔

اَزکہ زمانٕچ شاعری منز چھےٚ منظر نگاری کانہہ خاص اہمیتھ تہٕ THE IMAGE OF
CITY چھ اَزچ شاعری ہُند مستند پیکر تسلیم یوان کرنہٕ۔ بودلیر اوس ۱۹ اہمہ صدی
ہُند فرانسیسی شاعر یمی ییٚنہٕ تخلیقی ولوہار تہٕ بیٚنہٕ شاعری ہند علامتی نظامہ کنٛی اکھ تیتھ
محاور پارسس اوٚن ییس ازتہٕ سبٹھاہ لگہ ہار چھُ۔ شہری منظر نامن چھُ اَزکس شاعر سندِس
شعری محاورس تہٕ فکری نظامس پیٹھ تیُتھ اثر ترومُت زِ انگریزی زبانہٕ ہندی زٕ

بڈ ی شاعر تہٕ نقاد پونڈ تہٕ ایلیٹ تہٕ ہیکی نہٕ تمہٕ اثرٕ نش بچتھ۔ تموکور بنینو بنینو
مخصوص شعری اصلاحیٖ شوٗبتیٖ اکھ ترتھ شاعری تخلیق یوٗسہٕ شہری (URBAN) پیچیدٕ تہٕ
بین الاقوامی چھےٚ ۔ مے چھُ ادبہٕ کس اکس ادنیٰ طالب علمہٕ سندِ حیثیتہٕ یہ احساس گژھان زِ
پرانہٕ تہٕ کلاسکل شاعری مقابلہٕ چھُ تمہٕ شاعری ہندٕ ترجمہ کرُن ہنا مشکل تکیازِ یہتھ شاعری
یمن احساسن منٛز باوتھ چھےٚ سپدٕ چھےٚ سانہِن محسوساتن تہٕ اَنہٕ ہاوان تکیازِ سانٛی تمدن
چھُ مذکور شاعر سندٕ تمدنہٕ نِشہٕ استفادٕ تہٕ اثر ضرور قبوٗل کوٗرمُت۔ اَزی کِنۍ شعرن
چھُ ترجمہ کرُن اوکنۍ تہٕ زیادٕ مشکل تکیازِ مابعد جدید شاعری منٛز چھےٚ استعارٕک طرٛاق
زٕری پاٹھۍ درینٛٹھۍ گژھان بلکہ چھُ کُنہِ تِھس بیکرس یا کُنہِ بیانس محض تِنہٕ باوژٕ ہندٕ وسیلہٕ
بناوان یُس اَزی چہٕ زندگی ہنزن ٹھوس حقیقژن ہندٕ پاداوار چھُ۔ اَزِچ عالمی شاعری چھےٚ
کلُم پاٹھۍ فکری اوبرس گوبرس تہٕ طنز یہ اظہارس للہِ کھوٚل کران۔ یہ چھےٚ ٹاسرن
FACILE جذبن لار اوکنۍ چھےٚ رِوٲیتی عروضہٕ نِشہٕ انحراف کرِتھ۔ بیکرتراشی ہندٕ اکھ
پیچیدٕ نظام قایم کران یُس دوٚیمین تمدنن تہٕ تہذیبن کُن عالمانہٕ اندازس منٛز اشارٕ
چھُ کران تہٕ یتھٕ پاٹھۍ چھُ اَزی چِن نمایندٕ شعری تخلیقن منٛز عالمی تمدنی منظرنامہ وُچھنہٕ یِوان۔



# حوالہ جات


1. BURTON RAFFEL TRANSLATING POETRY UNIVERSITY PARK AND LONDON PAGE NO 17.

2. C.F. HOCKETT, BURTON RAFFEL TRANSLATING POETRY UNIVERSITY PARK AND LONDON PAGE NO. 18

3. TWENTIETH CENTURY CRITICISM : MAJOR STATEMENTS PAGE NO 34

رتن تلاشی

# کأشرس منز ڈرامہ ترجمہ

کأشرس منز یِہ کینژھا ادبہٕ رنگی دۄیمیو زبانو پیٹھٕ ترجمہٕ کرنہٕ آمُت چھُ تتھ منز چھُ ڈرامائی ادبک ترجمہٕ تہٕ نُمایاں ۔ یِم ترجمہٕ چھِ مختلف فردن تہٕ ادارن ہندٕ ذٔسی کرنہٕ آمتی تہٕ یِمن ڈرامہ ترجمن منز چھِ فنِ ڈرامہکی عالمی شوہرت یافتہٕ ڈرامہ نگارن ہندی ڈرامہ شامِل ۔ یِمن منز سوفوکلیز شیکسپیر ، کالی داس ، ابسن تہٕ چیخوف ہوی ڈرامہ نگار چھِ ۔ یِم ڈرامہ ترجمہٕ وٕنس تام برونہہ کُن آمتی چھِ تِمن منز چھِ رابندرناتھ ٹیگور ہندی ساہتیہ اکادمی ذٔسی ۱۹۶۰ ءیس منز کرناونہٕ آمتی شے ڈرامہ تہٕ ۔ یِمن منز چھُ چندرا لکا تہٕ وۄزُل گولاب نوٗر محمد روشن ، ریتا ، مرزا عارفن ، مکت دھارا ، علی محمد لونن : تہٕ رازہٕ تہٕ رأنی تہٕ ڈاک گھر امین کأملن کأشرس منز پھیرمُت یونانی زبأنی ہندین یِمن ڈرامہن ہند ترجمہٕ برونہہ کُن آمُت چھُ تِمن منز چھُ اڈیپس ریکس ترجمہٕ ناجی منورن تہٕ یوریپڈیز ہند میڈیک ترجمہٕ غلام نبی خیالن کوٗرمُت ۔ ناجی منورن پھیری شیکسپیر ہندی جولیس سیزر تہٕ کنگ لیر تہٕ کأشرس منز ۔ شیکسپیر ہندس اوتھیلوہس اوس دیناناتھ نادمن تہٕ کینژن حصن ترجمہٕ کوٗرمُت اماپوز سُہ ترجمہٕ رُودنس اڈلیوٗکے ۔ اوتھیلوہس کوٗرمُت غلام نبی ناظرن ترجمہٕ ۔ انگریزی ڈرامہ نگار ابسن ہندین دۄن ڈرامہن ہند ترجمہٕ تہٕ چھُنہٕ تہٕ ژھاے ناو برونہہ کُن آمُت ۔ یِم ترجمہٕ چھِ بالترتیب سومناتھ زُتشی تہٕ اختر محی الدینٕ امی زبأنی ہندس ڈرامہ نگار گالزوردی ہندِ "جسٹس" ڈرامہک ترجمہٕ چھُ اکبر علی انصاری

ہندِ ڈسی کرنہٕ آمُت۔ پروفیسر رتن لال شانتن کوٚر چیخوف ہند "ترےٚ بیٚنہٕ" ڈرامہُک ترجمہٕ۔ وِجے تندولکر سندِس اَکِس ڈرامہس چھُ پروفیسر شفیع شوق سندِ ڈسی ترجمہٕ کرنہٕ آمُت لیُن "کینادان" ناوٕ حال حالے چھپوومُت چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ بیٚیہٕ تہٕ ترجمہٕ یِم مختلف شوقہٕ ہتہٕ وٕدیوٕ کرٕمتۍ چھِ تہٕ یِموٚ منٛز کینٛہہ چھاپ تہٕ سپدیمتۍ چھِ یا مھنہٕ سٹیج کرنہٕ آمتۍ چھِ۔

یِمن سارنے ترجمن ہند معیار پرکھ کرنہٕ ورٕزِ چھےٚ اَکھ کتھ ذہنس نشین تھاوٕنۍ ضروری۔ مثلن یہ زِ ترجمہکِس سِلسِلس منٛز چھُ بیٛنٛھے بانٛہہ یہ سوال وۄتھان زِ ترجمہٕ کارکُس ہیکہِ اَتھ نہٕ الہٕ بلہٕ چھِ ساری عالم یتھ کتھہِ پیٹھ متفق زِ ترجمہٕ کار سند باپتھ چھُ اولین شرط یہ زِ تس گژھہِ ہدف زبانٕی ہنٛز تہٕ پرٕنہٕ بیٛنٛھ مہارت آسٕنۍ۔ یہ مہارت چھنہٕ صرف کینژن ہتن لفظن ہندِس لوٗغاتی معنےٚ یس تامے محدوٗد بلکہ گژھہِ تس یِمن لفظن ہندِ تہذیبی کیو احساسکہِ پس منظرکیو اشکالات تہٕ وٕنٛدی آسٕنۍ۔ چنانچہ یتھۍ ترجمہٕ کار چھِ دُنہٕھن بجٕن زبانن منٛز تہٕ شاذ نازے تہٕ ٹاکارٕ چھُ زِ کاشرِس منٛز یِمن دوٚیو زبانن ہندین ڈرامہن ہندۍ اکثر ڈرامہ نگار تہٕ گژھن نہٕ شاید یتھن ترجمہٕ کارن منٛز شامل۔ ترجمہٕ کارن ہنٛز یہ زبانٕی مہارت اَوکہِ طرفہٕ تراوِتھ ہرگاہ یوہے سوال ترجمہٕ موٗلناوٕن والین متعلق تلونہٕ یِہ گژھن اَسہِ ترجمہٕ کار تہٕ ترجمہٕ موٗلناوٕن وٲلۍ اَکی سے صفس منٛز نظر۔

یہ پزٕر چھُ یِمہ کتھہِ تلہٕ تہٕ واضح سپدان زِ دوٚیو زبانن ہندۍ یِم ڈرامہ کاشرِس منٛز پھرنہٕ آمتۍ چھِ یِمن منٛز واریاہ ڈرامہ تِم یہنٛز اصل زبانٕی نِش کاشر ترجمہٕ کارنا واقف چھُ۔ مثلن اڈیپس تہٕ میڈیا چھِ یوٗنانی زبانٕی ہندۍ۔ ترےٚ بیٚنہٕ روٗسی زبانٕی ہندۍ تہٕ ٹیگور سندۍ ڈرامہ چھِ بنگالی زبانٕی ہندۍ۔ یِم ساری ڈرامہ چھِ انگریزی یا بیٚیہٕ کُنہٕ فلٹر زبانٕی ہندِ دسلہٕ کاشرِس منٛز پھرنہٕ آمتۍ۔ ہرگاہ یِمن افلاطوٗنی محاورس منٛز دوٚیِمہ درجُک نقل دٕنو غلط گژھہِ نہٕ۔ یہ انداز لگاوُن تہٕ چھُ آسان زِ یہند گوڈنکہِ درجک نقل کوتاہ آسہِ گوڈے اصلہٕ نِشہٕ دوٗر۔ اَمیُک انداز چھُ یوٗنانی ادیبن انگریزی ترجمن متعلق درجینا وولف ہندِ یِمہ بیانہٕ تلہٕ تہٕ لگان۔ سو چھےٚ وَنان۔

"یونانی ادب انگریزی ترجمن منز پرُن چھ بےسوٗد۔ تکیازِ ترجمہ چھُ فقط امیک بےہوٗد متبادل بروٗنہہ کنُن انان"۔ یہ گو ویونانی پیٹھ انگریزی ترجمن سُند حال۔ حالانکہ یونانی زبان چھے انگریزی زبانی ہندین لفظ اگرن منز الہ پلہ ترٛشھے اکھ آگُر۔ یتھہ فارسی زبان کاشرِ لفظ کُٹھ چھِے۔ پانے چھُ عیاں سپدان زِ کاشرِ ترجمہ کتین آسن۔ یہ کرِنہٕ نیتین ترجمن متعلق تمن لسانی، تہذیبی، سیاقی یا عوضی مسلن ہنز ذکر یم بروٗنہہ بیشتر ترجمہ نقادو بارہاہ و ترٛشھاوِ مٕژ چھِ۔ البتہ کرٕ بہ صرف دون مسلن کُن اشارٕ یمن ہُند تعلق چھُ ڈرامہ ادبس کِس ترجمس ستی چھُ تہ سانین یمن ترجمہ ڈرامہن منز تہ چھ یم اکہ نہ ہیتہ رنگہ محسوٗس سپدان۔ گوڈنیک کتھ چھے یہ زِ ڈرامہ چھُ باقی نثری ادبہ نِش یمہ رنگہ بدلوٕنہ زِ یہ چھُ بوزنہ یا باوٕنہ بدلہٕ وُچھنک یا ہاونُک چیز۔ اتھ منز چھُ تماشہ بینس ہاونہ آمژ عملہٕ ہندس تو ترٛسِ تام راوی ہنز ڈکھ بور وراے پانی پانے واتُن یُس زن باقے بیانیہ ترسِ منز راوی سنز رہبری آیتن آسان چھے۔ ڈرامہچ ہیت چھِنہٕ ہموار بلکہ چھُ اتھ منز جایہ جایہ ژھیٚن ( GAPS )۔ یم ژھیٚن چھ متکلم تہ مخاطبس درمیان سپدوٕنین مکالمن منز یم قاری یس یا تماشہ بینس پانی پانے پُرٕنی پیوان چھ۔ یعنے تس چھُ پانے متکلم سنز ونن ترٛاے تہ مخاطب سُند ردِ عمل کیو دوشونی سنز جسمانی حرکژ تہ جھکی باوِ سرِ کھر کرٕنی پیوان۔ چنانچہ تماشہ بین وُچھ یہ اچھومگر ترجمہ کار یوٗدوے مکالمن ہنز زبانی ترجمہ کرِ ژھیٚن روزن تس تو نہٕ اتی۔ یہ چھے نہ ترجمہ کارس سنز کوتاہی بلکہ چھ یہ ڈرامہ صنفہ ہنز مولہ خصوصیت۔ اتھ منز ہیکہ ہن سٹیج ہدایت کنہٕ حدس تام اتھ روٹ کرِتھ۔ مگر یوٗدوے اَسی مختلف زبانن ہندی پرانی ڈرامہ نمو، تہ تہ چھ سٹیج ہدایت ندارد۔ شیکسپیر سندین ڈرامہن منز چھُ امہ رنگی چھِ ENTER تہ EXIT ۔ امہ سببہ ہیکن یم ترجمہ چھ اوقاتن یا دلیلہٕ سُند ترجمہ باسِتھ نہ زِ کلہم امہ ڈرامکہ ڈینہک ترجمہ۔ دوشونی یوٗدوے یم ڈرامہ ترجمہ سٹیج سپدن اَدٕ سپدِ ہے یمن ترجمن منز کامیابی یا ناکامی ہنز پرکھ۔ یتھ پاٹھی تہ چھُ ڈرامہ تو تام اڈلیوک یوتام نہ سہ سٹیج سپدِ۔ مگر کاشرین ترجمہ ڈرامہن

متعلق چھےٚ اکھ کتھ دلچسپ زِ یمن ڈرامہن ہندی ترجمہ چھپیمتۍ چھِ تِم آسن شایدے سٹیجس کھتۍ مۍ
تہٕ سٹیج، ریڈیو یا ٹی وی باپتھ یم دوٚ یِر زبانن ہندی ڈرامہ ورتاونہٕ آمتۍ چھِ تِم تہٕ چھینہٕ
اکثر یا تھٕ چھاپی صورتس منز برونٹھ کُن آمتۍ۔ سٹیجس منز تہٕ چھِ زمانہٕ تہٕ مکانٕک پھیرا ہم۔
از ہرگاہ قدیم یونانی یا سنسکرت ڈرامہ کانٛسہٕ یا تھٕ سٹیج کرُن ین۔ یِتہٕ ہیکہِ سوال وُتھتھ زِ
اُتھ وَنوا ترجمہ کُنہٕ ADAPTATION تہٕ ترجمہ تہٕ ADAPTATION چھِ نہٕ یکسان۔ اکی زبانی
ہُند کانہہ ڈرامہ ہیکہِ تمی زبانی ہنٛز وُ مختلف سٹیج تزایو مطابق گنڈ نہٕ یتھ یم یانہٕ وانی بدوٕنہٕ باسن۔
مطلب چھُ زِ ڈرامہ ہیکہِ ترجمہ ستۍ گوڈے اصلہٕ نش دوٗر یتھ تہٕ وکھرٕ وکھرٕ سٹیج سہولیژ وِتہٕ نہجو
کنی باسہِ وارے دوٗر۔ یتھٕ یا تھٕ ہیکن زمانہٕ تہٕ مکانکی پھیر ڈرامہ ترجمن ہندِس مجموعی تو ثرس
اثر پیدۍ کرتھ۔ وون گوو مے چھُ باسان زِ وُہمہ صدی ہندِس دوٚیمِس نصفس دوران
سپیر تہذیبی بنہٕ بندی ہنا ڈج تہٕ تِم ڈرامہ یم رِوایتی ڈرامہن برعکس پلاٹ تہٕ کردار کہِ رِوایتی
تصورنش ڈلتھ چھِ مثلن گوڈو سند انتظار" یا "کرُسیہ"۔ تِھن یوٚن ڈرامہن ہندِس مجموعی
تو ثرس ہیکہِ نہٕ شاید ترجمس دوران زیادہ فرق پیتھ ییتن چھُ یہ وَننہٕ ضروری زِ ترجمہ کاری
منز چھُ زمانی پھیر تہٕ اثر انداز سپدان۔ مثلن فرض کروٚ زِ یونانی ڈرامہ اگر تِھی زمانس منز کانٛسہٕ
منز پھیر تہٕ آمتۍ آسہن، مے چھُ باسان زِ یہ ہندِس تو ثرس وانہٕ ہے نہٕ زیادہ زکھ تہٕ کیازِ یہ اوس
سہٕ زمانہٕ ییلہِ یِتھ اہم تہذیبک انسان اساطیرن نکھ اوس تہٕ مختلف تہذیبن ہندین اسطورن
باہم آس واریاہ حدس تام مماثلت تہٕ۔ مے چھُنہٕ وُنی کہن یہ پرہٕ ریٚزراونہٕ باپتھ کانہہ تہٕ
ٹھوس ثبوت زِ اڈیپس اسطورس منز یمہ "قارماکوس" رسمک عکس چھُ آمہٕ تہٕ قسمک یوٚت آخ
اوس کانٛسہٕ نیڈتن ہندِس "جتاک تاک" رسمس منز تہٕ پوشیدہ یس رسم ییتہٕ کینہہ ڈلی برونٹھ تام
تہٕ رائج اوس۔

بہرحال کتھ چھ ڈراما ترجمہ کنہن مسلن ہنٛز تہٕ امیک دوٚیم مسلہ چھُ مکالمن ہندی
ہُنز ادف تہٕ متبادل زِ ہانڈنی۔ چنانچہ ڈرامہس منز چھِ مختلف کردار آسان تہٕ یم مختلف

کردار ہیکن مختلف تہذیبی پس منظرن تہ سماجی ورگن ہندی اسِتھ یِم اکی زبانی ہنز۔ مختلف
بولہ یا لہجہ ورتاوان آسن۔ کردارن ہنز زبانی ہنز یہ تفاوت چھ مختلف زبانن ہندن
قدیم ڈرامہن منز تہ نمایاں۔ غرض مولہ زبانی ہندی یم بولیاتی پھیر ہدف زبانی منز ٹاکارہ
کرنی چھ ڈرامہ ترجمہ کارس ہندِ باپتھ اکھ اہم چیلنج۔

یتھ پاٹھی چھ یہ واضح سیدان زبانہ تخلیقی ادبکی پاٹھی چھ ڈرامہک ہو بہو تہ مکمل
ترجمہ ناممکن۔ شاید اوس امی کنہِ لانجانیسن تہ وونمُت زِ ترجمہ کاری چھ پننہ کھوتہ
طاقتورس ستی کشتی برابر یمیک لازمی نتیجہ پسپائی چھ مگر باعزت پسپائی۔ غرض مکمل ترجمہ
چھ اکھ متھ۔ وونی گو وہ چھنہ ضروری تہ۔ اصل چھ اصلے تہ ترجمہ چھ ترجمے۔ اصل ہیکہ
اکے اسِتھ تہ ترجمہ ہیکن مختلف اسِتھ تہ یم ترجمہ آسن ترجمہ کارن ہندِ انفرادی بتر
حابہ۔ ترجمہ چھ بقولِ بنجمن جویٹ اکھ مفاہمت۔

ترجمہ ٹیکنکہ ہندی چھ مختلف ول۔ مثلن ینٹھ ترجمہ، چھوٚن ترجمہ، ترک متبادل
تہ وضاحت بیترِ یم کینہہ ول چھ اصلہ نشہ انحراف لابُودی بناوان۔ اسی ہیکو کاشرِ
ترجمہ ڈرامہو منز تہ یژھ مثالہ ہاوِتھ یتہ یمَن مختلف ولَن ہند ورتاو سپُدمُت
چھ۔ ترجمک ہو بہو نقل آسُن اوس اکھ رِوایتی نظریہ ییتہ موادس کیو اندازِ بیانس تہ ہدف
زبانی منز پھرنس پیٹھ زور دِنہ یوان اوس۔ مگر ترجمہ مطالعہ کس علمس منز یوسہ تبدیلی آے
اے رچارڈس، کیٹفورڈ تہ خاص پاٹھی نڈاہندی D.E نظرین اُنی تمہ ستی سپز ترجمہ کارکاندار
ہندِ رِوایتی تصور نشہ برٚی۔ اَتھ تظریس ہیکہ ادبک ریڈر رسپانس نظریہ تہ دریر بخشتھ۔
خاص پاٹھی یمہ آیہ حسل ستہ فینامنالوجی ہندِ تصورک اطلاق انگارٹنہ ڈسی ادبس پیٹھ کرنہ
آمُت چھ تمہ مطابق ہیکون اُسی ترجمہ کارس تہ مولہ تلہ اکھ سنجیدہ قاری مانتھ۔ نہ قرأت سوتھرس
پیٹھ تہ چھےٚ نہ کانہہ قرأت مکمل طور صحیح۔ دیان EVERY READING IS A
MISREADING ۔ اے نڈآہسند مطابق تہ چھ ترجمہ کارس ہِ زِ رول۔ یعنی مطالعہ

سوٗتھٕرِس پیٚٹھ چھُہ سُہ قٲری تہٕ ترجمہٕ عملہٕ دوران تخلیقکار تہٕ یَس حیثیت تَس نِش اصل تخلیقکارس
چھےٚ سوٗے چھےٚ ہدف زبانۍ ہٕندِ ن قٲری نِش تَس۔ چنانچہ اکھ ہی تخلیقہٕ ہیکن مختلف
قٲری وِکھ وِکھ تعبیر کرِتھ۔ امہٕ سَبہٕ ہیکن ترجمہٕ تہٕ قٲری بتر حسابہٕ مختلف اَستھ۔ یِتہٕ چھُہ پزٕ زِ
یِم ساری ترجمہٕ آسن نہٕ یکوٹہٕ پاٹھۍ تہٕ اصل تخلیقہٕ ہٕندِ کلہم توٗثر یاوان۔ دراصل چھےٚ ترجمہٕ کارس
کامیابی یِتھ کتھِ منز۔ زِ سُہ گژھِ موٗلہٕ زبانۍ تہٕ ہدف زبانۍ ہٕندِ تہذیبی پَس منظرک تِیُتھ سنٛگم
کرِتھ ہیکُن زِ ہدف زبانۍ ہٕندِ ن قٲری ین یِہ موٗلہٕ زبانۍ ہٕندِ تخلیقکار سٕندِ تہذیبی پس منظرُک
عکس تہٕ بوزنہٕ تہٕ یِنہٕ تہذیبہٕ نِشہٕ تہٕ باسہٕ نہٕ از حدود پَر۔ یِتھ ہیوٗ ماری موٗند سنٛگم ہیکو اَسی
مثنوی اَدبس منز تہٕ وُچھتھ یِہ چھُ صحیح زِ تہٕ ہیکہٕ اَمیک اکھ وجہ تہذیبی قربت تہٕ آستھ ووٚن گوو
کینژَو مثنوی نگارَو چھِ تِم وَل ورتاوِ متۍ زِ تہندی ترجمہٕ چھِ ٹاکار پاٹھۍ کٲشر زبانۍ ہٕندِ ن
قٲری ین باپتھ اصل تخلیقکار سٕندِ موتک پیغام ہیتھ آمتۍ یِہ زَن جان ترجمن ہٕندِ نتیجہٕ مانہٕ
یوان چھُہ۔ اَمِ رٕژ مثال چھُ مقبوٗل کرالہٕ وارِ یِمیٚ پٲٹھۍ ترجمس منز COMPENSATION
وَل کامیابی سان ورتوومُت چھُ۔ ترجمس منز چھُ لازمن کینہہ نہٕ کینہہ چھوٗنان تہٕ جان ترجمہٕ کار
چھُ مقبوٗل کرالہٕ واری ہندی پاٹھۍ اَمِ بر پٲی پیٚیہٕ کنہٕ طریقہٕ کران۔ ہرگاہ اَسہٕ اَمہٕ وُچھن زاویہ
پیٚٹھن ڈرامہٕ ترجمن وُچھو یِہ سید ٹاکارہٕ زِ تہٕ چھُ زیادہن ترجمہٕ کارن ہٕندِ سوٗرے توجہ موٗلہٕ
زبانۍ یا تخلیقکارس کُن رٔودمُت۔ باضے چھُ باسان زِ یِم چھِ ہدف قٲری یَس کُن تھر پھر تھ
تہٕ اَکس لحظس تہٕ چھِنہٕ موٗل تخلیقہٕ نِشہٕ نظر ڈالتھ ہیکی متۍ۔ ووٚن گوو اَمہٕ باوجود تہٕ ہیکو
یِمن ترجمن منز تِژھ مثالہٕ تہٕ بد کڈتھ یِتہٕ ترجمہٕ کارو ہدف زبانۍ منز اَزُک خیال تھوومُت
چھُ۔ مثلن "ترےٚ بیٚنہٕ" ڈرامہس منز چھِ کردارن ہندی زِ ٹھِ روٗسی ناو ژھوٗرٕ اٹوآوِتھ کٲشر
زِوٗ کھنس لایق تھاوِ نہٕ آمتۍ۔ امہٕ علاوٕ یِتہٕ یِتہٕ موٗلہٕ انسانی جذبن تہٕ حالژن منز عکاسی
کرنہٕ آمژ چھےٚ تِمن منز تہٕ چھِ کینہہ اقتباس کامیاب ترجمہٕ مثالہٕ۔ مثلن ارنا یِہ ہندی کینہہ
رَدِ عمل یا پیٚیر تُسند منز درشاوَن والۍ کینہہ اقتباس ووٚنی گوو یِژھ مثالہٕ چھےٚ بوزِ تھ۔

بہرحال یہ چھےٚ اکھ حقیقت زِ تعلیمی نِصابس منز شامِل کینژَو ترجمہٕ ڈرامہو رآے
ہیکو نہٕ بیشتر ترجمہٕ ڈرامہ قاری ین ہنز دلچسپی زیٚنتھ۔ یتھ پاٹھۍ تہٕ چھُ پریتھ زبانی منز بیشتر
ترجمن ہُند لوگ لون یی۔ ترجمہٕ چھ لگاتار سیدان اکثر شِلفن تہٕ طاقچن ہنز گرد بُزی
گژھنہٕ باپتھ۔ مگر امہِ نِش باخبر آسنہٕ باوجوٗد تہٕ ہیکَن نہٕ ترجمہٕ کار پوٚت ہیتھ تکیازِ ترجمن
ہُند غالب محرک چھُ ترجمہٕ کارسُند ذاتی شوق تہٕ پسند۔



# یوُسف زلیخا ہٕ گلریز

# مثنوی ہُند کاشُر ترجمہٕ

# اکھ موختصر جایزٕ

محفوظ جان

کاشرِس منز کرِتہٕ کمیٖ گوٚڈ مثنوی ہُند ڈسلابہٕ تھ متعلق چھےٚ محققن ہنز مختلف رایہٕ بروٚنہہ کُن آمژٕ۔ ووٚنی گوو عام محقق چھ یِتھ کتھ پیٹھ متفق زِ محمود گامی چھ گوڈنیچہٕ لُٹہٕ پزِ نہٕ پاٹھۍ فارسی پیٹھ کاشرِس منز مثنوی پھران۔ تمِس بروٚنہہ کنہٕ آسہٕ اکہٕ طرفہٕ واکھ، شرکہٕ تہٕ جبہٕ خوتونہٕ ہندی رومانی وژن تہٕ دوٚیمہٕ طرفہٕ اوس فارسی مثنوی ادبُک موٚلُل ذخیرہ تہٕ موجود۔ محمود گامس اوس فارسی زبانۍ پیٹھ پوٚر دسترس حاصل یمہٕ کنۍ تمۍ مولانا جامیؔ، نظامیؔ، رومی تہٕ فریدالدّین بیتر فارسی شاعرن ہندیو پوٚر مطالعہٕ کوٚر۔ پننہٕ تخلیقی قوتکہٕ کمالہٕ ستۍ پھِر محمودن فارسی ادبکین مشہوٗر و معروف شاعرن ہنز مثنوی یہٕ کاشرِس منز۔ محمود گامین یمہٕ مثنوی یہٕ کاشرِس منز ترجمہٕ کرِ تمہٕ چھےٚ "شیرین خسرو، قصہٕ ہارون رشید"، قصہٕ محمود غزنوی، لالہٕ مجنوٗن، یوسف زلیخا، منصور نامہٕ، قصہٕ شیخ صنعان، پہلی نامہٕ تہٕ یک حکایت" بیتر۔

"یوسف زلیخا" مثنوی چھےٚ محمودسنزِ و مثنوی یو منز سارِوے کھوتہٕ مشہوٗر ترین یوسہٕ مولانا عبدالرّحمان جامیؔ ین فارسی زبانۍ منز تحریر کرمژ چھےٚ۔ محمود گامی چھُ اختصارٕ رسان یہٕ مثنوی کاشرِس منز ترجمہٕ کران تہٕ یمیُک اعتراف سُہ پانہٕ کران چھُ ؎

کرِتھ محمودد زلیخا موختصر  داد ی لدن عاشقن ہنز خوش خبر

یا

محموٗدو کر موٗخصر حال        طوٗلِ کلام باعثِ ملال

"یوسف زلیخا" مثنوی پرٚتھ چھُ ییٚمہ کتھہِ ہُند احساس گنان زِ ییٚتہ محموٗد گامیؔ مولانا جامیؔ سٕنز مثنوی ہُند پوٗر پوٗر مطالعہ کران چھُ تہٕ چھُ سُہ قرآنِ مجیدُک "سوٗرہ یوسف" تہٕ بروٚنہہ کنہِ تھاوِتھ یہ مثنوی تحریر کران۔ محموٗد چھُ فارسی زبانی ہُند اصلی مسوٗدہ تہٕ سوٗرہ یوسف مدِ نظر تھاوِتھ مختلف واقعن تہٕ حکایژن ترجمس منز پننہِ آیہ زیچھر تہٕ ژھوچر دِوان۔

جامیؔ چھُ مثنوی ہُند آغاز حمد، نعت، مناجات، قصیدہ تہٕ نصیحت آموز واقعو سٟتۍ کران۔ اتھ برعکس چھُ محموٗد گامی یِم ساری چیز نظرانداز کرِتھ سیٚدسیوٗد پننہِ تخلیقہِ ہُند آغاز ییٚتھ پاٹھۍ کران ؎

حمدِ بے حد نعتِ احمدؐ ہر صحیفس ابتداء
روز دما سوز عشقن پوز اے مردِ خدا
پادشاہا کج کُلاہا اوس شہرِ مغربس
اَس کوٗراہ خاصہ تمۍ سے بیٚیہ زلیخا ناو تس

ییٚلہ زَن بیٚیہ اکہِ پرانہِ قلمی نُسخہٕ مُطابق چھُ محموٗد گامیؔ "یوسف زلیخا" مثنوی ہُند آغاز ییٚمہِ شعرہ سٟتۍ کران ؎

اوس یوسُف فرزندِ یعقوٗب
نوٗر تہندُے سمسارس شوٗب
در زلیخا وٚون یہ حضرت جامیؔن
اوٚن یہ کاشرس منز محموٗد گامیؔن

مولانا جامیؔ سٕنز مثنوی چھےٚ سیٹھاہ بٔڈ مگر محموٗد گامی چھُ اختصارس کامہِ ہیٚتھ اَمیُک دُہِم حصہ ترجمہ کران۔ مگر یہ کتھ چھےٚ ٹاکارہ زِ اَمہِ اختصارہ باوجود تہٕ چھُنہٕ اَمہِ کِس مجموٗعی تاثرس ہیٚٹھ کُنہِ قسمُک اثر پیوٚمُت۔ کیازِ یہ چھُ محموٗدنہِ فنکارانہ

صلاحیتُک کمال زِنہٕ چھُ تمہٕ سوٗزمندی سان ترجمہ کران زِ امیُک کلہم توٗثرٕ تہٕ میچھر چھُ امیُک ڈاکار ثبوٗت۔ مولانا جامی تہٕ محمودنہٕ مثنوی منز چھےٚ ہیٚتھ ہنز فرق تہِ لبنہٕ یوان۔ تہِ زن گوو جامی چھُ پننہٕ مثنوی منز کُنی بحر ورتاوان ییٚلہٕ زَن محموٗدَن پننہٕ تخلیقہ منز ژور بحر ورتاوِمٕژ چھےٚ۔ مثلے رمل مُثمن، تحفیفِ مسدس، متقارب مثمن تہٕ رمل مُسدّس۔ محمود گامی چھُ موقعہ محلہٕ مطابق یمہ بحر بدلاوان۔

جامی چھُ یوسف تہٕ زلیخایہٕ ہندس مرنس تام پننیٚ تخلیق تحریر کران مگر محمود گامی چھُ حضرت یوسف تہٕ زلیخایہٕ ہندِس تھتہٕ مرتیس پیٹھ انداوانہ اوان یوسہ کاشر زبانیٚ منز لامثال جذباتی شعر نموٗنہٕ زٕنگی گنز راوٕنہٕ یوان چھےٚ۔ مثلے

مرنہٕ چلنےٚ آفتابن پان کھوٗٹ — مرنہٕ چانےٚ گووجہانس اَنہٕ گوٹ
مرنہٕ چلنےٚ سوندروکیاہ پان ژوٹ — نادلایے میانہٕ یوسفو وولو

محمودنِس ترجمس منز چھُ تم باتھ تہٕ غزل نظر گژھان یم اکہِ پاسہ محمودنہٕ فنکارانہٕ صلاحیتُک نہٕ صرف باس دِوان چھ بلکہ پراوُمی عوامس منز مقبولیت۔ بیاکھ اکھ اہم کتھ چھےٚ یہ زِ یہ مثنوی گیہ تہٕ اوموکھ ییٚتر مقبوٗل زاتھ یہ کنہٕ چھُ مذہبی تقدس رٕژھر تھ بلکہ چھُ محمود تمہٕ ووستادی تہٕ فنکارٕی سان اَتھ دلیل پیش کران یُس کاشرس منز پرتھ شاتہٕ بے مثال فنپارٕ زٕنگی گنز راوٕنہٕ چھُ یوان تہٕ امیُک بحر چھُ پرتھ دورس تہٕ پرتھ زمانس منز محمود گامی یسے حاصل۔

جامی چھُ پننہٕ تخلیقہ منز فارسی محاورٕ تہٕ استعارن ہندا استعمال جایہ جایہ کران۔ مثلن موج سیمیس، زلف سخن، شاخ گل تنگ، سخن سنج، گنجینہ، سخن سنج، شیرین خندان تہٕ شیر نوشیتم بیتر بیتر۔ محمود گامی یم تہٕ استعارٕ تہٕ تشبیہہ ورتاوان چھُ، تم چھ کاشر ماحولہٕ تہٕ کاشر کلچرٕ مطابق استعمال کرنہٕ آمتی۔ مثلن سوہنکی باٹھی مرار رٔنٛ، بہبوش برگرٕ ژھن، زالی واتن، فیلہ منٛھن، ستہ وری شہ برم دیٚن، مجہ تیر، بیرتنگ تہٕ کامہ دلو بیتر۔ اکھ کتھ

چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شک زِ محمود گامی یَس اوس فارسیَس پیٹھ کانی دسگاہ۔ یہِ چھِ فارسی زبانٕ ہِندی لفظ تِتھٕ پأٹھی کأشرِس منٛز بَران زِ تِمَن چھُ بُنیادی کأشرِ لفظ چھِ۔ محمود گامی اوس سُہ حساس کأشُر شاعر یُس یوسف زلیخا مثنوی منٛز تِم دۄکھ ہتی پأٹھ تحریر کران چھُ۔ تہٕ زَن گو و یِیلہِ حضرت یوسف ؑ سٕنٛز جُدأیی منٛز حضرت یعقوب ؑ بس أچھن گاش گرٛتھان چھُ تِمہٕ ساعتہٕ چھِ سیٛدِ سیوٚد کأشرِ رَسمن تہٕ رِواجن مطابق شعرن منٛز باوتھ کرٕنہٕ آمژ۔ اَتھ واقعس یوسفہٕ زبان محمود دِزٕ منٛز چھِ سوٚ پچھِ کلہم پأٹھی کأشرِ ماحولس عکأسی کران ؎

| | |
|---|---|
| جان وَندے جگر یِتم | ژھونجہٕ اَکے درشُن دِتم |
| وۄنہٕ پھوٚٹم جگر ژۄٹھم | سوٚہنٛکی پأٹھی مزار روٚٹھم |
| جان وَندے جگر گوشے | بَرِ گوہم پٕمپوشے |
| بَرِ گیہٕ مو یٔمبرزلے | کِتہٕ بٕنیہٕ یو نٔیندرِ زوٚلے |

محمود گامی چھُ زلیخایہِ ہِند خاب وُچھن، تسندِ حسنکی تعریف تہٕ عزیز مصرس نِشہٕ واتُن زیچھ بحر منٛز پیش کران یِیلہِ زَن مولانا جامی ؒ اَکی سے بحر منٛز یِنژ تخلیق پیش کرِتھ کُنے انداز بیان ورتاوان چھُ۔ جامی چھُ یِمَن شعرن منٛز زلیخایہِ ہِند حُسن وَرنٛھناوان ؎

| | |
|---|---|
| چنین گفت آں سخنداں سخن سنج | کہ در گنجینۂ پورش از سخن گنج |
| کہ در مغرب زمین شاہے بنا موس | ہمی زد کوسِ شاہی نام طیموس |
| زلیخا نام زیبا دختری داشت | کہ ہا او از ہمہ عالم سری داشت |
| نہ گنجد در بیاں وصف جمالش | کُنم طبع آزمایے باخیالش |
| فرواں موشگافی کرد شانہ | ہنادہ فرق نوزک درمیانہ |
| فلک درس جمالش کرد تلقین | ہنادہ از جبینش موج سیمین |
| فرو دآو یختہ زلف سمن سائے | فگندہ شاخ گل را سایہ برپائے |

اَتھ برعکس چھُ محمود زلیخایہِ ہِند حسن یِمہٕ انمانہٕ پیش کران ؎

سو زلیخا آس زیبا دلفریبا زٔون زن
سیٖنہٕ صاف آینہٕ کھوتے اوس روشن تس بدن
نار پستان راحتِ جان آسی تس روٗ پہ ہندی قبے
ڈیشتھٕ ونن کریشہٕ وٕنن آسی پھیران دِل ڈُبے
اُلفتُک نال زلف تے خال اوس شوٗبان پیشرو
سخت مشکل رٔہرون دل چشم کافر کیش او

مولانا جامی سٕندس مثنوی یوٗ دوٚے بے مثال چھے مگر محمود گامی سُند ترجمہٕ تہٕ چھُ بٔن تخلیقی حسُن نیچھنا وِتھ اکھ بے مثال فن پارٕ بنان۔ یٔتہٕ جامی حضرتِ یوسفنہٕ منٛز حالُک خصہ پاٹھی بادان چھُ تہٕ چھُ محمود گامی زلیخا یہ کاشُر زنانہٕ ہٕند حیثیتہٕ تمہ انمانہٕ یوسفنہٕ منٛز ماتم کرناوان یُس نموٗنہٕ رنگی کاشُر زنانہٕ ہٕندی وِبداکھ کاشُر منٛزاز کُ حصہٕ بنیوٗ مُت چھُ۔ محمودن چھے اتھ واقعس پرٛزہٕ پاٹھی لاجواب تخلیقی قوٗوتھ تہٕ خوٗبصورتھ زبان دٕژمٕژ۔ مثالہٕ پاٹھی

| | |
|---|---|
| مرٛنہٕ چانے کوم اٚچھن گاش کم | جانہٕ مرنے آسمان گوٚو پشت خم |
| نادلایے میانہٕ یوسفو وٕو لو | مٔتہٕ مرٕ تمٕ وٕنہٕ چھم نا مٔنز نم |

مولانا جامی صابن چھُ یہ واقعہ سرسری پاٹھی بیان کوٗرمُت۔ تہٕ محمودن چھُ اتھ واقعس منٛز پننہٕ فنکاری ہٕند اظہار کٔرتھ پننی تخلیق پُراثر بناوِمٕژ۔ یِہے چھُ اکھ وجہ مقبولیژ ہٕند راز۔ امی چھے "یوسف زلیخا" کاشرِ زبٲنی ہٕنزٕن نمایند مثنوییَن منٛز شمار کرنہٕ یِوان یمیُک حسُن تہٕ شوٗمتھ وُچھتھ جرمن زبٲنی ہٕند عالم برکھارڈن اتھ مثنوی جرمن زبٲنی منٛز ترجمہ کران چھُ۔ "یوسف زلیخا" علاوٕ چھے "گلریز" تہٕ اکھ شاہکار مثنوی مانہٕ یِوان۔ یہ مثنوی چھے کاشرِس منٛز مقبول شاہ کرالہٕ واری ہٕژٕمٕژ۔ اصل مثنوی چھے ضیا، الدین نخشبیَن فارسی یُس منٛز لیچھمٕژ۔ فارسی زبٲنی منٛز چھ نہٕ اتھ مثنوی تیٚژ مقبولیت تہٕ شوٗمتھ یژ اتھ کاشرِس منٛز بیٚیہٕ تہٕ بقول عبدالاحد آزاد:

"کتنا عجیب واقعہ ہے کہ "گلریز" جس زمین کی پیداوار اور جس باغ

کا پودا ہے اس سرزمین اور اس باغ میں اسکی حیثیت اتنی ہی معمولی ہے جتنا کہ کشمیری زبان میں اِس کا ادبی مرتبہ غیر معمولی ہے اس سرزمین میں یہ گل سربُلند اس طور شاداب و سرسبز رہا۔ گویا اسے آبِ حیات سے سینچا گیا ہو۔" [۱]

نخشبی چھُ "گُلریز" مثنوی گوڈ کِتھ ستۍ ابتدا کران یوسہ نظمس منز چھنہ تہ بیتہ چھُ داستان نثرس منز تحریر کران۔ سُہ چھُ رُباعیہ، قطعہ، تاریخی قصہ، قرآنہ شریفکی آیہ، اولیاہن تہ انبیاہن ہندی اقوال ذرین تہ بینہ دلیلہ منز۔ باوان۔ نخشبین چھنہ "گُلریز" تتھ زمانس منز لیچھمُت ییلہ ایران تہذیب و تمدُن، ثقافت، علمی، جاہ و جلال، یا پرجائی تہ فراغتی رنگہ طیس پیٹھ اوس۔ لہاذا چھنے یہ سیزرے کتھا زاہنز مثنوی منز تہ چھُ امی قسمک ایرانی خوش تہ خوشحال ماحول نظر گژھان تہ مثنوی تہ چھنے اتھ ساری سے دورس تہ ماحولس وحاطہ کران۔ ووں گوو یوتام زن مقبول شاہ نہ مثنوی ہُند تعلق چھُ، سُہ چھُ اکے بحر ورتاوِتھ اَمیک منظوم ترجمہ کران۔ اَمیک آغاز چھُ حمد، نعت تہ منقبتہ ستۍ کران۔ تمۍ چھُ لگ بھگ اَمِکۍ ساری واقعہ ترجمہ کرنچ کوشش کرمژ مگر تہ کرتھ تہ چھنے کینژن واقعن ہنز ذکر یا تہ سرسری کرنہ آمژ نہ تہ چھُ موٗلے تراونہ آمتی۔ تہ زن گو ویلہ عجب مُلکس نوش لبہ ہُند عشق گژھتے اوس یا تمۍ ییلہ تہ دُرنہ تس متعلق کنی تہ بوٗزمُت اوس، سُہ اوس تمیُک اکھ شہزادس نہ فلک تہ فکر کھسان آی تہ یُس نبس ستۍ گاڈ بزتھ کھوان اوس۔ عبدالاحد آزاد چھُ اَمِچ وضاحت یتھ پاٹھۍ کران:

عجب ملک محفلِ عیش و عشرت میں اپنے ندیموں سے بڑے ہی

---

[۱] عبدالاحد آزاد، کشمیری زبان اور شاعری، جلد سوم، جموں وکشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر۔ دوسرا ایڈیشن ۱۹۸۴ء صفہ ۱۲۸-۱۲۹۔

تفاخر سے پوچھتا ہے کہ کیا تو نے کبھی اس شان کی محفل دیکھی ہے ؟ فارسی داستان میں عجب ملک کے اس غرور اور نخوت پر ایک مزے دار کہانی لکھی گئی ہے ۔ کہانی ایسے ہے کہ ایک جوان تھا فرعون کی طرح مغرور اور نمرود کی طرح متکبر۔ کسی کو اپنا ہم مرتبہ خیال نہ کرتا جس وقت گھر آجاتا دروازے کے کواڑ چلا اُٹھتے۔ ایک دن وہ جوان ان کواڑوں سے یوں مخاطب ہوتا ہے کہ "اے تختہ ایں چہ نالہ وزاری است کہ بدان عادات کردہ و ایں چہ قلقلۂ بے قراری است کہ بدان خوی گرفتہ۔ نہ سبب رنجے ظاہر کہ موجب آن اضطراب بود و مستوجب تعبے باہر کہ سبب ان اضطرار باشد"۔[1]

یتھے پاٹھی چھ نخشبی نوش لبہ ہند حُسنکی تعریف مو خصر پاٹھی بیان کران ۔ مثالے

" امروز در ملک دنیا خطبۂ زیبائی     وسکہ رعنائی بنام نوش لب است
اگر در شش جہات کون اید دست     کسے را خوب تواں گفت کان است بہتر"

مقبوٗل چھ یتھۍ انداز یمن شعرن منز نوش لبہ ہند حُسن ورتھناوان ؎

چھ یتھ وقتس اندر در ملک دُنیا     نگارِ گُل رُخ معشوق زیبا
بہ عالم چھنہٕ وُنی کین کانہہ تہٕ ثانی     بنیمہٕ تس چھنے چُنخ مہربانی
تسُند قد سروِ تازہ نخلِ طوٗبی     شدہ پروردہ در فردوس خوٗبی

---

[1] عبدالاحد آزاد، کشمیری زبان اور شاعری، جلد سوم، جموں وکشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز" سرینگر، دوسرا ایڈیشن، ۱۹۸۴ء صفحہ ۱۳۰ ۔

زماہ تابند ترِ چھُس لالہٕ روٗخسار — زکاکل روٗخس پیٹھ کالہٕ شہمار

سوٗ پیشانی چوٗ ماہِ نیمہٕ ہفتہ — بہ بُرجِ قوس جاے خوٗد گرفتہ

ڈیکس پیٹھ ٹِکہٕ چھُس زَن زوٗہرٕ برماہ — نتے مریخ بر خورشیدِ دلخواہ

دُو چشمس جامِ مے یا کامِ جانُن ہا — نَتہٕ بیمار زیرِ سایبُان ہا

فارسی "گُلریز" مثنوی منز ییلہٕ نوٗش لب وٕلیسہٕ ناز مستہٕ ہندِ ڈُسی عجب ہکہٕ عشقہٕ داستان بوزان چھےٚ سوٗ چھےٚ متاثر سپدان۔ سوٗ چھےٚ کُنہٕ ژکھِ ورأے سوٗرے بوزان تہٕ بنٛن جواب یتھٕ پأٹھۍ دِوان ؎

"چوں من ایں سخن بشنیدم تعجب من یکے بدہ شُد و تحیر من ازیکے بیزار شُد۔ گفتم عجب حالے وطُرفہ مقامے او مرا چہ داند و چہ شناسد و چہرہ مرا از کجا دیدہ و نام از کجا شنیدہ است او کیست و کہ خواہد بوٗد۔ مولد از کجاست و منشا او از چہ جائے ..... محبت من ملک و مال خود برباد دادہ و از پے تولائے مودتِ ما روئے در اکنافِ گیتی نہادہ نارسیدن او از قاعدہ مروت خارج بود و نادیدن او از قانونِ فتوت بعید باشد شرایط محبت و مراسم مودت آں است کہ تشنگان بادیہ محبت را از شربت مشرب و باید داشت و مستعطشان کلبہ مودت را از زلالِ منہل صفا سیراب باید گردانید"۔

مقبوٗل شہن چھُ یہ واقعہٕ کاشرس منز اتھ برعکس پھیرُمت۔ یتہٕ زن گوٗ ییلہٕ نوٗش لب وٕلیسہٕ ہندِ ڈُسی عجب مُلکُنہٕ عشقک حال بوزان چھےٚ۔ تس چھےٚ ژکھ کھسان تہٕ وٕلیسہٕ نِش کاشرِ نسوانی نفسیاتہٕ مطابق شرافتُک اظہار کران ؎

ژکھِ ہُش یوِہ دوٚنمس چھایہٕ شایاں
ژےٚ تے منےٚ دوٚستی ووٚنی وأنز پایاں

نہ زانَن کانہہ نہ زانہم کانہہ مےٚ ازتام
ژکوٚیِتھ چھکھ کران ناحق مےٚ بدنام
بہ پرٛد یتھ دوہس تامتھ مےٚ چھُم ناو
چھُنہٕ لوٚگمُت مےٚ یاوَن لنجہِ زانہہ واو
رواچھالی اپُز توٚہمت مےٚ اُنی کھَم
زہر بڈ شرٛاکھ زَن واَلنجہِ ژھنی کھَم

نوش لبہٕ ہندِ جوابہٕ ستۍ ییلہِ ناز مست ناکام گژھان چھےٚ، سو چھےٚ بدل حرجہِ استعمال کران۔ ناز مست چھےٚ عجب ملکہٕ تکلیفک حال نوش لبہٕ بوزناوان زِ اُمس تام واتان واتان کُس حال بدچھ عجب ملکس گژھان۔ یہ حال بوٗزتھ چھےٚ نوش لب تہٕ عشق زِنتھ کُملان تہٕ ناز مستہِ محبتُک اقرار دِوان۔ مثالے۔

مُفصل تمۍ سُندے تمہِ حال وَونم
سُہ غارتھ بوٗزتھے میٚنتہِ حال اوٚنم
مےٚ پیٹھ ییمۍ یوٚت غارتھ کورُسُہ وُچھزِہن
لوےمنز باگ لوکچ باَگھ زِچھزِہن

تہٕ تھے باَگھ ییلہِ عجب ملک تہٕ نوش لب یتھ باغس منز مُلاقات کران چھہِ، تمہِ باغچ تصویرکشی چھُہ نخشی یمہِ انداز کران سہ

نسیم یار مے آید ازین سُو ... مرا سر مست خواہد کرد این بو
چہ بودست این کہ ہوشم بُرد یکبے ... چہ جام است این کہ حسنم کرد لبے
مگر مشکیں ناف بکشاد ... وگر نہ این چُنیں بو از کجاداد
مگر ہر سو سمن زار است امروز ... کہ عالم راچُنیں بینم چُو نوروز
مگر باد صبا فراش باغ است ... کہ مارا بوے جاناں در دماغ است

کجائی اے گلِ گلزار یاری ؟

بیا آخر کجائی درچہ کاری

مقبول شاہ نہٕ کاشُر "گلریزٕ" مثنوی منز ییلہِ عجب ملک تہٕ نوش لب باغس منز سمکھان چھہِ، زنہٕ تہٕ کشیر ہندِ اکہ خوبصورت باغچ وٕیڈ تصویر چھےٚ گرٕنہٕ یوان ؎

بہارُک ابتداء اردی بہشت اوس — سینمُت باغ زن باغ بہشت اوس

رنگہٕ رنگہٕ آسی گُل یکبار پھولی متہ — زِ مستی پوشہ تول آسی سوشہ ڈُلی متہ

لگن ییلہِ آسہ پوشن واو گراوے — ہران آسس عطر باغس جایہ جایے

خطائی گل چھکان عنبر وُتن اوس — سینمُت باغ صحرائے ختن اوس

چمن تے ڈوری بری بری سوری پوشو — سگوی متی چینہ کیوناف فروشو

زلہ ہی گل تہٕ پھولی سو بہر رنگ — پھولہ وُن صد برگ جعفر تہٕ نو رنگ

مقبول شاہ کرالہ واری سنز "گلریزٕ" مثنوی منز چھُ کشیر ہندِ فطری حسنُک عکس نظر گژھان۔ مثنوی منز چھُ کاشرِ گیوُن، باغ، دریاو، مادان، جاناور، وَنہ وُن تہٕ فراکہ کاتھ کاشرِ مزاجہٕ مُطابق وَننہٕ آمتی۔ مقبولن یوسہ زبان اَتھ منز ورتاومٕژ چھےٚ، سو چھےٚ کاشرِ تکس خزانس زیادے قریب لبنہٕ یوان۔ مثنوی منز ییمہ آیہ باغُک ماحول، پوشہ چمنن ہند برجستہ آسُن، کولن ہند شور، بُلبلن ہندی نغمہٕ، جاناورن ہند بول بوش، پہاڑن ہند تھرزٕ دریاون ہند خوف تہٕ مجبتک الاو، جدائی ہند کریوٚکھ سفر، مجبتک سماع تہٕ صُبحکہ وقتہٕ جاناورن ہند حرکش بیتر ہاونہٕ آمت چھُ، سُہ چھُ تخمی سنز مثنوی مقابلہ زیادے شوبہ وُن تہٕ لوبہ وُن باسان۔ مگر یہ تہٕ چھُ پزٕ زکینژن جاین چھُنہٕ مقبول تخمی سندین واقعاتن صحیح پاٹھی کاشرِس منز بیان ہیوٚکمُت کرِتھ۔ مثالے سمندرس منز ییلہ عجب ملک تہٕ تمی سندی تہٕ بوچ طوفانس منز ہینہٕ چھہ یوان، مقبول شاہ چھُ اَمِچ ذکر سرسری طور کران ییلہِ زن تخمی اَمہ طوفانی منظرچ ذکر زوردار اندازس منز بیان کران چھُ۔ اقتباس چھُ یتھہ پاٹھی:

"عجب لک دریں گفتگو و جستجو بود کہ صرصرِ تند خیز در اسنہواد رآمد۔ وخیلِ ریاح بردریائے تاخت کشیدہ۔ بادی نجاست بادی۔ جلوُنہ بادی! تُند خیز۔ گرد انگیز۔ ہوا گرد رگیتی نورد۔ روندۂ بے جان...
... پیکِ تیز رو و سفیرِ سُبک رَو۔ شحنۂ فزاں، نقیبانِ قضا ہوارا درحرکت آوردند...... ہر بار موج آنچنان گنبد میکرد کہ رگِبند گردوں میرسد تیغ برق از قرابِ سحاب بکشید، وآتش صاعقہ ازکورہ اثیر بدمید"...[1]

مگر مقبوُل چھُنہٕ یہ واقعہ زوردار اندازس منز بیان ہیوکمُت کرِتھ۔ اَتھ ہنکہِ یہ وجہ تہٕ آسِتھ زِ تَس اوسنہٕ طوٗفانی ماحوٗلک کانہہ تہٕ تواریخی پوٚت منظرتکیازِ تمیٚ اوسنہٕ امہِ قسمک طوفان کشیرمنز زِنہہے وُچھمُت۔ لہذا کتہِ ہیکہِ ہاسہٕ اُمیک صحیح صوٗرتحال بیان کرِتھ۔ سہٕ چھُ کینژن شعارن منزیہ صوٗرتحال ہاوان ؎

ہمتی فکرن یمن تم آی ووٚتھ واو
زِ دریا موج دیُت اکِن ہُٹکھ ناو

یوٚتام زن امچہِ زبانی ہُند تعلق چھُ مقبوُلن چھےٚ فارسی آمیز زبان ورتاومٕژ۔ کینژن جاین چھُ معمولی ہیرپھیر کرِتھ کاشرِس منز ترجمہ کران۔ مثالے

| مقبوُل شاہ | نخشبی |
| --- | --- |
| بکوہ و دشت پھیرن روز و شب تم | مسکوں پراکندہ کنم و در چہار حد نام دگرداٗنم |
| انن شاید خبر از نوشِ لب تم | باشد کہ از مطلوبِ تو خبرے آرند واز مفصود نشانے گوٗیند |

[1] مقبوٗل شاہ کرالہ واری "گلریز"، مرتب۔ محمد یوسف ٹینگ، جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز، ۱۹۸۲ء، صفہ ۳۹۔

| مقبول شاہ | بخشی |
|---|---|
| زلیخا من ژٔنے شوٗبی تاجدارٔی | بتو لایق بود این تاج واین تخت |
| مُسلم می یہٕ ژٔنے شہریارٔی | اگر کوشش کنی یاری دہد بخت |
| درین اندیشہٕ عشقن جوش کرنس | ولے عشق درونش پنجہ بکُشاد |
| زدل تاراج صبر و ہوش کرنس | ہمہ صبر و سکونش رفت برباد |
| ازیں پٔتہٕ ترک ہو کرٕ عشقبازی | جہد از بند و غم چوں مرغ از دام |
| تمی ہیٚتِن گرٕشہمنا مول راضی | زدل یکسو نہد عشق دلا رام |

کُلس ییٚٹھ وٕنو یی زٕ "گلریز" مثنوی منز چھُ بخشی مقدورٕ مطابق پنٕنہٕ صلاحیتُک کمال ہاوان۔ سُہ چھُ مثنوی ہنٛز دلیل، روٲنی، شیرینی تہٕ ہُدرس انداز بیانس منز پیش کران۔ تٔمۍ سٕندِس کلامس تہٕ لہجس منز چھےٚ پُختگی ہٕ شگفتگی لبنہٕ یوان۔ یہٕ کتھ تہٕ چھےٚ ژٔتٔس تھاوٕنۍ لایق زٕ مقبولن چھےٚ "گلریز" مثنوی کٲشُر ہندٕ تہذیب و تمدن، ماحول تہٕ سماج نظرِ تل تھٲوِتھ ترجمہ کرمٕژ۔ تمۍ چھُ موقعہٕ محلہٕ مطابق حالات تہٕ واقعات بیان کرٕمٕتۍ۔ مقبول شاہ چھُ ترجمس منز سماجی قدرن ہُند پوٚرٕ پوٚرٕ خیال تھٲوِتھ عوامس برونہہ کنہٕ وٕنۍ دلیل پیش کران۔

اَخرس ییٚٹھ چھُ یہٕ وَنُن صحیح زِ یمہٕ دوشوٚے مثنوی یعنے "یوسف زلیخا" تہٕ "گلریز" گییہٕ کٲشرس منز پننہٕ ترجمہ چہٕ خوبی کنی مقبول تکیا زِ یم دوشوٚے ترجمہ چھِ زِ تہٕ ییمی میٚنز ہندی اصل تخلیق یمن کٲشرس منز ازس تہٕ تہذیبس ستۍ اکھ سوٗن واٹھ چھُ۔ یمن دوشونی ترجمن ہنٛز خصوصیتھ چھےٚ یہنز تخلیقی قوٕوتھ لیُس کٲشرزبٲنی ہندس باڈوس تہٕ کٲشرزبٲنی ہندس مثنوی ادبس اکھ مولُل ترژر کران چھُ۔ یتھ پٔترس چھُنہٕ انکار زِ کلہم مثنوی ادبس منز برٲد یمو دوٕ یو مثنویو عوامی سطحس ییٚٹھ قبولیتھ ییٚمیُک رازِ محمودن تہٕ مقبولن تخلیقی قوٕوتھ تہٕ کمال چھُ۔

○

اعجاز احمد شیخ
شعبۂ لسانیات

# لسانیات تہٕ ترجمہٕ کاری

لسانیات چھُ سُہ علم یمہِ کِنۍ زبانۍ ہُند مُطالعہٕ سائنسی بُنیادن پیٹھ سپدان چھُ۔ جدید لسانیاتک آغاز گوو ڈُوہمہِ صدی ہندس گوڈنکس ڈلس منز یلہٕ فرڈیننڈ ڈی سایوسن (FERDINAND DE SAUSSURE) لسٲنی تحقیق روخ اَدِک زمٲنی (SYNCHRONIC) تجزیس کُن پھیر۔ تَتہٕ پیٹھ از تام چھِ لسانیاتک علم کرتہٕ کورد وتمت تہٕ مختلف لسٲنی نظریہٕ چھِ وقتہٕ وقتہٕ بارسس آمتۍ۔ جدید لسانیاتکۍ باڈوٗ چھُ واریاہ ہُریومُت تہٕ اَتھ عملہِ دوران چھِ لسٲنیاتن مختلف علومن تہٕ مضمونن پیٹھ نہٕ صرف اثر ترووُمت بلکہ چھِ تمن نش پانہٕ تہِ استفادہ کورمُت۔ ترجمہٕ کاری تہٕ ہکو یتھو مضمونو منز اکھ گنزٕرتھ۔ زیرِ نظر مضمونس منز ییہِ کتھہِ سام ہینچ کوشش کرنہٕ زِ لسانیاتس تہٕ ترجمہٕ کاری کیا تعلق یا کُس رشتہٕ چھُ پانہٕ وٲنۍ تہٕ تم کتھ حدس تام چھِ اکھ اَکس پیٹھ اثر انداز سپدی متۍ۔ امہِ کتھہِ ہنز وضاحتہٕ ییہِ مضمون کیٚن ذیلی عنوانن تحت کرنہٕ۔

## ترجمہٕ کاری بحیثیت واتناوُر

زبان چھےٚ ترسیل یا واتناوُرک (COMMUNICATION) اکھ اہم ذریعہٕ تہٕ واتناوُر چھُ جدید لسٲنیاتکۍ اکھ اہم موضوع۔ لسانیاتس منز چھُ اَتھ عملس سٟتۍ وابستہٕ بولن وول (SPEAKER)

بوٗزن وول ( HEARER )، پأغام (MESSAGE)، ذریعہ ( MEDIUM ) تہٕ ماحول
ہوٚن مختلف جُزن تہٕ ترسیلس ستۍ وابستہٕ بێین عملن سام ہینہٕ یوان۔ ترجمہٕ کاری تہٕ چھےٚ واتناوِ رِچ
اکھ عمل تکیازِ اتھ منز تہٕ چھ گُنہٕ متنس ( TEXT ) منز موجود پأغام ( MESSAGE ) اکہ زبأنی
پیٹھہٕ بێیس زبأنی تام واتناونہٕ یوان۔ لہٰذا چھےٚ یہ کتھ زِ ترسیلس ستۍ وابستہٕ لسأنی خیالات ہیکن ترجمہٕ کار
ہندِ خأطر وارِیاہ سوٗد منز ثأبت سپدِتھ۔ مشہور ماہر لسانیات یوجین نداہن ( EUGENE NIDA )
چھ ترجمہٕ کأری ہندِس بێنس لسأنی نظریس منز امہِ کتھہِ ہند پوٗر پوٗر استعمال کوٚرمُت۔

## لسانیات تہٕ ترجمہٕ کاری اکھ اکس ہندِ خأطر تجزیاتی مواد

لسانیات کین ماہرن ہندِ مطأبق چھےٚ ترجمہٕ کأری لسأنی تجزیہ خأطرِ اہم مواد فراہم کران۔
تِہند وَنُن چھ زِ ترجمہٕ سپدِ مُتہٕ مواد کُس تجزیہ ہیکہ مختلف لسأنی نظرِین تہٕ اصوٗلن وضع
تہٕ ثابت کرنس منز مدد دِتھ۔ عملی طورِ تہٕ کوٚر ماہرو امہِ قسمُک مواد جملن ہنز مارفیمی تہٕ جملی
وِرژھنیہٕ خأطر استعمال۔ یِتہٕ نس چھ یہ وَنُن تہِ ضروری زِ تقابلی لسانیاتس
( COMPARATIVE LINGUISTICS ) منز یُس لسانیاتُک اکھ اہم حصہ چھ، تہٕ چھ
زبانن ہند تقابلی مطالعہ مختلف سوٗتھرِن پیٹھ سپدان۔ امہِ قسمُک تقابلی تجزیہ چھ زبانن ہنز
ساخت وِرژھناونس منز اہم رول ادا کران۔ امہِ نوعیت کہ مطالعہ خأطر چھ ترجمہٕ کوٚرمُت سپدمُت
مواد سیٹھاہ کارآمد تہٕ فایدٕ مند۔ ایڈوارڈ سیپیر ( EDWARD SAPIR ) رومن یاکابسن
تہٕ یوجین ندا ( EUGENE NIDA ) ہوی مشہور ماہر لسانیات چھ امہِ طریقہٕ کارکۍ
حأمی۔ سیپیرن کوٚر یاہ تہٕ انگریزی زبأنی ہندین وارِہن جملن تہٕ تِہندین جرمن، چینی، فرانسیسی
لاطینی، یونأنی، بنٹو ( BANTU ) بیتر زبانن ہندین متبادل ترجمن ( TRANSLATION
EQUIVALENTS ) ہند تقابلی تجزیہ تمن جملن ہنز لسأنی وِرژھنیہٕ خأطر استعمال۔
رومن یاکابسن تہٕ چھ امہِ قسمہٕ کہ تجربُک زبردست حأمی۔ سُہ چھ ونان:

"EQUIVALENCE IN DIFFERENCE IS THE CARDINAL PROBLEM OF LANGUAGE AND THE PIVOTAL CONCERN OF LINGUISTICS ............ NO LINGUISTIC SPECIMEN MAY BE INTERPRETED BY SCIENCE OF LANGUAGE WITHOUT A TRANSLATION OF ITS SIGNS INTO OTHER SIGNS OF THE SAME SYSTEM OR INTO THE SIGNS OF OTHER SYSTEM. ANY COMPARISON OF TWO LANGUAGES IMPLIES EXAMINATION OF THEIR MUTUAL TRANSLATABILITY; THE WIDESPREAD PRACTICE OF INTERLINGUAL COMMUNICATION, PARTICULARLY TRANSLATING ACTIVITIES MUST BE KEPT UNDER CONSTANT SCRUTINY BY LINGUISTIC SCIENCE."

(ماخوز از: مام کیئر۔ ۲۰۰۵)

یوجین نِڈا چھُ اَمہِ تہٕ برونٛہہ یکان تہٕ شہ چھُ ترجمہٕ کاری تقابلی لِسانیاتُک اکھ حِصہٕ مانان۔ مشہ چھُ وَنان:

"..... THE SCIENTIFIC STUDY OF TRANSLATING CAN AND SHOULD BE REGARDED AS A BRANCH OF COMPARATIVE LINGUISTICS, WITH A DYNAMIC DIMENSION AND A FOCUS UPON SEMANTICS."

(نِڈا، ۱۹۷۵، صفحہ ۹۵)

۱۹۸۰ء پیٹہٕ لوٚگ اَمہِ قسمہٕ کِین تقابلی مُطالعن داریاہ پوچھرٕ تہٕ اَمہِ قسمہٕ کہٕ

تجزیک مواد آد زبانن ہندس، ہیچھناونس تہ ڈکشنری بناونس منز تہ پور پور استعمال کرنہ۔
ییٚنہِ طرفہٕ آیہٕ زبانن ہندی گرامر تہ ڈِلسانی تہ کثیر لسانی ڈکشنری ترجمہ کاری منز استعمال
کرنہٕ۔ گرامرو تہ ڈکشنری یوٚ تھوٚد ترجمہ کارن ہند خاطر لفظن تہ جملن ہند متبادل ترجمہ ژھارنہٕ
بأپتھ کارآمد مواد دستیاب ییمیک موٚ ترجمہ کرنس دوران خاطر خواہ فائدٕ تُل۔

## ترجمہ کاری منز لسانی نظرین ہُند دیت

اگرچہ لسانی نظرین ہند مقصد زبانی ہندی زاوی جار بیان کرنی چھُ آسان تہ (تم) چھینہ
سیدس یوٚد ترجمہ کاری سیتی وابستہ آسان مگر تلوٚت کرِتھ تہ چھُ ترجمہ کاری منز۔ لسانی نظرین تہ اصولن
ہند خاطر خواہ فائد تلنہ آمت۔ یہ تہ چھُ برز رزکھنہ ماہر لسانیات چھ ترجمہ کاری سیتی سیدِ سیوٚد
وابستہ رُود یمو تہ موٚ چھینہ ترجمن منز تہ ترجمہ کاری ہندی لسانی نظریہ پیش کرنس منز لسانیاتس
منز بارسس ینہ والین نظرین ہند استعمال کرنس کانہہ وارے کور مُت۔ اتھ گروپس منز چھ
جے سی کیٹ فورڈ (J.C. CATFORD)، الوجین نِدا (EUGENE NIDA)،
پیٹر نیومارک (PETER NEWMARK)، ایم ایل لارسن (M.L LARSON)
تہ جے ایل میلون (J.L. MALONE) ہیو مشہور ماہر لسانیات شامل۔ خاصکر تھ کوٚر
الوجین نِدا ہن لسانیاتس منز یہ ینہ والین نظرین ہند لگاتار تہ بھرپور استعمال۔ بوٚ تہ کنہ ییہ
لسانیات کمن کینہ شرن تمن نظرین تہ اصولن پیٹھ گاش تراوتہ یمو ترجمہ کس نظریس تہ فنس منز
پننہ رول ادا کور یا یم اتھ منز استعمال کرنہٕ آے۔

### ساختیات

ساختیات (STRUCTURALISM) مطابق چھنے زبان تعلقاتن
ہند اکھ مربوط نظام یتھ منز زبانی ہندی مختلف عناصر یا ذیلی سطح اکھ اکس پیٹھ دارومدار چھ
تھاوان۔ کنہ عنصرچ ورتھنے کرنہ ورزچھ یمن عناصرن ہند باہمی تعلق تہ اتھ نظامس منز تمہ

عنصرُک رول زیرِ نظر پیوان تھاوُن ۔ ترجمہ کاری منز تہٕ چھُ متنہٕ ( TEXT ) کِس لِسانی ساختس
تہٕ ہیتس سیٹھاہ اہمیت میلان ۔ خاصکر تھ اوس ییٚمہ کتھہ ہُند زبردست خیال پیوان تھاوُن زِ ترجمس
دوران کیتھہٕ پاٹھی ہیٚکن مولہ متنس (SOURCE TEXT) منز لبنہٕ یِنہٕ واکی ساختی رِشتہٕ
( STRUCTURAL RELATIONS ) برقرار تھاونہٕ یِتھ ۔ جے سی کیٹ فورڈ اوس
امہِ قسمہ چہ ساختی یکجہتی ( STRUCTURAL INTEGRITY ) ہُند زبردست قایل
ییٚمی ساختیات کِس اثرس تحت درجہ بند ( RANK BOUND ) تہٕ غیر درجہ بند
(UNBOUNDED ) ترجمُک تصوُر دیُت ۔ گوڈنکہِ قسمہٕ کِس ترجمس منز چھُ ترجمہٕ لسانی اکائی ین
بُنیاد بناوتھ کرنہٕ یوان تہٕ ہدفی زبانی (TARGET LANGUAGE) منز چھُ یمنے اکائی ین
ہندی متبادل ژھارنہٕ یوان ہے تہٕ تمہِ اکائی ہند درجہ نبر چھُنہٕ نیرُن آسان ۔ امہِ قسمچ اکائی
ہیٚکہِ مارفیم ، لفظ ، فقر بیتر آسِتھ ۔ یعنے ترجمہ ہیٚکہ لفظ بہ لفظ یا فقر بہ فقر آسِتھ ۔ دوٚیمس
قسمس منز چھُنہٕ ترجمہ کار درجہ بند روزان بلکہ چھُ سُہ اکی سے ترجمس دوران مختلف درجن
بُنیاد بناونس منز آزاد آسان ۔ کیٹ فورڈ سندِ مُطابق چھُ مارفیمی تہٕ جملتی سطحن پیٹھ
ہشر تھاوُن واجنِن زبانن ہندِ خاطر درجہ بند ترجمہ زیادٕ کارآمد ۔

## تغیراتی گرامر

۱۹۵۷ء منز گوو لِسانیاتس منز اکہِ نوِ دورُک
آغاز ییلہِ نام چامسکی ( NOAM CHOMSKY
ین پیٚنہٕ مشہور تغیراتی گرامرُک (TRNSFORMATIONAL-GENERATIVE
GRAMMAR) نظریہ پیش کوٚر ۔ زبانی ہندِ امہِ نظریہ مطابق چھُ گرامر تمن اصولن
یا رولن ہُند مجموعہ یِم انسانس زبانی ہندی بے شمار جملہ بناونچ تہٕ سمجھنچ صلاحیت بخشان
چھِ ۔ امہِ مُطابق چھُ انسان زبانی ہندِ محدود موادُک غیر محدود استعمال کران ۔ یعنے
یہ نظریہ چھُنہٕ زبانی جملن ہُند کانہہ گنڈتھ یا محدود وجود یا مواد ( CORPUS ) مانان
بلکہ اکھ حرکی ( DYNAMIC ) نظام یتھ منز لامحدود جملہ پاد کرنچ صلاحیت چھے ۔

زبانٕ ہنٛز یہِ صلاحیت چھےٚ اَسہِ اَندۍ تِھکۍ دوہدِش چہٕ بول چالہِ منٛز۔ دریٛمتھ گرٛتھان یتھ منٛز اَسۍ وِز وِز نۆو نۆو جُملہٕ بوزان تہٕ بولان چھ۔

چامسکی چھُ وَنان زِ شُرِس منٛز چھےٚ زبان ہیچھنچ اکھ پٲداَیشی صلاحیت (INNATE CAPACITY) آسان تہٕ دُنیہس منٛز موجود زبانَن ہنٛز جُملتی ساخت (SYNTACTIC STRUCTURE) چھےٚ زیرِیں سطحس (DEEP STRUCTURE) پیٹھ کٲفی حدس تام رلان۔ اَتھ بنیادس پیٹھ چھُ سُہ آفاقی گرٛامرُک (UNIVERSAL GRAMMER) تصور دِوان۔ چامکی ہندِ وَننہٕ مطابق چھُ جُملَن ہندِس تہَس منٛز تہنٛز زیرِیں ساخت آسان یتھ مُختلف بدلاو (TRANSFORMATIONS) کامہِ لاگتھ تہنٛز پیٹھمِ ساخت SURFACE (STRUTURE) حاصل چھےٚ سپدان۔ نیڈا سندِ ڈسرآیہِ چامسکی سندۍ یم خیال ترجمہ کاری ہند نظریک حصہ بناونہٕ۔ خاصکر تہٕ کور تمۍ بدلاوَن ہُند تصور ترجمہ کٲری منٛز استعمال۔ امیُک تفصیل چھُ تمۍ سنٛز کتابہِ (1964) "TOWARDS A SCIENCE OF TRASLATING" منٛز دِتھ۔

## لفظی متبادل تہٕ معنیات

ترجمہ کرنہٕ وِزِ چھُ ترجمہ کارُن زیادٕ تر توجہ ہدفی زبانٕ منٛز مۆلہٕ زبانٕ ہندێن لفظن ہندۍ مُتبادل ژھارنس پیٹھ آسان۔ یم مُتبادل تلاش کرنہٕ وِزِ چھُ ترجمہ کارس یمہِ کتھہِ ہُند خیال تھاوُن زِ مۆلہٕ زبانٕ تہٕ ہدفی زبانٕ ہندێن لفظن گرٛنہٕ ہٕ پانہٕ وٲنی وارہیس حدس تام معنیک ہشر آسُن ییٚنس تہٕ اَتھ ستۍ وابستہٕ مختلف پہلوٗ ئن چھُ لسانیاتس منٛز معنیات (SEMANTICS) ذریعہِ سام ہینہٕ یوان۔ چونکہ ترجمہ کرنہٕ خاطرٕ چھُ یہِ تہٕ ضروری زِ ترجمہ کار گرٛتھہ مۆلہٕ مواد ک (SOURCE TEXT) معنی ٹھیک پاٹھۍ زانُن تاکہ سُہ ہیکہِ تھٲوِتھ رتی پاٹھۍ ہدفی زبانٕ منٛز رٕچھ دِتھ۔ لہٰذا چھےٚ یہِ کتھ نٕ تہٕ مٲکارٕ زِ معنیات ہیکہِ ترجمہ کرنس منٛز۔ بالعموم تہٕ ہدفی زبانٕ منٛز لفظی مُتبادل ژھارنس منٛز بالخصوص وار اہ مدد کٔرِتھ۔ یوجین نیڈا، پیٹر نیومارک تہٕ جے سی کیٹ فورڈ ہوٗ ماہرِ لسانیات چھےٚ ترجمس منٛز معنیاتی نظریَن ہندِ استعمالہٕ

خاطرٕ وتھ صاف کرمژ۔ خاصکرِتھ چھِ معنیاتس منز استعمال یِپَدن والین جُزیاتی تجزیہ (COMPONENTIAL ANALYSIS) تہٕ عبارتی معنی (CONTEXTUAL MEANING) نظرین ہند بَرپوٗر استعمال سپُد مُت۔

جُزیاتی تجزیہ چھُے سو عمل یتھ منز لفظ معنوی جُزن (SEMANTIC COMPONENTS) منز باگرٕ نہٕ چھِ یِوان۔ امہِ نظریہ مُطابق چھُ پریتھ کُنہِ لفظس کیہنہ نہٕ کیہنہ مفہوٗم یا مطلب (SENSE) آسان یُس مختلف جُزن ہندس صوٗرتس منز اتھ لفظس منز موجوٗد چھُ آسان۔ جُزیاتی تجزیہ ذٕریعہ چھُے لفظکی یِمے جُزٕ بدٕ کڈنچ کوٗشش یِپَدان۔ امہِ قسمک تجزیہ چھُ لفظن ہند معنوی جہت (SEMANTIC DIMENSION) پرکھاونس منز واریاہ مدد کران۔ امہِ علاوٕ چھُ جُزیاتی تجزیہ آشناد لفظن منز یِنہٕ یِنہٕ وول ہشر تہٕ فرق تہٕ نوٗن کڈان۔

جُزیاتی تجزیہ چھُ ترجمہ کارن ہندِ خاطرٕ سیٹھاہ کارآمد تکیازِ یہ ہیکہ تس موٗلہ زبانی تہٕ ہدفی زبانی ہندین لفظن ہند تقابل کرنس تہٕ تہندی معنوی جہت پرکھاونس منز واراہ مدد کرِتھ۔ ترجمہ ورٕزِ ہیکہ موٗلہٕ تہٕ ہدفی زبانی ہندین لفظن ہند معنی ہوٗے باستہ مگر بیلہ باریک بینی سان تجزیہ سپد ممکن چھُ زٕ دوٕن لفظن ہندی کیہنہ معنوی جُزٕ آسن ہوی تہٕ کیہنہ جُزٕ آسن صرف موٗلہ لفظس تہٕ کیہنہ صرف ہدفی لفظس منز موجوٗد۔ لفظن منز موجوٗد معنوی جُزٕ ییلہ بدٕ نیرن ترجمہ کار ہیکہ تیلہ آسٲنی سان لفظن ہنز ژار کرِتھ تہٕ یہ فاصلہ کرِتھ گرِژھہ تسند خاطرٕ بسنتا آسان نہٕ سہ کیتھ پاٹھی کرِ (ترجمہ کرنہٕ ورٕز) لفظن منز موجوٗد یہ فرق کم۔ پیٹر نیومارک تہٕ خاصکرِتھ ایوجین نیڈا ہن کوٗر امہِ عملہٕ ہند استعمال ترجمہ کاری منز بڈٕ کامیابی سان۔

عبارتی معنیک نظریہ تہٕ چھُ ترجمہ کارن ہندِ خاطرٕ کافی اہمیت تھاوان۔ عبارتی معنی چھُ لفظک سُہ معنی یُس تتھ لفظس کُنہِ خاص ماحولس منز میلان چھُ تہٕ یُس تمہ کہ بُنیادی معنی علاوٕ چھُ آسان۔ لفظن ہند عبارتی معنی بیان کرُن چھُ معنیاتُک اکھ

خاص موضوع رُود مُت۔ اَتھ سِلسِلس منز سپیزرن کامہ تلہٕ چھُ نان زِ کُنہِ لفظس دوٚیِم
(SECONDARY) یا عبارتی معنی دِنُس چھِ ترٚبے چیز ذمہ دار۔ گوڈنیک زِ متنس منز کمِن لفظن
ستی چھُ استعمال سپدمُت۔ دوٚیِم زِ متنس منز کمہِ انداز چھُ سُہ استعمال آمُت کرنہٕ تہٕ تریٚیِم
یہ زِ متنس نیبر کیٛتھ غیر لسانی تہٕ بیرُونی ماحولس منز چھُ تمیُک استعمال سپُدمُت۔
ترجمہ کار گرٚژھِ (معنی کِس) اتھ پہلوہس کُن خاص ظوٗن تھاوُن تہٕ ترجمہ کرنہٕ برونہہ
گرٚژھِ سُہ یہ کیٛتھ سر کرُن زِ موٗلہ موادس منز چھا لفظُک بُنیادی کِنہ عبارتی معنی استعمال سپُدمُت
تاکہ ترجمہ کرنس دوران روزِ نہٕ غلطی ہُند احتمال۔ ممکن چھُ زِ موٗلہ موادس منز آسہِ لفظُک
عبارتی معنی استعمال کرنہٕ آمُت تہٕ اگر ترجمہ کارس سُہ معنی پیٛر زِ ناوتھ ہیکہِ نہٕ سُہ ماکر بُنیادی معنی
استعمال کرتھ لفظی ترجمہ۔ ایوٚجین ندا (۱۹۷۵)، پیٹر نیومارک (۱۹۸۸) تہٕ ایم ایل لارسن
(۱۹۸۴) ہندِ ڈسی سپیزرن کام اَتھ سِلسِلس منز کافی اہمیت تھاوان۔

## (۱۷) متنی تجزیہ

ؤہمہ صدی منز رُود لسانی تجزیہ زیادٕ ترجمہٕ کس سوٚتھرس تام
محدوٗد مگر ۱۹۷۰ء پتہٕ پھیوٗر ماہر لسانیاتن ہُند توجہ امہ نبر
تہٕ سوٗرے متن (TEXT) اوٚ تجزیہ چہ کھوچہ کھالنہٕ۔ تو تام اوس زبانی ہُند تجزیہ جُملن ستی
وابستہ تھاونہٕ آمُت مگر متنی تجزیہ پتہٕ آو سوٗرُے متن اکھ مربوٗط اِکائی مانِنہٕ یِتھ معنوی تہٕ جُملی
سطحس پیٹھ بھرپوٗر ربط چھُ آسان۔ امہِ نظریک اثر پیو ترجمہ کاری پیٹھ تہٕ ترجمہ کار گیہِ
متنس منز موجود نظم (ORGANIZATION)، پیوستگی (COHESION) بیترِ
خصوصیژن نِش باخبر یِم کُنہ متنس اکھ مربوٗط اکائی بناونس منز اہم کردار ادا چھِ کران۔
ترجمہ کارس پزِ ترجمہ کرنہٕ وِزِ یمِن چیزن ہُند دھیان تھاوُن۔ یکیاز بقولِ ڈبلیو وِلز
(W. WILLS) :-

'(TRANSLATION IS) A TEXT- ORIENTED EVENT....
AND REQUIRES THE SYNTACTIC, SEMANTIC, STYLISTIC

AND TEXT-PRAGMATIC COMPREHENSION BY THE TRANSLATOR OF THE ORIGINAL TEXT,'

(WILLS, 1981)

## سماجی لسانیات

سماجی لسانیات (SOCIOLINGUISTICS)
چھُ زبأنی ہنز دِرٛھنے سماج کہِ تعلقہ کران تہٕ زبأنی
ہُند سماجس منز استعمال چھُ اَمیک خاص موضوع۔ سماجی لِسانیات چھُ زبأنی ہُند تُلہٕ تراو بولن والین
بوزن والین، تِہندِ سماجی حیثیتن، تِہند پو آپسی تعلقاتو تہٕ ماحول کہِ نِسبتہٕ وُچھان۔ چونکہِ ترجمس
منز چھُ اکِس سماجس منز بولنہٕ یِنہٕ واجِنٛہ زبان بیٚیس سماجس منز لبنہٕ یِنہٕ واجنہٕ زبأنی سٟتۍ بدلاونہٕ
یوان لہٰذا ہیکن سماجی لِسانیاتکی نظریہ اَتھ منز کارآمد ثابتھ سپدِتھ۔ یِم نظریہ زیرِ نظر تھاوتھ ہیکہِ
ترجمہٕ کار آسانی سان یِمن کتھن ہُند فاصلہ کٔرِتھ زِ کُس مواد گژھہِ ترجمہ سپدُن، سماج کیٚن کمن طبقن
یا ممبرن ہندِ خاطرٕ تہٕ کتھ بولہِ منز بیتر۔ مثلاً اکِس دُلسانی (BILINGUAL) ماحولس منز چھُ
ترجمہٕ بروہٕ یہ وُچھُن ضروری زِ تِمہٕ سماجکی لوکھ کتھ حدس تام تہٕ کتھ صورتس منز چھِ زٕ زبانہٕ
ورتاوان تہٕ دۄیو منز کتھ زبأنی چھےٚ تتھ سماجس منز زیادٕ اہمیت۔ اَمہٕ قسمک تجزیہ ہیکہِ
ترجمہٕ کارس یتھ کتھہِ منز مدد دِتھ زِ ترجمس منز کتھ حدس تام ہیکہِ سُہ وۄدٕ زٕم الفاظ (LOAN WORDS)
استعمال کٔرِتھ۔ یتھے پأٹھی چھُ ترجمس منز استعمال سپدن وول لفظٕ راش تہٕ جُملہٕ ساخت بتہٕ کتھ
سٟتۍ وارہس حدس تام گژھہِ تھ زِ سماج کہِ کمہٕ ورگہٕ خاطر چھُ ترجمہ یوان کرنہٕ۔ مثلاً تعلیم یافتہ
تہٕ اَن پڑھ، بالغن تہٕ بچن ہندِ خاطر کرنہٕ یِنہٕ وول ترجمہ آسہِ ضروری طور اکھ اکِس نِش بیون۔

## لسانی ورگیات

یٟنۍ مِن کینٛژن دُلیٚن منز وجوٗدس یِنہٕ وألی لسانی
ورگیاتن (LINGUISTIC TYPOLOGY)
چھےٚ جدید لسانیاتس منز اکھ اہم حیثیت پرٲوٕمژٕ۔ اَتھ منز چھُ مختلف زبانن ہُند تقابلی تجزیہ
کرنہٕ یوان۔ اَمیک خاص مقصد چھُ دُنیہچن زبانن ہنز آفاقی لسانی خصوصیژ

(LINGUISTIC UNIVERSALS) بَدکَڈنہٕ ۔ یہ طریقہٕ کار چھُ ربوٲیی اندازٕ لنشہٕ بیوٚن تکیازِ تتھ منز چھُ اکھ بے زبٲنی ہندس لسٲنی ساختس پیٹھ توجہ مرکوز آسان یِلہٕ زَن لسٲنی ورگیاتس منز مختلف زبانَن ہندیکہٕ وَٹہٕ تجزیہ سپدان چھُ ۔ ورگیاتک اندازِ نظر ورتاونہٕ ستۍ چھےٚ نہ صرف آفاقی لسٲنی خصوصیژن ہٕنز نیران بلکہ چھےٚ مختلف زبانَن تہٕ زبٲنی ذاژَن (LANGUAGE FAMILIES) منز موجود لسٲنی تفاوت تہٕ واضح گژھان ۔ ٲز کتھ چھےٚ زانہٕ قسمُک تجزیہ ہیکہٕ ترجمہ کارس اکِہ زبٲنی پیٹھہٕ بٮ۪یس زبٲنی منز ترجمہ کرنہٕ وِزِ اتھ روٚٹ کٔرِتھ ۔

ہیٚرِ کنہٕ درج مضموٗنو علاوہ چھِ لسانیاتس منز بٮ۪یہِ تہِ کیٚنہہ نظریہ یِہند ترجمہ کٲری منز استعمال چھُ سپدمُت ۔ تمہِ علاوہ چھُ لسانیاتس منز واریاہ تِتھ مواد تہِ موجود یُس ترجمہ کٲری منز استعمال ہیکہِ سپدِتھ ۔ مگر وقتہٕ چہِ کمی تہٕ مضموٗنس زیچھر لگنٕچ بیٚنہِ نظرِ زوٚن مے صرف کیٚنژَن نظرِیَن ہُندے ذکر کرُن مُناسب ۔ یہ کتھ تہِ چھےٚ وَنٕنۍ لایق زِ ترجمہٕ کٲری ہندی کیٚنہہ لسٲنی نظریات تہِ چھِ بارسس آمتۍ یِمَن منز جے سی کیٹ فورڈ، الوجن نیدا پیٖٹر نیومارک تہٕ گڈٕوِن ٹوری ہندی نظریہِ کلیدی اہمیت چھِ تھاوان ۔ ترجمہٕ کِس یِمَن لسٲنی نظرِین پیٹھ گاشِ ترٛاونہٕ خاطرٕ چھےٚ اکِہ الگ تہٕ مفصل مضموٗنٕچ ضرورت ۔ ترجمہ کٲری تہٕ لسانیاتُک مُشترکہ تعلق بیان کرنہٕ وِزِ یِزِ یہ کتھ تہِ یاد تھاوٕنۍ زِ تٲریخی طور چھےٚ ترجمہ کٲری زبانَن ستۍ وابستہٕ شعبَن ہُند حصہٕ روٗدمُت ۔ وۄنۍ گوو ازکل چھُ ترجمہ کٲری ہُند مضموٗن لسانیات کِس شعبَن ہُند اکھ اَہم حصہٕ بنیومُت تہٕ یہ چھُ لسانیات کِس کورسَن منز بحیثیت اکھ مضموٗن پرناونہٕ یِوان ۔ لہٰذا چھےٚ نہٕ یہ کتھ وَنٕنۍ گوب باسان زِ ترجمہٕ کٲری ہیکہِ نہٕ وۄنۍ لسانیاتس منز بارسس یِنہٕ والین نظرِیَن نِشہِ لوٚب ہیٚتھ ۔

# کتابیات

اینلو، سی جی ۔ ۲۰۰۳ ۔ فلاسفی، انتھراپالوجی اینڈ لنگوسٹکس ۔
اِن ٹرانسلیشن ۔ ماخوذ از، ٹرانسلیشن جرنل ۔

پام، ایف آر۔ ۱۹۸۱ ۔ سیمنٹکس ۔ کیمبرج: کیمبرج یونیورسٹی پریس

چامسکی، نام ۔ ۱۹۵۷ ۔ سینٹیکٹک سٹرکچرس ۔ دی ہیگ: موتن ۔

کیٹ فورڈ جے سی ۔ ۱۹۶۵ ۔ اے لنگوسٹک تھیوری آف ٹرانسلیشن ۔
لنڈن: آکسفورڈ یونیورسٹی پریس ۔

لارسن، ایم ، ایل ۔ ۱۹۸۴ ۔ مِننگ بیٹر ٹرانسلیشن ، اے
گائیڈ ٹو کراس لنگویج اکویلینس ۔ لینہم: یونیورسٹی پریس آف امریکہ ۔

مالون، جے ایل ۔ ۱۹۸۸ ۔ دی سائینس آف لنگوسٹکس ان دی آرٹ آف
ٹرانسلیشن ۔ نیو یارک: سنی پریس ۔

مام کیئر، کرسٹن ۔ ۲۰۰۵ ۔ لنگوسٹکس اینڈ دی لنگویج آف ٹرانسلیشن ۔
ایڈنبرگ: ایڈنبرگ یونیورسٹی پریس لمیٹڈ ۔

نِدا، یوجین اے ۔ ۱۹۶۴ ۔ ٹووارڈس اے سائنس آف ٹرانسلیشن
لیڈن: برل ۔

۔ ۔ ۔ ۔ ۱۹۷۵ ۔ لنگویج، سٹرکچر اینڈ ٹرانسلیشن (ایڈیٹر: انور ایس دل) ۔
کیلیفورنیا: سٹینفورڈ یونیورسٹی پریس

ندا، ایوجین اے تہ ٹیبر، سی آر ۔ ۱۹۶۹ ۔ دی تھیوری اینڈ پریکٹس آف

ٹرانسلیشن ـــ لیڈن : برل

نیومارک، پیٹر۔ ۱۹۸۸ء ـــ اے ٹیکسٹ بک آف ٹرانسلیشن
نیویارک : پرنٹس ہال انٹرنیشنل

ولز، ڈبلیو۔ ۱۹۸۲ - دی سائینس آف ٹرانسلیشن: پرابلمز
اینڈ میتھاڈس ـ نار : تونجن ـ



# محمد امین کامل: اکھ تخلیقی ترجمہ کار

سید رسول پونپر

ترجمہ کاری چھُ سیٹھے مشکل فن آسِتھ تہٕ واوہٕ ہالہِ منز بُڈکِس ژانگِکۍ پاٹھۍ پرٕژھتھ دورس منز چلہٕ وُن روٗدمُت۔ کانہہ تہِ زبان ہیکہٕ نہٕ توٗت تام اکھ سدا بہار زندٕ زبان مانِنہٕ یِتھ یوٗت تام نہٕ تمِکۍ تخلیقی دردریچہِ اکہِ رنگا رنگ نظارن تہٕ تازٕ ہواہ خاطرٕ یلہٕ روزن۔ دُچھوے تہٕ دُنیہچہِ سارٮ۪ے بجہ کیو لوکچہ زبانی باسن اکی لسانی تہٕ النسانی اکایی ہنز لنگ لنجہ۔ زبانۍ چھےٚ یتھے کنۍ پننۍ موٗلہٕ اظہارٕ تہٕ ژھران تہٕ نوی آکار تہٕ پراوان آمژ۔ کُنہٕ تہِ زبانۍ چھُنہٕ کونُس پننے یوٗت لفظٕ راش۔ ناگزیر لفظ وو زم دوہ رُد چھُ امہٕ ثقافتی تہٕ لسانی لین دینُک اکھ لوٗبہٕ وُن حصہٕ۔ یہٕ چھُ امی ثقافتی سیاحتُک رُت ثمر زِ کأشرٕ زبانۍ سپز ژداہمہ صدی عیسوی منز اسلامکہِ بیتہِ اشاعتہٕ پتہٕ کیٛژ نوٚ صنفہٕ غزل، مثنوی، رُباعی (ژٲکھ) قطعہٕ (ٹُکھ) تہٕ قصیدٕ بیتر نصیب۔ اکھ نوٚو مشترکہٕ فکری پوٗت منظر تہٕ آس باگہٕ یمہٕ ہتۍ اکھ وِراوتہٕ وُسہ جارتہٕ میوٗل۔ تمہٕ بروٗنٹھ آسہٕ نہٕ اُسی چارٕ تہٕ بھیاری کینہہ تکیاز کٔشیر مُنٛد تواریخ چھُ ساسہٕ وادوٕری پرٕونہٕ تہٕ کأشر زبان تہٕ چھےٚ اکھ زندٕ، پایندٕ، قدیم، تہٕ بڈٕ زبان یتھ پننۍ سیٹھے موٗلُل شعری تہٕ ادبی سرمایہٕ ڈٕکھس چھُ۔ ترجمہٕ تہٕ تواردکہِ حوالکس منزٕ محموٗد گامی یُن تہٕ رسوٗل میرنۍ غزل۔ یوسف زُلیخا (محموٗد گامی) مقبوٗل کرالہٕ وأری سنز گُلریز کس نہٕ کأشرس چھےٚ ژٕنتس۔ یمہٕ چھےٚ بولہٕ مثنوین منز

تھبکنہٕ لایق۔ سیرتی مثنوین منز چھےٚ خدیجہؓ نامہٕ وُنہٕ تہٕ علی شاہ ہُرلنہٕ ناوٕ زیوٚ بیتِس
پیٹھ۔ پرٛکاش کرٛی گامُن رامایَن، مُبیل ناگامی سُند سامنامہٕ، امیر شاہ کریری سُند سامنامہٕ
وہاب پرےٚ سُند شاہنامہٕ آسی باقے جنگنامن سان وندچن زیچھن تہٕ کریچھن راتَن
ہندِ سفرَک ــــــــ میوٗٹھ تہٕ موٗدُر سوز بنتھ زندگی سہل بناوان۔ قھوکی تہٕ
نوٗنہٕ چایہ ہندی دورَن ہندی دور آسی چلان یوٗتام گاش ییہ ہے یا کتاب پرٛنی اندواتھے۔
بعضے اوس یہ سلسلہ راتھ وادن چلان تکیا زِ داستانگوٚ ہسَ اکس گُنہ داستانَچ لَنڈ اڈیچی روزان۔
اوترٛاوترٛ تام اوس لوکہٕ تفریحک یامَن رنز ناونگ یوٚہے رُت شوٗغل یمقبوٗل کرالہٕ وارنہٕ
لولہٕ مثنوی گُلریز ہنز مقبولیتک انداز ہیکہٕ تمہٕ ژاکہٕ (رُباعی) نِشہٕ تہٕ سپدتھ ــ

چھُ پھِر پھیرٕن اندر انگریز کاشُر
اَتھو کنی سوٚت کتھو کنی تیز کاشُر
بنتھ حاکم دباواں میز کاشُر
لُما ریڈس گیواں گُلریز کاشُر

اگر یہ پانہٕ میر غلام رسوٗل نازکی اَتھ کتھِ کُن ٹاکارٕ اشارٕ نموٗد نا وچھِ گوڈ کتھِ منز کرےٚ نہٕ
تس وَنہٕ ہی نہٕ سہل سہل کانہہ زِ تہنز رُباعی چھےٚ علامہ اقبال سُند تخلیقی ترجمہ غلام نبی خیالُ سُند
کورمُت عمر خیامنِس ژاکن (رُباعیین) رُت تہٕ رنبہٕ وُن ترجمہ کُس نہٕ شعر شناس پرٛاز تر
نلوی کلوی۔ کتھ واتھ ۱۹۴۷ء پتہٕ کینن دوہن تام۔ تمہٕ بروٚنٹھ چھُ نا آزادس تہٕ مہجورس پیٹھ
علامہ اقبال سُند اثرٕ ٹاکارٕ۔ سانین بہلہٕ پایہٕ شاعرن یمن منز محمد امین کامل تہٕ شامل چھُ۔
ہنز شاعری پرٛتھ علامہ اقبالس علاوٕ فیض احمد فیض، چکبست، جوش ملیح آبادی، اسداللہ
خان غالب تہٕ ناصر کاظمی بیتر ہوین نمایندٕ اردو شاعرن ہُند اثر نوٚن تہٕ تہٕ گوٚن تہٕ ــ
دوہنی چھےٚ باسان ترجمہ کاری باضابطہ اکہٕ فنچ حیثیت حاصِل۔ ملک گیر سوٚترس پیٹھ
چھےٚ امِچ حوصلہ افزائی سپدان یوت زِ ساہتیہ اکادمی چھےٚ پرٛتھ ؤری یہ پرٛتھ تسلیم شدہ

علاقٲئی زبانَن منٛز۔ اکھ ترجمہٕ انعامہٕ تہٕ دِوان۔ امین کامِل چھُ باضابطہٕ دوٚن پایہٕ بٔڈین تہٕ عہد ساز اردو شاعرن ترجمہٕ کران۔ یِم چھِ غالبؔ تہٕ علامہ اقبالؔ یِلہٕ ریاستی سرکارٕنٛ جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز کہِ حُسنِ اہتمامہٕ یمَن دوشوٚنی ہُنٛز زٕنم صدی تقریبہٕ مَناوِ۔ دوشوٚنی ہنٛز زندگی تہٕ شعری کیو ادبی کارنامَن مُتعلق آیہِ دوماہی کاشُر شیرازٕکی خصوصی نمبر کڈنہٕ تہٕ الگ ترجمہٕ سوٚمبرٲوِتھ شایع کرنہٕ یمَن منٛز۔ علامہ اقبالُن نظمن ہُند "زٕ زٕلم" ناوی ترجمہٕ تہٕ شامل چھُ۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ یِتھن یتِھ بھرٕنی لایق زِ ووٚنی چھُ غلام نبی ناظرُن تہٕ غالب اکیڈمی دلہٕ ہُند چھوپمُت دیوانِ غالبؔ کاشُر ترجمہٕ کاشرِس منٛز دستیاب۔ کاشُر زبانی ہُند بہلہٕ پایہٕ نقاد تہٕ ادیب چھُ غالبؔ نِس کاشرِس ترجمس متعلق وَنان۔

"کامِل صٲبنُ چھُ رسالک ساری کھوتہٕ اہم حِصہٕ تہٕ یِنہٕ قلمکہِ ناگہٕ رادےٚ کوڈمُت۔ یہِ گوو غالب سندین مُنتخب شعرن ہُند کاشُر ترجمہٕ۔ غالبہٕ سُند تُندہٕ توتمس - - - - - -

کاشرِس اَمِس ٹاکس منٛز بھرُن چھُنہٕ ڈیٖٹھ کتھا تہٕ کامِل صٲبن یِمہٕ ییٚژھ تہٕ یژھ سان اَکھ دَس تُل، سُہ چھُ ہاوان زِ کم از کم فنکارانہٕ اعتمادس واتہٕ ہٕ تِس سٲنین گوٚنماتن منٛز کانہہ۔ یہِ چھےٚ الگ کتھ زِ تِس چھِ اَتھ نِجہٕ کجہٕ وَتہٕ بیٚٹھ امہٕ رِندانہٕ آیہٕ یکِنہٕ ستیٖ کھُندٕ لگان۔ یِس نہٕ کھُندٕ ین تہٕ رٕکنین تَن دِیہٕ۔ سُہ ہےٚ منزل پراوِتھ کیا؟۔ ووٚنی گوو زبانی ہُند صحت چھُ ونان زِ تہنٛدِس جذبس تعریف کرنس ستیٖ ستیٖ ہموٲری یِتھ کتھ تہٕ سام زِ تِہنٛز۔ کوشش کتھ حدس تام چھےٚ کامیاب روٗزمٕژ۔

میون جواب چھُنہٕ اَتھ مُلہٕ تلہٕ مُخالف۔ تِمیٚ چھِ واریاہ جان ترجمہٕ کٔرِمتیٚ۔ کینہہ زٔڈ نِکھ واجٕنہٕ تہٕ کینہہ غلطی کٔرِمتہٕ"[1]

---

[1] غالبؔ : کامِلُن ناقص ترجمہٕ، ص: ۲۰۹ : تلاش : ۱۹۸۸ء مطبوعہ محمد یوسف ٹینگ

ترجمس خاصکر شعر ترجمس منز چھ یہ لازم زِ ترجمہ کارس آسہِ دوشونی زبانین (از ترجمہ
زبانی تہٕ مولہٕ زبانی) پیٹھ نہ صرف ماہرانہ تخلیقی دسگاہ ہے یوت بلکہ شعر شناسی ہُند سون تہٕ
گوٚن شعور تہٕ خاص پیٚمیک تقاضہ یی چھُ زِ شہ داہ تہٕ ناوِ فنکٲری انداز کینژھ محدود تہٕ ناگزیر
لسانی، ثقافتی تہٕ نسلی حد بندیو مطابق شعر کُنہ کُنہ جایہ مفہوم یوت پرن والین تام۔ یہ کام
چھےٚ بڈ مشکل صبر آزما تہٕ وقت طلب۔ یہنز یتھی ہوی ترجمہ تجربہ نظرن تل آسِتھ چھُس بہ یی مانان
زِ کانہہ تہٕ ترجمہٕ گرٚٹھ پننہ منز فرصتس سان کُنہ بے جاو تاولی ورائے کرنہ یُن۔ فرمائش تہٕ آسی تن تھٕ
تہٕ گرٹھ وارکار انجام اننہ خاطر ضروری مہلت آسنہ یتھ ترجمہ کارس پننہ پرتیتھ تہٕ رچھنہ تہٕ مولہٕ تخلیق
کارس تیٚتھ شوبہ تیتھ انصاف تہٕ کرتھ ہیکہ۔ روز درآتی ناٹہ کرنہ تمہ ہیکہ کانہہ تہٕ کرتھ۔
بد قسمتی کنی چھنہ یرٹھ ہش لازمی مہلت یرٹھ بجہ کامہ بابتھ دردس آسن یلہ کانہہ خاص صدی
شمار کُنہ خاص رسالک کُنہ سرکاری یا نیم سرکاری ادارکہ طرفہ کڈ نک تجویز آسہ یتھ منز۔ کانسہ ہبلہ
پایہ منتخب تخلیق کار سندین شعرن تہٕ نثر پارن ہندی ترجمہ تہٕ شامل آسن۔ وقت چھُ آسن
گنڈتھ تہٕ خانہ پری چھےٚ لازم۔ اوکنی اگر کامل صابس ہیو تردست، تردماغ تہٕ کوہنہ مشق
شاعر یتھ ہیو شعر ترجمہ ہیتھ تہٕ بروٚنٹھ کُن یہ تہٕ گراوے کیا؟ ؎

۱۔ آہ کو چاہیے اک عمر اثر ہونے تک
کون جیتا ہے تری زلف کے سر ہونے تک

یارِ مُہ رژن آے وو شس آسہ تہٕ کر کار
کوہ رُود تو تانی زندہ سرگوس زلف چون

۲۔ اصلِ شہود و شاہد و مشہود ایک ہے
حیران ہوں پھر مشاہدہ ہے کس حساب میں

شہود و شاہد و مشہود چھُ اَکُے
یہ موٗت مُشاہد چھُ اَخر کتھ حسابس منز

۳۔ قطرہ میں دجلہ دِکھائی نہ دے اور جزو میں کُل
کھیل لڑکوں کا ہوا دیدۂ بینا نہ ہوا

قطرس اَندر دَجلہ تہٕ جُزوس اَندر کُل درِینٛٹھ
شُری کھیل ہے وُنہس تہٕ مگر گاشدار اَچھ ما

۴۔ پوچھتے ہیں وہ کہ غالب کون ہے
کوئی بتلائے کہ ہم بتلائیں کیا

از چھِ پرٛژھاں یار غالِب کوٚہ سا گوو
کانہہ اکھاہ وٚنی تۄم ساٚ باوے تہٕ کیا؟

اصل بحرس تہٕ وزنس تہٕ آہنگس لور رٚوزتھ شعر ترجمہ کرُن چھُنہٕ پرٛوِزِ ہیوٚژ نیران تہٕ نہ چھِ یہ خضر قدمہ قدمہٕ وَتہٕ ہاوُک بَنان۔ یتھ کنٛی چھُ ترجمک وَتہٕ کتھ خال خال لبے ٹھکانس واتان۔ نہ چھُ موٗلہٕ زبانٛی ہِنٛدی انصاف سۭیدِ تھٕ ہکان تہٕ نہ چھُ ترجمہٕ زبانٛی یا ورتاوٕ زبانٛی ہنٛد رٚژھے نوٗو آے تہٕ باے لبان۔
کاشرس منز چھُ دم نیرُن، دوہ دوہ کڈُن یا وقت نیرُن نہ ززوٚ نیرُن یا زُو کھسُن یہ زٕن کامل صاب جلدی منز ٹیشر مُت چھُس۔ وو‌ۄنی زن گرہو اُسی تہٕ تہٕ

بیٚہمو لفظن ہندس اٲمس یٛنس لمنہٕ، یہ مٲعینگ رشتہٕ چھُ وتی ژھوکان سہ

محبت میں نہیں ہے فرق جینے اور مرنے کا
اُسی کو دیکھ کر جیتے ہیں جس کافر پہ دَم نکلے

فرق لسنس تہٕ مرٕنس یتھنہٕ بوزکھ کانہہ چھنےٚ لولس منز۔
کڈاں دوہ دوہ یمیس وُچھ وُچھ تسی وُچھ وُچھ چھُ دم نیران
یوٚہے کوچہٕ پھیرٕ چھُ اُتھی لفظس یمہ شعرک ترجمہ کرن وِزِ درینٛھی گژھان سہ

گو ہاتھ میں جنبش نہیں آنکھوں میں تو دم ہے
رہنے دے ابھی ساغر و مینا مرے آگے

یوٚد وے مےٚ اَچھن چھمہٕ سکتھ دَم تہٕ اَچھن چھُم
وونی پیالہٕ تہٕ مَس نار بھٕرِ وونا مےٚ برونٛٹھ کنی

اگرے کامل صابس ہنا مہل آسہے یہ ترجمہ ہیکہ مٲری موٚند تخلیقی تہٕ رُتبہٕ وُن ثابت سند تھ۔ یہ زَن مےٚ یتھی مضمونس منز برونٛٹھے ووٚن زِ اصل بحرس لور روٗزِتھ ترجمہ کرُن چھُ خٲلے پھر لوٚژ نیران۔ اَتھ تہٕ چھےٚ ترجمہ کارٕ ہنٛز تخلیقی ہُتھ تہٕ تمُسُند وجدان مانز تہٕ نم باسان تہٕ شعر فہمی مُنٛد روٗح تازٕ گژھان۔ مثالے سہ

کہو نہ طعن سے پھر ہم کو ہم ستمگر ہیں
ہمیں تو خو ہے کہ جو کچھ کہو بجا کہیے

یہ وَرگہٕ پاٹھۍ مہ دِم طعنہٕ اَسی ستمگر گۄۓ
چھُ عاذ بھتاہ منے، منے کینٛہ تھاونھ بچاون سۄۓ

رہے نہ جان تو قاتل کو خوٗن بہا دیجئے
کٹے زبان تو خنجر کو مرحبا کہیئے

گلی یہ جان دِساۓ قاتلس ہتھو ہتھی ڈنڈ
ژھینٛنۍ زبان تہٕ شمشیرِ مرحبا وَن سۄۓ

نہیں نگار کو اُلفت نہ ہو نگار تو ہے
روانی، روش و مستیٔ ادا کہیئے

اگر چھُ لولہٕ وَرا‌ۓ، اَسی تَن چھُ محبوٗبے
تُستَد سُہ ہکوی بکھ مَس چھُور اداوَن سۄۓ

وُچھوے تہٕ وُہم صدی چھےٚ بیداری ہنٛز صدی خاص کرٕتھ ایشیا خاطرٕ یلہِ اکتوبر ۱۹۱۷ ہس منٛز آو سوویت روس اِنقلاب یُس گوو ڈنکہٕ عالمی جنگک زمانہٕ اوس۔ دوٚیمس عالمی جنگس پتہٕ گوو چین تہٕ پرولتاری۔ وونی گوو سوٗرے پھیرتھ مگر پرولتاری، ترقی پسند تحریکہٕ ہندی رتی دوٚررس اثرات پیٚیہ عالمی سیاستس تہٕ ادبس پیٹھ۔ جایہ جایہ گیہ لکھ ملک کیٚر کیور یاستی سوٗتھرس پیٹھ سیاسی غلامی خلاف متحد۔ کاشرٕ کتہ روز ہن لوٚب۔ امہِ حوالہٕ چھیٚنہٕ تہٕ نہ اوس علامہ اقبال

کاشر زبانی تہٕ ادبہٕ بابتھ نوو۔ تمہٕ وقتہٕ یعنی، ۱۹۴۰ءِس اورٕ یورٕ نوٕ پُیہٕ ہندی ساری شاعر اَسی
علامہ اقبالَس نِشہٕ مُتاثر۔ تس پتہٕ ستی اَسی تہٕ پنڈت دیا نرائن چکبست، جوش ملیح آبادی تہٕ فیض
احمد فیض بیتر سانہٕ خاطرٕ وود پرٕ مہجور، عبدالاحد آزاد، مرزا غلام حسن بیگ عارف، دینا ناتھ
نادم، پیتامبر ناتھ درفانی، عبدالستار رنجور، پروفیسر رحمان راہی تہٕ محمد امین کامل بیتر ہوِن
شاعرن ہُند اکھ بوڈ کاروان آو بروٗنٹھ کُن یِہنز شاعری پیٹھ علامہ اقبال سُند اثر پرٛزُکھٹ
تہٕ نوٗن چھُ۔ وُہمہِ صدی ہندی شتِمس دُہہِس سورُن آیہِ ریاست گیرٕ تہٕ سرکاری سۄترس
پیٹھ کلچرل اکیڈمی ہندِ حُسنِ اہتمامہٕ اقبال زٕنم صدی تقریبہٕ منعقد کرنہٕ۔ سیمینار، مُشاعرٕ تہٕ مناظر
سپدی۔ کاشرِ تہٕ اُردوٗ، شیرازٕکی خاص شُمارٕ درایہٕ۔ ترجمہٕ تہٕ سپدی شایع۔

محمد امین کامل صابُن "زٕرزٕلم" ناوی علامہ اقبالٕنین منتخب نظمن ہُند کاشُر ترجمہ
تہٕ چھپیوو ۱۹۷۹ءِس کیٗت۔

یہٕ ناو چھُ اکھ ترجمہ سۄمبرنی کاشر زبانی ہندی پایہٕ بڈی نقاد، ادیب، شعر شناس
تہٕ ریاستی کلچرل اکیڈمی سابق سربراہ جناب محمد یوسف ٹینگ صابن کوٚرمُت۔ تمہِ چھُ اکھ
کتھ واش کڈان لیکھان۔

” امین کامل صاب چھ وونی سانین مرٛی دیادمن منز گنزرنہٕ یوان تہٕ بییہ
چھُ تمو اقبال سندِس کلامس کُن ہنا زیادے ییہن توجہ کوٚرمُت تہٕ اَمہِ کِس اکس حصس چھکھ کاشُر
وردن لوگمُت، تمو اوس امہِ برونہہ غالب سند کلامُک اکھ حصہ تہٕ کاشرِ وومُت مگر وونی لایق
کتھ چھے یہِ زِ اقبال کاشراوُنہٕ ورِ چھنے عام طور کامل صابن تمو لغ شونشہٕ دامانہٕ بچاونچ کوشش
کرِمژ یمہٕ غالبس ترجمہ کرنہٕ پتہٕ وننہٕ آسہٕ کڈنہٕ آمژ چونکہِ تتھ ترجمس چھے اسلوبچ اکھ اہم آہنگی
امہِ کنہٕ چھن یہِ اُسی الگ پاٹھی شایع کران۔

مے تھوو اتھ "زٕرزٕلم" اوکنی ناو تکیاز ترجمہ کارن چھے کلام اقبالچن سارے
زوتہٕ وِنین زٕتن کومہ رٹنچ کوشش کٔرمٕژ۔

یتھ کتابہِ منز چھُ ترجمہ کارَن شاید اقبالٕ سٕند بہترین اُردوٗ تہٕ فارسی کلامُک ہَرتَر پیش کوٚرمُت ۔ اَتھ منز چھِ بانگِ درا ، بالِ جبریل ، زبورِ عجم ، ارمغانِ حجاز تہٕ ضربِ کلیمٕچ زار شامل ۔ یوسہٕ کَتھ مےٚ سٹھاہ خوش گَیہٕ سو چھےٚ یہِ زِ تِمو چھُ بانگ دراہُک گوڈنیُک حصہٕ کاشرِ ووٚمت یُس یاتہِ شُری باتَن نتہٕ قُدرتی منظرن بیترِ سٟتۍ تعلق تھاوان چھُ ۔ یہِ چھُ اکھ سُہ اقبال یُس پیٚمہِ پیامی تہٕ ہوٗل بانگے والہِ لہجہِ کِنۍ مُشتہِ چھُ گوٚمُت اَتھ حدس تام زِ یہِ پٔرتھ چھُ اَز اکہِ تازگی تہٕ پوشہٕ تیٚر ہُند ہیوٗ احساس گژھان ۔ یِم شبنمٕ پھیرۍ چھِ کامِل صابن وارِیاہ طرادٕ تہٕ سان کاشرِن کھٔلہِ وُتھرَن منز سجاوِی متۍ ۔ ''؎۱

ٹینگ صابس سٟتۍ چھُ مےٚ جزوی طور اتفاق تِکیازِ دُتاوِلی منز چھُ کامِل صابُس شُبدَن ہُند موٗلہِ معنہٕ بٕشچن گاڈن ہندی پاٹھۍ اَتھو منز نیرتھ ژلان تہٕ تِمۍ سٟتۍ محنت چھےٚ اَڈوٚ وٚتے واَتتھ گٔلی موران ۔ میٚنہِ چھُ اقبالٕنۍ کینژن نظمن کاشرِ ورژن لوگمُت یِمن منز تصویرِ درد ( بانگِ درا ) تہٕ ذوق و شوق ( بالِ جبریل ) تہٕ شامل چھےٚ مگر شایستگی چھِنہٕ مےٚ اجازت دِوان زِ بہٕ وَنہٕ پننِس ناچیز ترجمس متعلق تہٕ کیہنہ ۔ " زُتٕژ ہلم " ترجمہٕ سومبرنی منز شامل کامِل صابٕنۍ ترجمہٕ اَسی مےٚ برونٹھے پٔرۍ متۍ ۔ ووٚنۍ پرٕم بیٚیہِ تہٕ ۔

ترجمہٕ کار سٕندِ حیثیتہِ میون تجربہٕ یا میانۍ ناچیز راے چھےٚ یہِ زِ فلسفس گژھِ نہٕ ترجمہ کرنے تِکیازِ تتھ ہیکہِ نہٕ ترجمہٕ گٔژھی تھٔے ۔ کوٚرس شاعری ہُند ترجمہ چھُ یژ پاٹھۍ مفہومہٕ کہ واسطہِ ممکن تِکیازِ شبداوِلی چھِنہٕ یتھ وِزِ ساتھ دِوان ۔ موٗلہِ تخلیق کارٕ سٕنز ۔ لیکھن گژھ ، تِمۍ سُند اَزلی راوَن تیوٗل تہٕ اَتھ رٔسی وِزِ ( MOODS ) کا یہِ یژ چھِنہٕ ڈیٹھ کتھا ۔ محمد امین کامِل صابنِس اقبال سٕندِس ترجمہ توٚرکس منز یِمہٕ کیہنہ زبر کوٗشِشہٕ مےٚ درینٹھۍ گَیہٕ تِمہٕ چھےٚ یتھ کِنۍ ۔

---

؎۱ گوڈُت : زُتٕژ ہلم (۱۹۷۹ء) : محمد یوسف ٹینگ ص : ۵ - ۴ : مطبوعہ کلچرل اکیڈمی سرینگر

## ہمدردی (بچوں کے لئے)

ٹہنی پہ کسی شجر کی تنہا
بلبل تھا کوئی اداس بیٹھا
کہتا تھا کہ رات سر پہ آئی
اُڑنے چگنے میں دن گزارا
پہنچوں کِس طرح آشیاں تک
ہر چیز پہ چھا گیا اندھیرا
سن کر بلبل کی آہ و زاری
جگنو کوئی پاس ہی سے بولا
حاضر ہوں مدد کو جان و دل سے
کیڑا اگرچہ میں ذرا سا
اللہ نے دی ہے مجھکو مشعل
چمکا کے مجھے دیا بنانا
کیا غم ہے جو رات ہے اندھیری
میں راہ میں روشنی کرونگا
ہے لوگ وہی جہاں میں اچھے
آتے ہیں جو کام دوسروں کے

(بانگِ درا)

## رفاقت (شرٕح ہمدردِ خاطر)

بُلبلاہ تھ٘ر پیٹھ اَکِس رُوزِتھ گوٗمُت
راہ مُساف٘ر رووُمُت وَتہِ پیٹھ ہیوٗمُت
خوفہ ہوٚت اندۍ نِکھۍ وِچھاں اَتھۍ مِکۍ لوان
پانٕی پانس سِتۍ پُھٹتا واں وَناں
حالِ حارٲں ہیُودہ ہیٚس پھیوٚرِس ژہ لوٚر
پھَل پھلین پیٚتھ زوٚمنۍ لوٚسُم لارٕی لارٕی
آلِنِش چھُس دوٗر ہیوٚمُت شام گوٚم
یَتھ گٕنِش منز کور گرٛتھ وٕنۍ کیا بنیوم
ہوش چھس وٕتھنگ منۍ از رٛوُدم نہ کانہہ
گلۍ وَراہ یُتھ چھُم نہ گوٚمُت غم زانہہ
بلبلَس نکھہ تل زُتیۍ اکھ دراے نٕنۍ
پرزلہٕ وُن تارُکھ مشاہ لیاہ شوٗلہٕ وٕنۍ
بلبلَس کٕن وَننہ لُج کانہہ غم مہ بر
چھُس بہ حاضر خدمتَس حکماتہٕ کر
زٕونگ ہش زوتاں چھُنے وُچھ کیا میانۍ تن
سینہٕ چھُم بے کینہٕ دل شوٚد صاف مَن
وقت مشکل گرٛتھ نہ ترا وٕنۍ زاہ تہٕ آش
کرسکھ دوٚہ تھِ ترا و غم ہاوے بہ گاش
دُنیہس منز تمہٕ بشر تم اَکھ چھِ جان
یم رفاقت اکھ اَکِس اَسن کران

## چاند اور تارے

ڈرتے ڈرتے دمِ سحر سے
تارے کہنے لگے قمر سے
نظارے رہے وہی فلک پر
ہم تھک بھی گئے چمک چمک کر
بیتاب ہے اِس جہاں کی ہر شے
کہتے جسے سکوں نہیں ہے
رہتے ہیں ستم کشِ سفر سب
تارے انسان شجر حجر سب
ہوگا کبھی ختم یہ سفر کیا؟
منزل کبھی آئےگی نظر کیا؟
کہنے لگا چاند ہم نشینو
اے مزرعِ شب کے خوشہ چینو
جنبش سے ہے زندگی جہاں کی
یہ رسم قدیم ہے یہاں کی
ہے دوڑتا اشہبِ زمانہ
کھا کھا کے طلب کا تازیانہ
اس رہ میں مقام بے محل ہے
پوشیدہ قرار میں اجل ہے

## زوٗن تہٕ تارکھ

کُتھ کھوٗژی کھوٗژی زٕ بُلی یہٕ مارے
ڈُنی تارکو زوٗنہٕ پٮ۪تمہٕ پیارے
نظارٕ گامتی چھ ووٕنی ہٕنکی پھٕکی
اُسی وُچھتہٕ کوتاہ پٕرزٕلی پٕرزٕلی تھٕکی
بے تاب پرتھ چیز وُچھ چھُ کوتاہ
یتھ ناو کوٚرکھ سکوٗن چھُ عنقا
سأری چھ اندر سفر یہٕ ژھٕل وُچھ
تارکھ تہٕ اِنسان کُلی تہٕ پل وُچھ
انجام واتیا یہٕ بُلی سفر زانہہ؟
مُنزل پوٚتُس ڈیشہٕ تیا سفر زانہہ؟
وٕدُنکھ مگر زوٗنہٕ ہم نشینو
اے روت نبہٕ کیو تماشہٕ بینو
حرکژ اندر زندگی جہانٕچ
ریتا یہٕ چھٕنے آمژ یہے زمانٕچ
دوران تہٕ دواں چھُ گُرِ زمانُک
کھٕنٮ۪ کھٕنٮ۪ ضرب طلبہٕ تازیانُک
ہرگز تہٕ چھُنہٕ کانہہ مہل قرارس
لأرِس چھُ لیکھتھ اجل قرارس

چلنے والے نکل گئے ہیں
ہم ٹھہرے ذرا کچل گئے ہیں
انجام ہے اس خرام کا حسن
آغاز ہے عشق انتہا حسن
بانگ درا

يم برونٹھ ٹکي، برونٹھ باخُدا گئے
يم رژھ تہ ٹھہرے ڈی فنا گئے
اَتھ شوقہ ٹکیئس حُسن چھہ انجام
گوڈ چھس عشق انتہا حُسن نام

اثر کرے نہ کرے سن تو لے مری فریاد
نہیں ہے داد کا طالب یہ بندۂ آزاد
قصور وار غریب الدیار ہوں لیکن
ترا خرابہ فرشتے نہ کر سکے آباد
خطر پسند طبیعت کو ساز گار نہیں
وہ گلستاں جہاں گھات میں نہ ہو صیاد

اثر گرتہ ھی نہ گرتھی بوز میانی یم فریاد
وَنے نہ داد دِتم چھس یژھ کُھقو آزاد
قصوٗر وار تہ اجنبی اَزاَنی چھس بہ مگر
فرشتہ ہیکی نہ کرِتھ شونی لاے جائی آباد
خطر پسند مزاز س براہ چھي نہ یوان
سُہ بوشہ باغ یتھ نہ زاگ آسہ یتھ صیاد

پھر چراغ لالہ سے روشن ہوئے کوہ و دمن
مجھ کو پھر نغموں پہ اکسانے لگا مرغ چمن
پھول ہیں صحرا میں یا پریاں قطار اندر قطار
اودے اودے نیلے نیلے پیلے پیلے پیرہن
برگ گل پر رکھ گئی شبنم کا موتی باد صبح
اور چمکاتی ہے اس موتی کو سورج کی کرن
بال جبریل

بنیہ گلاَن ژونگ پیہ زلو ولو رسی گے کوہ تہ وَن
بی منے باغکی بلبلن وُزناو نغمن ہنز کلن
پوش پھولی ہتی جنگلس چھلکہ چھے پرِ ین ہنز تماشہ
کینہ لیدری کینہ نیلی کینہ چھتی کینہ موزلی لاگتھ پیرن
پوشہ نرگس پیٹھ تھوتھ لو موختہ پوک صُبحک ہوا
ووہ نی چھے اتھ موختس سراپا سرِ یہ ژُن تابہ وَن

## دُعا

یارب درونِ سینہ دِل باخبر بدہ
در بادہ نشہ را نگرم آں نظر بدہ
رفتم کہ طائرانِ حرم را کُنم شکار
تیرے کہ نافگندہ فتد کارگر بدہ
سلیم مرا بہ جوئے تُنک مایہ مپیچ
جولانگہے بہ وادیٔ کوہ و کمر بدہ
حاکم بہ نورِ نغمۂ داود بر فروز
بر ذرہ مرا پر و بال شرر بدہ
شاہین من بہ صیدِ پلنگاں گُذاشتی
ہمت بلند و چُنگل ازیں تیز تر بدہ

یارب وَجھیں اندر مٹے دلاہ باخبر دِتم
مَس ڈیشہ نشہ باوِتمیک تڑھ نظر دِتم
وُجھ دراس کرِنہ حرمہ کین جاناوَرن شکار
یُس تیر کانسہ لوے ہنسّے کارگر دِتم
سہلاب اُتھیَن مٹے بندمہ کر آبہ جویہ منز
مادان یا تھلبن پہ کوہَن تاں مگر دِتم
پرزلاو خاک میاگنی ژ دوؤدی نغمہ ستی
ذرن خدایہ نار برہین ہندی مٹے پر دِتم
سوزُتھ یہ پازمیون سہَن پتھر پاونس
ہمت بلند نم تہ ہنا تیز تر دِتم

## زبورِ عجم

سخن ہا رفت از بود و نبود م
من از خجلت لب خودکم دم
سجودِ زندہ مرداں می شناسی
عیارِ کارِ من گیر از سجودم

ارمغان حجاز

کتھا وُژھ میانہ ہستی ہنز تہ عدمچ
حجالہٕ کنی مٹے وُڈھ مژرم نہ اکھ سوت
خبر چھے زندہ مردن ہنز تُسے سجدچ
ژمیانے سجدہ تلہ سر میاگنی کرتوت

دلے بر کف نہادم دلبرے نیست
متاعِ داشتم غارت گرے نیست
درونِ سینۂ من منزلے گیر
مُسلمانے ز من تنہا ترے نیست

اَتھس کیتھ چھُم دِلاہ چھُنہٕ دِلبراہ کانہہ
مےٚ یتھ مالَس چھُ مانغارت گراہ کانہہ
وَچھس میانِس اندر بیہہ جایہ ہَن رٹھ
مُسلماناہ مےٚ ہیو چھُنہٕ کُنہ زوٗناہ کانہہ

ازاں فکرِ فلک پیما چہ حاصل
کہ گردِ ثابت و سیارہ گردد
مثالِ پارہ ابرے کہ از باد
بہ پہنائے فضا آوارہ گردد
چہ خوش گفت اشترے باکرہ خویش
خنک آں کس کہ داند کارِ خود را
بگیر آز ماکُہن صحرا نورداں
بہ پُشتِ خویش بُردن کارِ خود را

سو آسمانی وُبھن فِکرے پَچھے کیا یوس
چھےٚ اَندی اَندی تارکن بے کار پھران
سُہ یتھ کُنہ اَڈ بَرٹوٗک کانہہ واوہٕ گراوِ
فضاہس منز چھُ ٹِلی آوارہ پھیران
زَبر کتھ وُنی یہ اُکی وُوٗنٹن بَچَس کُن
مُبارک یُس چھُ زاناں کارِ پننے
یہ کتھ تھَو یاد ساری پرانی وَتہ گتھ
تُلاں پننین پھیکین پیٹھ بار پننے

ارمغانِ حجاز

اگر اَسی یِژھ خاصہ کوشِشہٕ کرَن وِزِ یہ کتھ ژتِس تھاوَن کاشُر زبانی چھنہٕ یِژھ شوٗبہ تِژھ سرکاری سرپرستی حاصل تہٕ بہ چھُس تیوُت لوٗکھ تہٕ مازانے تیلہ سوچو اَسی یِتہ یِتہ پھِر زکَس لفظ شوٗبہ کتھن مالہ پروٗن تکیاز لیکھتھ گو وِزِ ہوٗکھتھ گوو۔ کاشرس منز دُبارکۍ تخلیقی سرمایک پچھُن چھُ محال۔ رُت گووی زِ اَسی مشراو وِزِ ڈنکھ والنگ عادتھ۔ یتھ کتھ یتھن پھیرِدِن روز جانے زکاملِ صاابن کِتَرِن زبر ترجمہ کارین منز چھےٚ بیٚیہ ہَن زبر تہٕ جمیل پننچ وارباہ گنجایش موجود۔ بقول اقبال ؎

پر بتھ لحظہ نوٗوے طوٗر نوٗوے جلوہٕ جلالک
تعشوقہٕ منزل بار خدایا مہ گژھِن طے

# شعریات

ارسطو
زبان : انگریزی
ترجمہ : شفیع شوق

## ١

شاعری ہُند فن عنوانس تحت چھِنہٕ مےٚ صرف اَتھ فنَس متعلقے یوت کینٛہہ کرٕنۍ بلکہ چھُس بہٕ شاعری ہنز مختلف ذاژن متعلق تہٕ تِمن ذاژن ہندٮ۪ن مخصوص مقصدن متعلق تہٕ بحث برٕتھان کرُن۔ بہٕ چھُس یتھ متعلق تہٕ برٕتھان بحث کرُن زِ کُنہٕ نظمہٕ ہنز کامیابیہ ہنٛد خاطرٕ کم قسم چھہ پلاٹُک ضرورت، اتھ منز کِتی ترکیبی جز چھہ، تِمن جزن کیاہ رشتہ چھُ یا تہٕ وانٛی تہٕ تِتھے پاٹھۍ اتھ مطالعس سٟتۍ وابستہ باقے مسلن متعلق، مگر شروع کرٕ بہٕ فطری طریقہٕ یعنے گوڈنکہٕ اصولہٕ پیٹھہٕ۔

رزمیہ، المیہ، طربیہ، مجنونانہ شاعری تہٕ بنسری تہٕ سارنہٕ سٟتۍ ترتیب دِنہٕ آمژ اکثر موسیقی یِم ساری ہیکوکھ اسۍ نقالیہ یا نمائندگیہ ہنز مختلف صورژ زانِتھ۔ مگر یِم چھہ ترینو طریقو اکھ اکس نِشہ مختلف یا تہٕ نقالیہ منز مختلف وسیلہ ورتاونہٕ کِنۍ، یا مختلف چیزن ہُند نقل کرنہٕ کِنۍ نتہٕ یِم چیز بلکل مختلف اندازٕ و پیش کرنہٕ کِنۍ۔

کینہہ فنکار چھہ پننہٕ نظریاتی علمہٕ کِنۍ یا پننہٕ مہارژ منٛز مدد چیزن ہُند نقل کران یا تہٕ یِمن چیزن ہندٮ۪ن رنٛگن ہُند نقل کرٕتھ یا پیکرن صورژن ہُند نقل کرٕتھ تہٕ کینہہ فنکار چھہ یہ کام چیزن ہنزن آوازن ہُند نقل کرنہٕ سٟتۍ کران یعنے فنس منز چھے نقالی آہنگہ سٟتۍ، زبانہ سٟتۍ یا موسیقی ذریعہ سپدان۔ یِم وسیلہ چھہ یا تہٕ بیون بیون ورتاونہٕ یوان یا یکہٕ وٹہٕ رلاوِتھ گوونیہ تہٕ سارنہٕ ہندِس فنس منز چھُ صرف آہنگ تہٕ موسیقی یتھ پاٹھۍ زن امہٕ ذاژ ہُند بیہ کانہہ فن مثلن سورنٛن

ہندِس فنَس منز آسان چھےٚ۔ نثرٕ والین ہندِس فنَس منز چھُ صرف آہنگ ییلہِ زَن تہٕ اَتھ موسیقی ہندِس فنَس منز آسان چھےٚ۔ نثرٕ والین ہندِس فنَس منز چھُ صرف آہنگ ییلہِ زَن تہٕ اَتھ موسیقی ستےٚ آسہِ تکیاز یِم چھِ ییٚنن حرکژن ہند آہنگہٕ ستےٚ انسانَن ہندِ ہن کردارن، احساسَن تہٕ عملن ہُند نقل کران۔

یُس فن صرف زبان، نثری یا منظوٗم ورتاوان چھُ تہٕ منظوٗم صوٗرژ منز۔ اکس بحرِ منز۔ آسہِ تَن یا وارِہن بحرن منز۔ چھُنہٕ وُنیکتام کانہہ ناو تھاوان۔ تکیاز آسہِ چھُنہٕ کانہہ یِکہِ وَڈٕ ناوٕ داہ یُس اَسہِ سوفران تہٕ زینارکُس سندِس نثرس تہٕ سُقراتہٕ سندِ ہن مکالمن ہندِ خاطرٕ ورتاوِتھ ہکوٚ یا تِمن تخلیقن ہندِ خاطرٕ یمہٕ دُ شرِ ترزٕ کنی بحرا (IAMBIC TRIMETER) منز یا مرثیہٕ شعرن منز یا یِمن قسمن ہنز بنیہٕ کنہٕ بحرِ منز لیکھہٕ آسَن آمٕژ۔ اَسہِ ہیکوٚ تےٚ یوت وُنِتھ زِ لوٗکھ چھِ بحرٕ و چھِتھ شعریہٕ ناو دِوان مثلن کینژن و وُنِتھ مرثیہٕ شاعر، کینژن رزمیہ شاعر، مگر یِمن سارنے وُ نِتھ شاعر اوکنہٕ زِ یِم چھِ نقالی کران، بلکہ امتیاز رُوٗستےٚ اوکنہٕ زِ یِم ساری چھِ بحرِ منز لیکھان۔ حالانکہ یہ چھُ رسمے نبوٗمت زِ تِمن تہٕ چھِ شاعر وَنان یِم نظمِ منز طب تہٕ سائنس لیکھان چھِ۔ ہوٚمر تہٕ ایمپیڈکلز چھِ بابہٕ وانی تےٚ مشترکہٕ تھاوان زِ یِم چھِ بحرِ منز لیکھان تہٕ اوکنہٕ چھُ پی جان زِ اگر اکس شاعر وُن نبیس گژھہِ شاعر بدلہ فلسفی وَننہٕ یُن۔ تہٕ یتھےٚ یا ہِٹھی اگر کانسہِ نقالی واریاہ بحریکہٕ وَٹہٕ رٕلاوِتھ کرِ مژ آسہِ مثلن موکیمر یتھ یا ہِٹھی دتن بیتہٕ سینٹوار نظمہٕ منز واریاہ بحرٕ رٕلاوِ، تِمس تہٕ پزٕ آسہِ شاعرے وَنُن۔ یِم چھِ تِم امتیاز یِم بہٕ زانان چھُس۔

یِتیٚہٕ ساری چھِ کینہہ فن تِم تہٕ یِمن منز ساری وسیلہ یعنے آہنگ، موٗسیقی تہٕ بیتی بحر ورتاونہٕ آسَن آمتی، مثلن مجنوٗنانہٕ تہٕ نومی شاعریہ تہٕ المیس تہٕ طربیس منز۔ یِمن منز چھےٚ فرق یہ زِ یِتیٚہ گوڈنکین دوٚن منز یِمہ بحریکہٕ وَٹہٕ چھےٚ ورتاونہٕ یِوان باقے دوٚن منز چھےٚ یِمہ الگ الگ یا گوڈٕ اکھ تہٕ بیتہٕ بیاکھ ورتاونہٕ یِوان۔

نقالی ہندی وسیلہٕ ورتاونَس منز چھےٚ یِمے فرق یِم مختلف فنَن منز چھےٚ۔

(٢)

فنکار چھِ تھیٚن لۆکَن ہُند نقل کران یِم عٲلِمَس منٛز آوری آسَن تہٕ یِم چھِ یا تہٕ رٕژی آسان
نَتہٕ بَد۔ تِکیازِ اِنسٲنی کِردار چھُ لازمَن یِم زٕ امتیاز ہاوان، اَسِ سارِی چھِ اَکھ اَکِس نِشہِ مختلف کِردار
تھاوان تِکیازِ یا تہٕ آسو اَسہِ رٕژی نَتہٕ بد۔ اَمہِ تِکہ چھُ یہِ نَنان زِ فنَس منٛز پیش کرنہٕ آمتی لۆکھ چھِ سانہِ
کھوتہٕ رٕژی نَتہٕ سانہِ کھوتہٕ بد نَتہٕ اَسی ہوی۔ اَمہِ کتھِ ہُند تصدیق چھُ سانِہ مصورن ہٕنزَن تصویرَن
منٛز میلان۔ پولِگنوٹس اوس لۆکَن زیادٕ رٕژی ہاوان، پاسن زیاد بد تہٕ ڈیونیسیس معمولی لۆکھ۔
نقالیہٕ ہٕنزَن یِمَن صورژن کُن منٛے اِشارٕ کۆر چھِ سارِنٕے پھیر ہاوان تہٕ اَکِہ یِن یِم مختلف عِوضَن
ہُند نقل کرنہٕ کِنۍ مختلف زانہٕ۔ یہِ پھیر چھُ نٔژس منٛز تہٕ نظر گژھان تہٕ نَیہ تہٕ سارِنہٕ ہٕنز موسیقی
یہِ منٛز تہٕ، یہِ چھُ تِمَن فنَن منٛز تہٕ نظر گژھان یِم زبانی ہٕنز۔ بُنیاد بیٹھ بارسس لیوان چھُ، یہِ نٔژس
منٛز آسہِ تن یا سازو رأی نظمہٕ منٛز۔ مثلَن ہومر چھُ بہتر قسمکی لۆکھ پیش کران تہٕ کلیوفن معمولی انسان
مگر ٹھیسو اسک ہیجیمین (گوڈنیک پیروڑی لیکھن وول) تہٕ ڈیلیسیلیاڈ کُ مصنف نکوکیرس چھ
لۆکن بد رنگس منٛز ہاوان۔ یی چھُ سیدان مجنونا نہٕ تہٕ نومی شاعرِ یہٕ منٛز۔ سایکلوپس ہیکہٕ مختلف
طریقو ہاونہٕ یِتھ۔ یِتھہٕ پاٹھۍ زَن ٹموتھیس تہٕ فلوکسنس ہاوان چھِ۔ یِہے کتھ چھِنے المیس طربیہٕ نِشہٕ
مختلف بناوان تِکیازِ طربیس منٛز چھِ لۆکھ معمولہٕ کھوتہٕ بد لیوان ہاونہٕ تہٕ المیس منٛز معمولہٕ کھوتہٕ
رٕژی۔

## ٣

فن چھِ بنیہ اَکھ آیہٕ تہٕ یا نہٕ وأنی مختلف تہٕ زَن گوو تِم کمہٕ آیہٕ چھِ موضوعس پیش
کران۔ تِکیازِ یہٕ چھُ ممکن زِ اَکے وسیلہ ورتاونہٕ پتہٕ ہیکہٕ اَکے موضوع وارِیہو طریقو پیش کرنہٕ یِتھ۔
یہ ہیکہٕ کُنہٕ حدس تام باونہٕ یِتہٕ تہٕ ممکن سپدِتھ تہٕ کُنہٕ حدس تام پننہٕ ذاتی کِردارٕ نِشہٕ مختلف کِردار ہٕنز
صورتھ اختیار کرنہٕ یِتہٕ تہٕ یِتھہٕ پاٹھۍ زَن ہومر کران چھُ یا ہیکہٕ یہٕ کُنہٕ تبدیلیہٕ روٚستے پانی بلانے ونہٕ یِتہٕ
ممکن سپدِتھ یا تِھی کِردار پیش کرنہٕ کِنۍ یِم پرتھ کُنہٕ قسمچ حرکژ ڈرامائی انداز کران آسَن۔
یِتھہٕ پاٹھۍ منٛے وۆن یہے چھِ تِم ترےٚ چیز یِم فنَن اَکھ اَکِس نِشہٕ مختلف چھِ بناوان یعنی

نقالیہ ہند وسیلہ کنِ، موضوعہ کنِ تہٕ نقالیہ ہند طریقہ کنِ، گوٚ وامہ لحاظہ چھُ سوفوکلیزن تمی قسمُک نقال یمہ قسمُک ہومر چھُ تکیازِ یم دونوے چھِ رتین لوکن پیش کران، مگر بیٚیہ اکہ لحاظہ چھُ سُہ ارسٹوفنیزس ہیوٚ تکیازِ یم دونوے چھِ عملہٕ منز آدرٕ لُکن پیش کران یعنے تھٔدین لوکن ہاوان یم پزی پاٹھی کیہنہ کران آسن۔ دوشوے چھِ عملہٕ منز لوکن پیش کرنہ کنِ کینژن ہندِ وننہ ڈرامانگار۔ امی وجہ کنِ چھِ ڈورِسکی ٹریجڈی تہٕ کامیڈی ایجاد کرنُک دعویٰ کران۔ کامیڈی ہُند دعویٰ چھِ میگاریکی کران، تم میگاریکی یم یونانس منز روزان چھِ تکیازِ تہندُوٕن چھُ زِ کامیڈی آیہ بارسس ییلہِ تم جمہوریا بنیئے تہٕ تم میگاریکی تہٕ یم سسلی منز روزان چھِ تکیازِ ایپیکارمس (ییُس کیونائیڈس تہٕ میگنیزس واریاہ برونہہ چھُ اوسمُت) چھُ تتے روزن وول اوسمُت۔ پلوپونیزس منز روزن والی ڈورِسکو تہٕ چھِ ٹریجڈی ایجاد کرنُک دعویٰ کران۔ تم چھِ پننس عقیدس ناون ہُند ثبوتھ دکھ دِوان۔ تم چھِ یتھ کتھ کُن اشارٕ کران زِ ییلہِ زن ایتھینزکی "کامس" "دیموے" وَنان چھِ تم چھِ پانہٕ "کومائے" وَنان تہٕ یتھ پاٹھی چھِ کامیڈی لیکھن والی تہندِ ناورٹان، تہندُوٕن چھُ زِ یہ چھِنہٕ لفظ "کومازین" (نشراوُن) منز درامُت، بلکہ "کومائے" گامک ساں کرنہ منز ییلہِ زن تمو عزتھ نہ میلنہ کنِ شہر ترٛووٕ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہ زِ کیہنہ کرنہ خاطرٕ چھُ تہند لفظ "ڈرن" ییلہِ زن ایتھینزکی "پراٹین" چھِ وَنان۔

یتیاہ چھِ قسم تہٕ مزاز مختلف قسمچہ نقالیہ ہندی۔

(۴)

شاعری تخلیق سپدنکی چھِ عام پاٹھی زٕ وجہ تہٕ دونوے چھِ انسانی فطرژ منز۔ نقالیہ ہنز جبلتھ چھےٚ ازلہ پیٹھے انسانس منز۔ باقے مخلوقو نسبت انسان آوے کنِ مختلف زِ سُہ چھُ سارنی ہندِ کھوتہٕ نقال تہٕ سُہ چھُ گوڈٕ پیٹھے یتھ دنیاہس منز نقالیہ ستی ہیچھان۔ نقالیہ ہنز وکامسو پیٹھ حظ

تلیٖخ جبلتھ تہٕ چھےٚ اَسہِ منٛز۔ اورے۔ اَمہِ کتھہِ مُنٛد ثبوت چھُ اَسہِ حقیقی زندگیہِ منٛزٕ میلان تکیاز
واریاہ چیز چھِ یِم اَسہِ زندگیہِ منٛز تیٚنہٕ دوکھ چھِ دِوان مگر یتھےٚ چیزن ہنٛز ییلہِ اُسی سٹھاہ پرٕ تصویر
چھِ وُچھان، اُسی چھِ حظ تُلان، مثلن کینٛژن وَحشتی جانورن ہنٛز یا لاشن ہنٛز تصویر۔ اَمیُک وجہ
چھُ یہِ زِ زانُن چھُ اکھ بوٚڈ لُطف فلسفی ین ہنٛد خاطرٕ بلکہ باقے لوٗکن ہنٛد خاطرٕ تہٕ، تِمن کوٚنہٕ آسہِ
اَمہِ خاطرٕ محدود صلاحیتھ تہٕ۔ یِمن چھُ چیزن ہنٛد نقل وُچھنس منٛز لوان تکیاز اَمہِ ستۍ چھےٚ تِمن
واقفیتھ حاصل سپدان تہٕ تِم چھِ نتیجہ کڈان زِ مسلن فلانی تصویر کتھ چھےٚ پیش کران۔ اگر نےٚ کانٛسہ اوٚنہٕ
آمُت چیز وُچھمُت اوس زانہہ، تِمس پیہ نہٕ نقل وُچھنس منٛز مزٕ۔ اُوکنۍ زِ یہِ چھُ نقل بلکہ پیس مزٕ ہونۍ
یا رنگ یا تِتھےٚ ہیوٚ بیٚیہ کینٛہہ وُچھتھ۔

گوٚو نقالیہ ہنٛز جبلتھ چھےٚ اَسہِ فطری یتھ پاٹھۍ زن موسیقیہ تہٕ آہنگہٕ خاطرٕ احساس فطری چھُ(یہِ
چھےٚ نٔنۍ کتھ زِ بحر چھےٚ آہنگکے حصہٕ) چونکہ انسانس چھِ یِم صفتھ اورے تری متۍ تہٕ سُہ چھُ اکثر یِمن صفتن
وارٕ وارٕ پھاپھلاوان، انسانن کرٕ جھیکرس نِنٛہ وٕ ابتدٲیی لیوٚ بیٚیہ پٹھ شاعری تخلیق۔

ووٚنۍ گوٚو شاعریہ گےٚ شاعرن ہنٛد بوم مزاجو مطابق زٕ حصہٕ۔ یِمن منٛز یِم سنجید شاعر آسی کرِتھ تِمن
اِنسانن ہنٛز رزٕ عملہٕ پیش تہٕ یِم شاعر زیادٕ پہن لوٗتۍ آسی تِمو لیوٚکھ بدخصلتھ لوٗکن متعلق تہٕ زن گوٚو
پیٚتہ گوٚڈنکہِ قسمہ کیو شاعرو دیوتاہن ہنٛدس شانس منٛز باتھ (HYMNS AND ENCOMIA)
لیکھی دوٚیمہِ قسمہ کیو شاعرو لیکھی ہجو۔ ہومرس برونٛہہ چھنہٕ کانٛسہ شاعر سُند "ہجو" نظر گژھان یوٚدوے
غالبن آسہن یتھۍ باتھ لیکھن وٲلۍ تہٕ واریاہ، ووٚں گوٚو یہِ چھُ ممکن زِ یتھۍ پاٹھۍ ہومرس تہٕ
وٕتھۍ متین شاعرن کُنےٚ منسوب کرِتہٕ۔ مثلن ہومرسنٛزٕ نظم مارگائٹس (MARGITES) تہٕ
یِتھےٚ باقے نظمہٕ۔ یِتھےٚ نظمن ہنٛد خاطرٕ آے ایامی بحر (IAMBIC METRES) بارسس
تکیاز یہِ بحر چھےٚ اَمہِ خاطرٕ سٹھاہ مناسب، تہٕ اَتھ چھُ اَز تہٕ ایامی وَنہٕ یوان۔ تکیاز اَتھ منٛز
اُسی اکھ اَکِس خلاف "ایامب" یا "ہجو" لیکھنہٕ یوان۔ گوٚو سانِین قدیم شاعرن منٛز۔ بعضے کینٛہہ
شجاعتی تہٕ کینٛہہ ہنٛزٕ لی شاعر۔ یتھ پاٹھۍ زن ہومر سنجید اسلوٗبُک بہلہٕ پایُک شاعر اوس، تکیاز

سُہ اوس نہٕ صرف رٕژ علہ جان پاٹھۍ ہاوان بلکہ اوس یمن عملن ڈرامائی انداز پیش کران، تمۍ کرٕ کامیڈی ہنز
ہیتھ تہٕ دریافت یێلہ زن تمۍ ہجوس نہٕ بلکہ عائبس ڈرامائی شکل دِژ۔ تمۍ سنز مارگاےٹس چھنے کامیڈی ستۍ
سُے رِشتہٕ تھاوان یُس رِشتہٕ ایٖلیڈ (ILIAD) تہٕ اوڈیسی (ODYSSEY) ٹریجڈی ستۍ تھوان
چھ۔ مگر یێلہِ کامیڈی تہٕ ٹریجڈی بارسس ہیژن ینہٕ، شاعرو ہاو پننہٕ انفرادی مزاژ مطابق یمن ستۍ دلچسپی
اکھ جماعت بنیے ایامبو بدلہٕ کامیڈی ہندی شاعر تہٕ بیاکھ جماعت بنیے رزمیو بدلہٕ ٹریجڈی ہندی شاعر
تکیازِ یم صنف اَسی باقے صنفن مقابلہٕ زیادٕ اہم تہٕ زیادٕ مقبول۔

یتھ جایہ چھُنہٕ موقعہ زِ یہ ہاوہا ٹریجڈی ہندیٚن خاص مزاژ تہٕ سٹیجس ستۍ امیک رِشتہٕ نظر
تل تھاوتھ زِ ٹریجڈی چھا سو ترقی پراؤمژ یُس یہ پراوتھ ہیکہ۔ یتین چھُ منے یتے ونُن زِ ٹریجڈی تہٕ کامیڈی
دونوے گے ابتدائی کوشِشو پیٹھ شروع۔ ٹریجڈی ووتھے یہ تہند ڈسیرم DITHYRAMB[1]
لیکھان اَسی تہٕ کامیڈی تمن ہندِ ڈسیرم فیلک (PHALLIC) باتھ[2] لیکھان اَسی، یم زن ونہٕ تہٕ ساٹھن رہن واہن
شہرن منز رائج چھ۔ وارہ وارہ کرٕ ٹریجڈی ترقی۔ امہ کس ورتاوس ستۍ گے اتھ منز امکۍ ترکیبی جزٕ یوان یوتام
چھکرس وارہ ہوتہ بدلیوو یتہٕ امہ پننۍ فطری ہیتھ پراوتہٕ کورُن قرار۔ ایسکائیلس (AESCHYLUS)
اوس سُہ گوڈنیک شاعر یمۍ اداکارن ہند تعداد اکہ پیٹھ دۅن تام ہُرروو تہٕ یمۍ کور سیح اہمیتھ کم کرتھ گوڈنیچ
اُنوارۍ مکالمن دِژ۔ سوفوکلیزن (SOPHOCLES) اُنی ترے اداکار تہٕ تصویری منظر یتھ پاٹھۍ کور
ٹریجڈی پننۍ موجودٕ وقار حاصل۔ یتھ پاٹھۍ گے ٹریجڈی ترقی کرتھ تمو وحشی پاٹھو ونشہٕ جدا یمن منز
پلاٹ مۅختصر تہٕ باتھ بے معنہ اَسی آسان تہٕ ٹریجڈی کور سٹھاہ یٚژ کالی یمن تھوٚد رُتبہ حاصل۔ یہ آیہ ژٕرکنی
بحر بدلہٕ ایامبی بحر ورتاونہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ اَسی شاعر ژٕرکنی بحر اوکۍ ورتاوان تکیازِ تہنز شاعری اَس وحشیانہٕ
نژنس ستۍ گوبہٕ یوان۔ یێلہِ مکالمہٕ آو ورتاونہٕ، امہ خاطرٕ آیہ قدرتی اکھ مناسب بحر تہٕ دریاف کرنہٕ۔

[1] قدیم یونانکۍ تم مجنونانہٕ نغمہ یا مکالمہٕ یم شرابٕکۍ دیوتا ہندِ ناوٕ گیونہٕ اَسی یوان۔
[2] قدیم یونانکۍ فحش باتھ۔

امیُک ثبوُت چھُ یہِ زِ اَیامبی بحرٕ چھےٚ کتھِ باتھن ہِند خاطرٕ سارؠوے کھوتہٕ مناسب، اَسی چھِ اکثر اَیامبن منٛز بولان ییلہِ اَسی اکھ اَکِس سٟتؠ کتھ چھِ کران، یتہٕ تیٚلی چھِ شش رُکنی بحر ورتاوان ییلہِ اَسی کتھِ باتھ ہُند لہجہ تراوان چھِ۔ بیاکھ تبدیلی آیہِ یہِ زِ واقعن ہُند تعداد تہٕ آو ہُراونہٕ۔ یتھ جایہِ ہکوٚ نہٕ اَسی ٹریجڈی ہِندین تمن باقی ترکیبی جُزن پٮ۪ٹھ بحث کٔرِتھ یمو سٟتؠ یہِ بارادنہٕ آیہِ تکمیل زِ یہِ چھُ اکھ زیوٗٹھ بحث۔

(۵)

یتھ پاٹھۍ زَن منےٚ گوڈے ووٚن، کامیڈی چھےٚ وٕسی بایہِ لوٗکن ہنٛز نقالی یتھین لُکن ہُند خامیہ چھُنہٕ یہِ زِ مین چھُ پرٕتھ کُنہِ قسمک عاب آسان بلکہ یہِ زِ مین چھُ "وُچھنٛار" آسان یُس زَن "مسخک" اکھ قسم چھُ۔ "وُچھنٛار" گوو تژھ کانہہ غلطی یا بدصوٗرتی یُس اذایا نوقصان واتہٕ ناوِنہٕ۔ مثلن مسخر ماسک[1] چھُ بچھ تہٕ آسان تہٕ مسخرٕ تہٕ مگر اذا چھُنہٕ واتناوان۔

گو واسہٕ زون زٕ ٹریجڈی ہِندٮ۪ن ارتقائی منٛزلن پٮ۪ٹھ تہٕ تمن تبدیلیہِ اَنٛس منٛز کم اَسی ذمہ وار۔ مگر کامیڈی ہِند ابتدائی تواریخ چھُنہٕ ویوٗد تکمیل زِ یہِ اَسہٕ سنجیدہ لیوان زانہٕ۔ یہِ سپُد حالے زِ آرکونو کوٗر کامیڈی ہِ خاطرٕ کوٗرس واگدار، تمہٕ برونہہ اَسی اَمی سٲری اداکار رضاکار آسان[2]۔ کامیڈی ہِندٮ۪ن شاعرن ہُند تذکرٕ شروع گژھنہٕ برونہہ آس کامیڈی ہِ اکھ واضح ہیتھ اختیار کٔرمٕژ تہٕ چھُنہٕ پے زِ ماسک، پرٕلوگ اداکارن ہِند واریاہ تعداد بیترٕ کمی کٔری ایجاد۔ جان پاٹھۍ یتھ پلاٹ آیہِ گوڈنچہِ لٹہِ سسلیہِ منٛز بارس یتہٕ زَن اَمکۍ بانی کارایپی کارمس تہٕ فورمس مانٛنہٕ چھِ لیوان۔ ایتھینز کین شاعرن منٛز اوس گوڈنیُک شخص کرٹیز یمی ہجوک لہجہٕ ترٛوو تہٕ آفاقی اہمیتہٕ ہنٛز دلیلہٕ تہٕ پلاٹ اختیار کٔری۔

رزمیہ (ایپک) شاعری چھےٚ سنجیدہ کارنامہٕ شاندار بحرٕ منٛز پیش کرنکہِ اعتبارٕ ٹریجڈی ہِ سٟتؠ ہشر

---

[1] نقلی بُتھ یُس قدیم یوٗنانی اداکار پاٹھن منٛز لاگان اَسی۔

[2] یوٗنانی ڈراما نوٗیس اَسی ڈراما سٹیج کرنہٕ برونہہ آرکوٗنس یا مجسٹریٹس پیش کران۔

تھاوان ۔ ووٚن گوڈ یمِن چھےٚ پانہٕ وٲنی یہِ فرق زِ رزمیَس منز چھنہٕ کُنی بحر ورتاونہٕ یوان تہٕ یہِ چھُ بیٲنی
صنف ۔ بیاکھ فرق چھےٚ یمِن منز زیچھرِچ ۔ ٹریجڈی منز چھےٚ یہِ کوشش روزان زِ یہِ گژھ آفتابہٕ کِس اکِس
گردشس تام محدود روزٕنۍ یا امہِ کھوتہٕ رٕژھ کھنڈ علاوٕ، ییلہِ زَن رزمیہ خاطرٕ عملہٕ ہندِ وقفُچ رٕژھ کانہہ
بندش ضروری چھےٚنہٕ ۔ حالانکہ اتھ معاملس منز اوس گوڈ گوڈ ٹریجڈی تہٕ رزمیس منز ہیوے خیال
یوان تھاونہٕ ۔ باقے ترکیبی جُزن منز چھِ کینہہ دۄشونی منز سۄری تہٕ کینہہ چھِ صرف ٹریجڈی منزے
یوت ۔ تہٕ زَن گوو یُس ٹریجڈی منز رُت تہٕ خراب وُچھنچ صلاحیت آسہِ، سُہ ہیکہِ رزمیس منز تہٕ وُچھتھ
تکیازِ رزمیکۍ ساری جُز چھِ ٹریجڈی منز تہٕ، یودوے ٹریجڈی ہندۍ ساری ترکیبی جُز رزمیس منز چھنہٕ
آسان ۔

(٦)

تمہٕ نقالیہ ہنز یتھ منز شعرٕ کِنۍ بحر ورتاونہٕ چھےٚ یوان تہٕ بٔنیہ کامیڈی ہنز کتھ کرٕ بہٕ پتہٕ پتہٕ ۔
فلحال کرو ٹریجڈی ہنز بحث ۔ گوڈنیتھے کرو یوتام سپدیمتہٕ بحثہٕ منز امہٕ کِس خاصَس متعلق اکھ تعریف
تیار ۔ تہٕ زَن گو ٹریجڈی چھےٚ اکہِ تژھ قابلِ توجہ عملہٕ سُند نقل یُس پانے پانے مکمل آسہِ تہٕ بٔنیہ آسہِ مناسب
وُسعتھ تھاوان ، اتھ منز چھےٚ تژھ زبان ورتاونہٕ یوان یُس لسانی آرایشو ستۍ فنکاری سان کھیلہٕ
ہندِ بن مختلف حصن مطابق تھٲوِتھ آسہِ آمٕژ، یہِ چھےٚ باونہٕ بدلہٕ حرکژ ستۍ ہاونہٕ یوان، یہِ چھےٚ رحم تہٕ
خوف وۄتلاوِتھ یمن جذبن خارج کران ۔ تھٲوِتھ آمٕژ زبٲنی نشہِ چھُ میون مطلب تژھ زبان یتھ
منز آہنگ، موسیقی تہٕ نغمہ گی آسہِ تہٕ "کھیلہٕ ہندِ بن مختلف حصن مطابق تھٲوِتھ آسہِ آمٕژ" وننک
مطلب چھُ مے یہِ زِ کینہہ حصہٕ چھِ بحرٕ رٔنہٕ یوت پیش کرنہٕ یوان تہٕ کینہہ باقن منز ۔

چونکہ یہِ نقالی چھِ انسان حرکژ ستۍ کران، یہِ چھُ ظاہر زِ گوڈنیتھے چھُ نظارٕ ٹریجڈی ہُند
اکھ اہم حصہٕ تہٕ دوٚیم کتھ چھےٚ یہِ زِ امہِ خاطر گژھ باتھ تہٕ لفظت آسُن ، تکیازِ یمے زٕ چیز چھِ نقالیہ ہندۍ
وسیلہٕ ۔ لفظتہٕ کِنۍ چھُ میون مطلب شعرن ہنز ترتیب تہٕ باتھ ، لفظُک معنے چھُ سارِنۍ معلوم ۔
ٹریجڈی منز چھُ نقل یوان کرنہٕ عملہٕ تہٕ یہِ عمل چھےٚ تھٔتن ایجنٹ ہندِ ذریعہ سپدان یمن

کردار ژنگ تہٕ فکر ژنگ کیہنہ خاص صفتھ گرٛژھن آسنۍ ۔ یمہ نے دوٚن چیزن منٛز ۔ بنیادی پٲٹھۍ چھا اُسی
عملہ منٛز خاصیتھ واضح کران ۔ فکر تہٕ کردار چھا اوکنۍ عملہ ہُندی زٕ فطری وجہ تہٕ یمنے دوٚن چیزن پٲٹھۍ
چھ لوٚکن منٛز کامیابیہ یا ناکامیہ ہُند دارٕ مدار ۔ عملہ ہُند نقل گوو ٹریجڈیہ ہُند پلاٹ ۔ پلاٹ گوو واقعن
منٛز باقاعدٕ ترتیب تہٕ کردار گوو سہ چیز یُس یمہ مطابق اُسی ایجنٹن منٛز خصلتھ باوتھ چھ سکان تہٕ
فکر گیہ تہٕ یہ کانہہ نوکتہٕ ثابتھ کرنہٕ ورزیا کانہہ رائے دِنہٕ وزا ایجنٹن ہُندین بیانن منٛز بروٚنٛہہ
کُن چھ یوان ۔ اوکنۍ چھ یہ ضروری زِ پرتھ کُنہٕ ٹریجڈیہ منٛز گرٛژھن شیٛنۍ ترکیبی جُز آسنۍ یم اَمِیک
معیار مشخص چھ کران یعنے پلاٹ، کردار، لفظیات، خیال، منظر تہٕ باتھ ۔ یمو منٛز چھ زٕ حصہٕ یم
نقالیہ ہُندی ذریعہ چھ، اکس منٛز چھ نقالیہ ہُند طریقہ تہٕ ترن ہُند تعلق چھ نقالیہ ہُندین
موضوعن ستۍ ۔ یمو ورٲے چھنہٕ بییہ کیہس تہٕ ضرورتھ ۔ یمے چھ تم ڈرامائی عنصر یم تقریبن
سارووے ڈرامانویسو وَرتاوی متۍ چھ تکیازِ پرتھ کُنہٕ ڈرامہس منٛز چھ منظر، کردار، پلاٹ
لفظیات، باتھ تہٕ خیال ۔

یمن عنصرن منٛز چھ سارووے کھوتہٕ اہم پلاٹ یعنے واقعن ہُنز ترتیب ،
تکیازِ ٹریجڈی چھنے نقل انسانی عملہ ہُند، سوکھ تہٕ دوکھ نہ زِ خود انسانٕ ہُند ۔ سوکھ
تہٕ دوکھ چھ عملہ ستۍ تعلق تھاوان تہٕ زندگیہ ہُند مقصد چھ عمل نہ زِ کانہہ صفتھ ۔ یہ چھ یوٚزِ
کردار ستۍ چھ کانہہ انسان تہٕ یہ سُہ چھ امایوزِ تھنٛد سوکھس یا دوکھس منٛز آسُن چھ تمہٕ ہنٛز عملہ
ستۍ ۔ اوکنۍ چھنہٕ ٹریجڈی لاگنہٕ یوان صرف کردار ہاوُنکہ غرضہٕ، یوٚدوے کردار تہٕ عمل ہاوُنس
منٛز ستۍ چھ کردار تہٕ بروٚنٛہہ کُن یوان ۔ گوو واقعہ تہٕ پلاٹے چھ ٹریجڈیہ ہُند مقصد تہٕ مقصدے
چھ سوروے کیہنہ ۔ بیاکھ کتھ چھنے یہ زِ عملہ ورٲے ہیکہ نہٕ ٹریجڈی اسِتھ تکیازِ کردار ورٲے
آستھ ہیکہ ۔ بلا شک چھنے سانین حالہ کِس ڈرامانویسن منٛز کیہنہ ٹریجڈیہ کردار بیش کرنس منٛز ناکام
تہٕ ہیٛے کتھ ہیکو باقے زمانُک ہُندین وارہن ڈرامانویسن متعلق تہٕ وَنتھ ۔ زیوکسِس تہٕ پولیگنوٹس
تہٕ چھ یاتہٕ وانۍ یوہیے یُھر تھاوان ۔ تکیازِ پولیگنوٹس چھ کردارن یا کھٕ بیش کران ییلہ زِ ن

زیوٚکٕتس پٮ۪تھِن تصویٖرن منز اَرِچ کانہہ فکر چھُنہٕ تھاوان ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ اگر کانہہ تقرٟرَن
ہُند سِلسِلہٕ لیکھہٕ یمِن منز کِردار آسہِ ہاو نہٕ آمُت تہٕ لفظُت تہٕ آسکھ جان تہٕ خیال تہٕ، سُہ ہیکہِ
نہٕ اَمی یوت ستۍ ٹریجڈیہِ ہُند مقصد حاصل کٔرِتھ ۔ یہِ ہیکہِ زیادٕ بہتر پاٹھۍ اکھ ترتھ ٹریجڈی
لیکھنہٕ ستۍ حاصل سپدِتھ یتھ منز یِم چیز کامیابی سان وَرتاونہٕ آسن تہٕ آسۍ مگر یتھ منز پلاٹ
آسہِ تہٕ واقعن ہُنز ترتیب آسہِ ۔ بیاکھ قابلِ توجہ نوکتہٕ چھُ یہِ زِ تِم سارِوٕے کھوتہٕ اہم ذریعہ
یِموٚ ستۍ ٹریجڈی ساننِس رُوحس متاثر چھےٚ کران چھِ پلاٹکۍ حِصہٕ یعنے تنسیخ (تقدیٖرُک) تہٕ انکشاف۔
پلاٹچہِ اہمیتُک مزید بیاکھ ثبوت چھُ یہِ زِ ٹریجڈی لیکھنچ کوشش کرن والۍ چھِ واقعہٕ گرنہٕ برونہہ
لفظُت تہٕ کِردار شیرنس منز کامیاب سپدان ۔ یہے کتھ ہیکَو پٮ۪تھِن سارِنے پرانین شاعرن
متعلق وَنتھ ۔

لہٰذا چھُ پلاٹ ٹریجڈیہِ ہُند گوڈنیُک لوازم، یہِ ڈیپہٕ زِ تہٕ اَمیُک رُح تہٕ کِردارن
چھےٚ دوٚیِم اہمیت ۔ یہے کتھ چھےٚ مصوری منز تہٕ، مثلن اگر کانہہ مصور پٮ۪تھِس کینواسس اَکی کھلہٕ
سارِوٕے کھوتہٕ خوبصورت رنگ تہٕ چھکہِ، سُہ ہیکہِ نہٕ تیُتھ لُطف دِتھ یُتھ سُہ سفید تہٕ سیاہ
رنگو ستۍ اکھ وِیوٚد تصویر بناوِتھ دِیہِ ۔ ٹریجڈی چھےٚ کُنہِ عملہٕ ہُنز نمایندگی، تہٕ اَمی کنہِ چھےٚ یہِ شخصن
ہُنز نمایندگی تہِ ۔

ٹریجڈیہِ ہُنز ترٛیِم خاصیت چھےٚ فکر ۔ فکر گیہِ سو صلاحیت یمہِ کنہِ تہٕ وَنہٕ یِیہِ یہِ کُنہٕ
موقعہ محلہٕ مطابق ممکن تہٕ موزوٗن آسہِ ۔ یہِ چھُ ڈرامہس منز تقرٟرن ہُند سُہ حِصہ یَمیُک تعلق
سیاستس تہٕ بلاغتس ستۍ چھُ ۔ اَمیُک ثبوت چھُ یہِ زِ سانۍ پرٛٲنۍ شاعر آسۍ کِردارن سیاستہٕ دانَن
ہندۍ پاٹھۍ کتھ کرناوان تہٕ سانۍ ہمعصر شاعر چھِ یمن خطیبن ہندۍ پاٹھۍ کتھ کرناوان ۔ کِردار
گوو ٹریجڈیہِ ہُند سُہ حِصہ یُس یِنہِ پسند تہٕ ناپسند ہاوِتھ یِنہِ انفرادی ارادٕ ظاہر کران چھُ اگر
نہٕ یہِ نوٚن آسہِ ۔ اَو کنہِ چھےٚ نہٕ تِم تقرٟر کِردارس ظاہر کران یمن منز نہٕ کِردار ہُنز کانہہ تہٕ پسند
یا ناپسند ہاونہٕ آسہِ آمٕژ ۔ فکر چھِ اَتھ تِمن تقرٟرن منز لبان یمن منز انسان کُنہِ چیزس

غلط یا صحیح چھُ ہاوان یا یمن منز کانٛہہ عام رائے ظاہر کرنہٕ آسہٕ آمُت۔

ژوٗرِم ادبی حصہٕ چھُ لفظیات۔ یتھ پاٹھی برونٛہہ مےٚ وون۔ لفظیات گو فکر ہُند اظہار، ترٛتھ زبٲنی منز۔ یوسہٕ زبان منظوم کیٛو نثری آسہِ تہٕ ہوٗرے قوت آسہٕ تھاوان۔

باقے جزن منز چھےٚ موسیقی ساروٗے کھوتہٕ اہم لسانی پارٕ او۔ منظر چھ ضرور آسہٕ متوجہ کران مگر یہ چھُ شاعر یہ ہند فنک ساروٗے کھوتہٕ کم کنی تہٕ ساروٗے کھوتہٕ کم اہم حصہٕ۔ تکیازِ ٹریجڈی ہُند قوت چھُ کردار ورأے تہٕ گنٛدنہٕ ورأے تہٕ محسوس سپدان۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہ زِ منظر ہاوُن چھُ شاعرٕ سند کھوتہٕ زیادٕ سٹیجکس ترتیب کار سنٛز کام۔

۷

ووٚنی یلہِ اسی یمن اصطلاحن ہندی تعریفہٕ دِتھ موکلیے، اسی کرو واقعن ہندِس ترتیبس پیٹھ بحث۔ تکیازِ یہ چھُ ٹریجڈی ہُند گوڈنیُک تہٕ ساروٗے کھوتہٕ اہم جز۔ مےٚ وونٛ گوڈے زِ ٹریجڈی چھےٚ ترتھ کُنہِ عملُک نقل یُس سالم تہٕ آسہِ تہٕ مکمل تہٕ یتھ مناسب وُسعتھ تہٕ آسہِ۔ تکیازِ یتھ چھُ بنان زِ کانٛہہ چیز آسہِ سالم مگر اتھ آسہِ نہٕ وار یاہ وُسعتھ۔ سالم آسنُک چھُ میون مطلب یتھ گوڈ، منز تہٕ اند آسہِ۔ "گوڈ" گو وتہِ یہ نہٕ بیٛیہِ کُنہِ پتہٕ آسہِ بلکہ یمہ پتہٕ قدرتی کینٛہہ آسہِ یا کینٛہہ ووتلہِ۔ "اند" گو بلکل اتھ برعکس تہٕ یہ قدرتی کُنہِ پتہٕ آسہِ، لازمی طور آسی تن یا رسمی طور، تہٕ یمہ پتہٕ نہٕ بیٛیہِ کینٛہہ آسہِ، ادکنی چھُ ضروری زِ جان پاٹھی گرنہٕ آمُت پلاٹ گرٛتھ نہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ شروع گرٛتھن تہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ اند واتن بلکہ گرٛتھ ہیٚر کنہِ دِنہٕ آمتِس ترتیبس ستی مناسبھ تھاوُن۔

بیاکھ کتھ چھےٚ یہ زِ یہ کینٛہہ شےٚ تہٕ حسین آسہِ، کانٛہہ زُو اسی تن یا کانٛہہ ترکیبی جز تھاوُن وول موضوع، اتھ منز گرٛتھن لازمی تمی جز نہٕ صرف شوٗبدار پاٹھی ترتیب وار آسنی بلکہ گرٛتھ اتھ مناسب وُسعتھ تہٕ آسنی۔ حسنُک دار مدار چھُ ترتیبس تہٕ وُسعتس پیٹھ۔ اکھ سٹھے

زاوِیہٕ زوٗ آسہِ نہٕ حسین تکیاز نہ لگہ اتھ وچھنس کانہہ وق تہٕ نہ آسہِ ساٚنی نظر واضح۔ اکھ سٹھہے بوٚڈ حیوان تہٕ آسہِ نہٕ حسین تکیاز اکھ ہیکون نہٕ سہٕ اسی اکی نظرِ وچھتھ، تہٕ بیٚیہٕ ہیکہٕ نہٕ وچھنوٗل تمی سُند مکمل تہٕ سالم آسُن تہٕ محسوس کرِتھ۔ مثلن اگر کانہہ ییتھ حیوان آسہِ یُس ساسہٕ بوٚد میلہٕ زیوٗٹھ آسہِ۔

گو ییتھ پاٹھی واریاہ ترکیبی جز تھاوُن وألی زندہ زوٗی مُناسب باڈو تھاوِنی آسنہٕ گرٚھن ییتھ زٕن اکی آنہٕ وچھنہٕ ہیکن ییتھ۔ تیتھے پاٹھی گرٚھن پلاٹ تہٕ مُناسب زیٖچھر وألی آسنہٕ ییتھ تم سہل پاٹھی یادداشتس منز وٕتھ ہیکن۔ تیتھس ییتھ گندنس منز لوٚگمُت زیٖچھر چھُنہٕ شاعرٕ ہند فنُک حصہٕ۔ مثلن اگر کُنہ وِزِ ضروری سپد کُنہٕ ڈراما مقابلس منز گرٚھن متھ ٹریجڈی بینہٕ ہاو تہٕ، یمن ہندِ زیٖچھرُک فاصلہٕ ییہٕ آبہٕ گرٚ (WATER CLOCK) سٕتی کرنہٕ ییتھ پاٹھی زٕن پٕزی پاٹھی ییتھ کالہٕ سپدان اوس۔ یوٚتام تمہِ زیٖچھرُک سوال چھُ یس زیٖچھر موضوٗعُک مزاز مشخص کرِ، یُس چیز زیادٕ زیوٗٹھ آسہِ (یوٚدوے یہٕ واضح روزِ) سُہ چھُ ہمیشہٕ زیادٕ حسین آسان۔ اکی ہیکوٚ یہٕ قاعدٕ بناوِتھ زٕ یُس زیٖچھر امکانس یا اغلبس سٕتی ہشر تھاوُن والین واقعن ہند ذریعہٕ ہاونہٕ آمُت بدطالعے پیٹھ نیک طالعس تام یا نیک طالعے پیٹھ بدطالعس تام تبدیلی پیٚش کرنہٕ خاطرٕ ضرورتھ لگہٕ، سُے زیٖچھر چھُ وُستُک مناسب حد۔

۹

پلاٹس چھُنہٕ یکُت آسان صرف اوکنہٕ، ییتھ پاٹھی زٕن کیہتہ لُکھ سونچان چھِ، زِ یہٕ چھُ صرف اکس نفرس متعلق آسان۔ اکی سے انسانس ہیکن واریاہ بلکہ آنتھ روٚس واقعہ سپدِتھ یم منز گرٚھن نہٕ کیہتہ واقعہ اکی سے یکتس منز شامل۔ گو وا اکی ہسے نفرس زندگیہ منز چھِ تم واریاہ عمل آسان یم منز نہٕ کُلس پیٹھ کانہہ عملہٕ سُند یکُت وتہٕ تلان چھُ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ تم ساری شاعر چھِ غلط وتہٕ پیٹھ اسی متی یموٚ ہرکلید یا تھیسیڈ یا پٕرتھہِ ہشہِ باقی نظمہٕ چھنہٕ ییچھ نہٕ تم اسی

شاید زانان زِ دوہ لاہیر اکلیڈ چھُ اکُے نفر تمی سُند دٔلیل تہٕ گیہِ اکٹے دٔلیل۔ اَتھ برعکس وُچھتون ہومر، سُہ
اوس اَتھ معاملس منز تہٕ تھوٚد شاعر، سُہ اوس بیٚنہِ ہوٚنرکی یا پننو فطری صلاحیژ وکی اَمہِ کتھہِ نِش تہٕ باخبر۔
ییلہِ تمی اوٚڈیسی تخلیق کٔر، تمی برو پٔتہٕ اَتھ منز تم سارٕی چیزٕ یم اوڈیسس بُتھ پیٚیے مثلن اوڈیسس
گیوو پارناسس بیٚٹھ چھوکہ لدٕ تہٕ جنگک اعلان سپدن وِزِ لاجوو تمی دماغی۔ مگر یمن دوٚن واقعن
چھُنہٕ یانہٕ وٲنی کانہہ ضروری یا ممکن رشتہٕ۔ ہومرن کٔر اَتھ برعکس سارے اوڈیسی ترتیبِ اکھ سے علمِ
پیٹھ تخلیق یتھ پیٹھ اَسی وُنی کتھ اَسی کران۔ یی کوٚر تمی ایلیڈس منز تہٕ۔ یتھ پاٹھی نقالیہ ہندین باقے
فنن منز اکھ نقل اکی چیزک نقل چھُ آسان تِتھے پاٹھی گرتھ لازمن اکھ پلاٹ تہٕ اکی سالم عملُک ہند نقل آسُن۔
چونکہ یہ چھُ عملُک ہند نقل۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یہ ضروری زِ عملُک ہندی حصہ گرتھن تِتھہٕ پاٹھی یکہٕ وٹہٕ زِ اگر
صرف اکھ حصہ بدل پاٹھی تھاوتہٕ یِنہٕ یا ہیرکڈنہٕ یہ سوٗرے گرتھ ہِلہِ چھانگر۔ ییمہِ حصک آسُن یا نہٕ آسُن
کُنی کتھاہ آسہِ سُہ حصہ چھُنہٕ سارِی مُکمل کانہہ حصہ۔

(۹)

ہیرِمہِ بحثہٕ تلہٕ چھُ ٹاکار پاٹھی نَنان زِ یہ چھُنہٕ شاعرسُند کام زِ سُہ کرِ بیان تہٕ یہ پزی پاٹھی
سپدیو مُت آسہِ، بلکہ ہاوِ تم واقعہ یم سپدہٕ ہن یا یمن اَغلبہ یا ضرورتہٕ کِنو اصولو مُطابق سپدنُک
صلاحیت آسہِ۔ مورخس تہٕ شاعرس چھُنہٕ فرق یہ زِ سُہ چھُ نثرس منز لیکھان تہٕ یہ نظمس منز۔ ہیروڈٹسن
سُنز تصنیف ژٕن بھرون نظمس منز، اَمہِ سیتہِ گژھہٕ نہٕ اَمہِ کِس تواریخ آسنہٕ کِس حیثیتس کانہہ کمی۔
فرق چھُے ژٕ کہِ یہ زِ تواریخ چھُ تہٕ ہاوان یہ سپدیو مُت آسہِ، تہٕ شاعری چھےٚ تہٕ ہاوان یہ
سپدہے شاعری چھےٚ اَوکنہِ تواریخہٕ کھوتہٕ زیادٕ فلسفیانہٕ تہٕ زیادٕ قابلِ توجہ تکیازِ شاعریہ ہُند
تعلق چھُ آفاقی پزرن سیتہِ تہٕ تواریخُک تعلق چھُ مخصوص واقعن سیتہِ۔ آفاقی آسنُک میون
مطلب چھُ تم چیزٕ یم کانہہ شخص اغلبہ یا ضرورتہٕ مطابق کُنہِ خاص حالتس منز وَنہِ یا کرِ یوٚہے
چھُ شاعریہ ہُند مقصد یوٚدوے یہ تینن کردارن انفرادی ناو چھےٚ دِوان۔ تواریخہٕ کہ مخصوص

واقعک میون مطلب چھُ یتھ ہیوٗ بیان زِ السی بیاڈیزن کیاہ کوٗر یا تمس کیاہ سپد۔
یِہ نوکتہٕ چھُ کامیڈی ہندِس معاملس منز واضح کرنہٕ آمُت۔ ہکیازِ کامیڈیہ ہندِ
شاعر چھِ واقعو پیٹھ پلاٹ تیار کران تہٕ پتہٕ چھِس تم ساری ناو دِوان یِم تِمن ذہنس منز
یِوان چھِ، تہٕ تم چھِنہٕ "ایامی" شاعرن ہندی پاٹھی حقیقی انسانن متعلق لیکھان۔ وول گوو
ٹریجڈیہ منز چھِ شاعر یتھ کالہ کینہہ ہیروون ہندین ناون قایم تھاوان۔ ہکیازِ تیتھی پیٹھ چھے
پرٛتھ بہان یِہ پزٕی پاٹھی بنتھ ہیکہ۔ اَسی ہیکوٕ نہٕ تِتھ پاٹھی تہٕ ممکن زانتھ یِہ وُنیکتام بنیو متے
آسہ۔ یِہ کینژھاہ بنیومُت آسہ تہٕ چھُ تِتھی پاٹھی ممکن ہکیازِ یِہ ہیکہ ہے نہٕ تِتھے اگر نہٕ یِہ ممکن
آسہ ہے۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھِ کینژن ٹریجڈین منز اکھ یا زٕ ناو جان پاٹھی وِیدی، تِمن منز چھِ اَکھی تھے
تہٕ کینہہ ٹریجڈیہ چھے تِمہ یِمن منز نہٕ اکھ ناو تہٕ وِلوٗد چھُ، مثلن اگاتھافن سُنز اینتھیس، اَتھ منز
چھِ واقعہ کیو ناو ساری اَکھی تھے۔ مگر یہ ڈراما چھُ توتہٕ وارِیاہ پسند یوان کرنہٕ۔ اَدٕ کنہٕ چھُنہٕ
یِہ ضروٗری زِ مکمل پاٹھی یِن صرف تِمے رِوایتی ڈلیلہ ورتاونہٕ یِمن متعلق سانہٕ ٹریجڈیہ لیکھنہٕ
چھے آمٕژ۔ بلاشک روزِ یِہ کرُن حماقتھ ہکیازِ ساروے کھوتہٕ ویژ ڈلیلہ تہٕ چھے کینژن نے
ہندِ خاطرٕ وبز، مگر توتہٕ چھے یِمہ سارنے خوش کران۔

امہِ بحثہٕ تلہٕ چھُ یِہ واضح سپدان زِ شاعر گژھہِ پلاٹ ساز آسُن نہٕ زِ شعر گنڈن
وول ہکیازِ سُہ چھُ نقالیہ ہندِ صفتہٕ کنہِ شاعر تہٕ نقل چھُ کران سُہ انسانی عملہٕ تہٕ اگر سُہ تِتھین
چیزن متعلق تہٕ لیکھِ یِم پزٕی سپدِمتۍ آسن، تِمہ سِتی گژھہِ نہٕ تِمۍ سُندِس شاعرانہ رتبس کانہہ
کمی۔ ہکیازِ وارِیاہ چیز چھِ تِم تہٕ یِم پزٕی سپدِمتۍ چھِ مگر توتہٕ چھِ بہرحال اَغلبہٕ یا اِمکانکیو اصولو
مطابق تہٕ یتھ پاٹھی روزِ سُہ توتہٕ شاعرے اگر سُہ یِمنے متعلق لیکھِ۔

سادہ پلاٹن تہٕ عملن منز چھِ تِمے ساروے کھوتہٕ خراب یِم واقعاتی آسن۔ واقعاتی
پلاٹک میون مطلب چھُ سُہ پلاٹ یتھ منز واقعن ہندٕ ترتیب نہٕ اغلب چھے تہٕ نہٕ ممکن۔ امہِ
قسمکی ناٹک چھِ لیکھان خراب شاعر ہکیازِ تِمن چھِنہٕ صلاحیتھے آسان تہٕ بیٚیہ چھِ لیکھان رٕتی شاعر

تہٕ وجہ چھُ آسان اداکار۔ چونکہ تِم چھِ لیکھان ناٹک مقابلن منز شامل کرنہٕ خاطرٕ، یِم چھِ اکثر پلاٹس امکانہٕ کِہو حدٕ و تہٕ برٕ لمان۔ تہٕ یِتھہٕ پاٹھۍ چھِ واقعن ہُند تسلسل مسخ کرنہٕ خاطرٕ مجبور گژھان۔

چونکہ ٹریجڈی چھےٚ نقل آسان نہٕ صرف تژھن عملن ہُند یُس مکمل آسہٕ بلکہ تِتھن واقعن ہُند نقل تہٕ یِم خوف تہٕ رحم وۄتلاوان چھِ تہٕ امہِ قسمکۍ تاثر چھِ زیادٕ شدید بنان ییلہِ واقعہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ سپدن مگر اکھ اکۍ ہِندِ ستۍ۔ یِتھہٕ پاٹھۍ چھِ یِم زیادٕ قابلِ توجہ بنان تِمو واقعو کھوتہٕ یِم بےٚ وایہٕ تہٕ محض اتفاقہٕ کِنۍ سپدن۔ اتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ تِم اتفاقہٕ سپدیمتۍ واقعہٕ تہٕ چھِ سٹھاہ قابلِ توجہ آسان ییلہِ تِمن ہِنزِ کُنۍ کانہہ ارادٕ باسہِ۔ امِچ اکھ مثال چھےٚ آرگواس کِس مِٹِس یوتہٕ پلیہِ ستر ڈلیہِ منز، یِمہِ سُہ شخص مور یِمۍ یِمِنۍ پان بیٹھ ترٲوِتھ مِٹس اکس وۄہرِ سس منز تماشہٕ وُچھان مور مُت اوس۔ یِتھہٕ کِتھہٕ محض اتفاقی کیتھہٕ باسان۔ گوو امہِ قسمکۍ پلاٹ چھِ ضرور باقے پلاٹو کھوتہٕ بہتر آسان۔

(١٠)

کیہنہ پلاٹ چھِ سادٕ آسان تہٕ کیہنہ چھِ آسان پیچیدٕ تکیازِ تِمہ عملے چھےٚ یِمن دۄن قسمن ہِنز آسان یِہندِ یِم نقل چھِ آسان۔ سادٕ عمل گیہِ سو عمل یُس اکۍ آسہٕ تہٕ بنیہِ آسہٕ میانہِ پٮ۪مہِ تعریفہٕ مطابق مسلسل تہٕ بنیہِ یتھ منز تقدیرس منز تبدیلی کُنہٕ تنسیخہٕ یا انکشافہٕ ورٲے پیہِ۔ اکھ پیچیدٕ عمل گیہِ سو یتھ منز تقدیرِ چہِ تبدیلیہِ ستۍ یا تنسیخ آسہٕ کُہ تہٕ انکشاف یا دۄنوے یِم گژھن پلاٹہٕ کِہ گرتہٕ بیٹھے وۄتلِنۍ یُتھ زِ یِم یِتھہٕ کُن سپدیمتِن واقعن ہُند ناگزیر تہٕ اغلب نتیجہ باسن۔ بنیہِ کُنہٕ واقعہٕ کِس نتیجس منز سپدُن گوو اکھ کتھ، تہٕ بنیہِ کُنہٕ واقعہٕ پتہٕ سپدُن گوو بیاکھ کتھ۔ فرق چھےٚ واریاہ۔

"تنبیہ" گوو نا ٹکیہ عملہٕ منز تقدیرچ کانہہ تہ تبدیلی ییتھ پاٹھی زن اسہ بروٚنٹھے وُچھ ییتھ منز اکھ حالتھ بیٚیس متضاد حالتس منز تبدیل گرٛھہٕ تہ یہ تبدیلی گرٛھہ اَغلبہٕ یا امکانہٕ مطابق آسنۍ۔ مثلن ایڈپس منز یُس قاصد ایڈپس خوش کرنہٕ خاطرٕ تہ خوفہٕ منز آزاد کرنہٕ آیوو سُے چھُ اَتھ مخالف صورتِ حال پادٕکران ییلہ سُہ تمس باوان چھُ زِ سُہ (ایڈپس) کُس چھُ اصلی۔ سُے چھُ سیدان لنیس ناٹکس منز تہ۔ لنیس چھُ مارنہٕ خاطر کنیا وہ یوان تہ ڈیناس چھُ تمس مارنہٕ خاطر بیہ تہ پکان۔ مگر اَتھ برعکس چھُ یہ سیدان زِ ییتھ کُن سپدکمتین واقعن ہندِس نتیجس منز چھُ لنیس بچان تہ ڈیناس چھُ مران۔

"انکشاف" ییتھ پاٹھی زن لفظ پانے ہاوان چھُ گووا علمیہ ییٚتھ علمس منز تبدیلی۔ تہ امہ کِس نتیجس منز چھے بد طالعے یا نیک طالعے کردارن پانہٕ وأنی مائے یا دِے پاد گرٛھان۔ ساروے کھوتہ موثر صورتھ چھے انکشافچ سوے ییتھ منز ایڈپیسکی پاٹھی تنبیہ تہ سیتی آسہ۔ ووں گووانکشافکی چھ بییہ تہ کینہہ قسم مثلن ییتھ پاٹھ منے ووٚن زِ یے زوٚ تہ مُرکہ جیرن ہندِس معاملس منز کیاہ ہیکہ سپدِتھ۔ تہ امہ علاوہ چھُ یہ ممکن زِ اسی کرو دریافت زِ کانسہ نفرن چھا کینہہ کوٚرمت کنہ کینہہ نہٕ۔ مگر پلاٹس تہ عملس سیتی لازمی طور وابستہ انکشاف چھُ سُے یُس منے ہیرکنہ بوو۔ تکیازِ تنبیہچ تمس سیتی رلِتھ ییتھ انکشاف ووتلاو خوف یا رحم۔ اسہ کوٚر ٹریجڈی ہندِ تعریفہ بیان زِ یہ چھے پرٛچھنے عملک ہند نقل آسان۔ امہ علاوہ ہیکہ سوکھ یا دوکھ اَمی قسمہ چِن حالژن منز پاد گرِتھ۔

چونکہ انکشاف چھُ نفرن ہند انکشاف، یہ چھُ ممکن زِ اکس نفرس پیہ زِ ناوِ با کھ نفر ییلہ زن دوٚیمس اکھ سَنز زان ہر چھے آسان سپز ہر تہ۔ ووں گووکنہ ساعتہ چھے دو شونی طرفہ ہنز زان ضروری بنان۔ مثلن اورلیسٹیز چھُ افجینیا یہ پرزناوان ییلہ سو تمس خط چھے سوزان۔ مگر امہ پتے چھُ باکھ انکشاف ضروری بنان یتھ زن افجینیاہ تہ اورلیسٹیزس پرزناوِ۔

گووتیلہ چھ پلاٹکی زِ حصہ: تنبیہ تہ انکشاف یم ییتھی وے واقعو سیتی بروٚنٹھ کُن چھ یوان۔ پلاٹس چھُ ترییم حصہ تہ یعنے بناوتھ یا عذاب۔ یموٚ تریو منز آے گوڈنکین دوٚن

ہنز باوتھ کرنہٕ ۔ بناوتھ گیہٕ ترٛٹھ کانہہ عمل یوٚسہ تباہ کُن تہٕ عذاب دِیٚہہ آسہِ ، مثلن سٹیجس پیٹھ مرُن ہاوُن ، عذابُک منظر ، زخمی گرٛٹھن بیترِ ۔

۱۲

مٔنٛے کرٕ گوڈے کٔتھ تِمن مختلف جزن ہنز یِم زن ٹریجڈیہِ ہندی ترکیبی جُز ہیکن ٲسِتھ ۔ یِمن حصن منز ٹریجڈی باگراونہٕ ہیکہ یتھ چھِ یِم ؛ گوڈٕت ، واقعہ ، اندُت تہٕ گورُسک باتھ یِتھ تِمی اکس ہِکو بٔنِتھ ٹریجڈی کران ۔ یِم حصہٕ زحصہٕ کرٛتھ یعنے ( پروڈ ) تہٕ ( سٹیسمون ) یِم چھِ سارِنے ٹریجڈین منز آسان ۔ اداکارن تہٕ ( کموے ) ہندی باتھ چھِ کینژنے ٹریجڈین منز آسان ۔

گوڈٕت چھُ ٹریجڈیہِ ہندِس سورُے حصہٕ یُس ( پروڈ ) بروٚنہہ یا کورس داخل سپدنہٕ بروٚنہہ چھُ آسان ۔ اکھ واقعہ گوس سورُے حصہٕ ٹریجڈیہِ ہندِس دوٚن کورسہ باتن منز باگ چھُ یوان ۔ ( اندُت ) گوو ٹریجڈیہِ ہندِس سورُے حصہٕ یتھ پتہٕ کانہہ کورسہ باتھ آسہِ ۔ کورسہٕ کِمن حصن منز پروڈ ، کورُسک سورُے گوڈنیُک کلامہٕ آسان تہٕ سٹیسمون گوو کورُسک سُہ باتھ یتھ منز تہٕ اناپیسٹ تہٕ ٹراکیز آسن ۔ کیموس گوو ہدِ اکھن ہُند سُہ حصہٕ یتھ منز کورس کیو اداکارو شوٗبے شامِل چھِ سپدان ۔

یِم چھِ تِم الگ الگ حصہٕ یِمن منز ٹریجڈیہِ ہندِس جسم چھُ باگراونہٕ یوان ۔ مٔنٛے کرٕ گوڈے تِمن جزن ہنز ذکر یِم اَمہِ کِس ترکیبس منز شامِل چھِ ۔

۱۳

یِمن نوکتن پیٹھ بحث کرٛتھ برٛونہہ مٔنٛے باوُن زِ پلاٹ گرنس دوران کیاہ چھُ مقصد آسان ، تہٕ کمہِ نِشہ برٛونہہ دوٗر روزُن تہٕ بٔنِیہِ یہٕ زِ ٹریجڈی کِتھہ پاٹھی چھےٚ پننِ مناسب تاثرٕ

یادٕ کران ۔

اَسہِ وُچھ زِ بہترین ٹریجڈیہِ ہُند پلاٹ گژھہِ بجیہِ آسُن نہ زِ سادٕ تہٕ بلکہِ گژھہِ یہِ تمہِ
عملُک ہُند نقل کرُن یمہٕ خوف تہٕ رحم ہکن ووتلاوِتھ ۔ تکیازِ یہِ چھِ اَمہِ قسمچہِ نقالیہِ ہُنز مخصوص خاصیتھ ۔
اَمہِ تِہ چھُ ننان یہِ زِ گوڈنیتھے گژھنہٕ رتی انسان خوشحالیہِ پیٹھ بدحالیہِ منز پیوان ہاونہٕ یِنی، تکیازِ یہِ
چھُنہٕ خوف تہٕ رحم ووتلان بلکہ چھُ اَسہِ صرف مایوس کران ۔ نہ گژھِ کانہہ سخ بد انسان بدحالیہ پیٹھ
خوشحالیہِ کُن ترقی کران ہاونہٕ یِنِ، تکیازِ تہِ گوٚو سارِوے کھوتہ غار ٹریجڈِ پلانہٕ پلاٹ یتھ منز نہ
ٹریجڈیہِ ہُند کانہہ تہِ لوازم چھُ آسان ۔ یہِ چھُنہٕ سائنس انسانیتس خوش کران تہٕ نہ چھُ یہِ اَسہِ منز رحم
یا خوف پادٕ کران ۔ نہ گژھِ تیتھ نفر خوشحالیہِ پیٹھ بدحالیہِ منز پیوان ہاونہٕ یِنی یُس نہ کُنہِ کارک
آسہِ ۔ یوٚدوے یتھ پلاٹ سائین انسانی احساسن وُتش ہیکہِ دِتھ مگر نہ ہیکہ یہِ رحم پادٕ کرِتھ تہٕ نہ
خوف، تکیازِ رحم چھُ تیلی پادٕ گژھان یِیلہِ کانسہِ جرمہ ورأے بدحالی یِیہِ تہٕ خوف چھُ تیلی پادٕ گژھان
یِیلہِ اَسی ہوس کانسہِ بدحالی یِیہِ ۔ یعنے رحم چھُ بےجرم انسانہٕ سنٛز بدحالیہِ ہُند نتیجہ تہٕ خوف اَسی
ہوس کانسہِ انسانہٕ سنٛز بدحالیہِ ہُند ۔ اوکنی ووتلاونہٕ یِیر کُنہِ باونہٕ آمٕژ صورتِ حال رحم یا
خوف یتھ چھُ روزان تیتھ شخص یُس یِنِ دون انتہائی صورتِ حالن منز باگ آسہِ ۔ یہِ گژھِ تیتھ
شخص آسُن یُس پننیو صفتو تہٕ پننہِ منصفی کِنی بلکل مکمل آسہِ تہٕ نہ تیتھ یُس پننہِ گوِ گونہو کِنی یا پننہِ
کُنہِ کمینہِ گیہِ کِنی بدحالیہِ منز پیِیہِ ۔ بلکہ گژھِ تہٕ تیتھ شخص آسُن یُس پننہِ غلطیہِ کِنی زوال یِیہِ ۔ سُہ
گژھِ سیٹھاہ سیٹھاہ مشہور تہٕ خوشحال تہٕ آسُن ہِشلن ایڈپس تہٕ تھیسٹیز تہٕ یہندین خاندانن ہیون ہٕ
خاندانن ہندی بلتے مشہور بیاژ ۔

اوکنی چھُ یہِ لازمی اکس جان پاٹھی گرنہٕ آمتس پلاٹس منز گژھِ اکاے دلچسپی آسنہِ
نہ زِ دوٚ گِنی دلچسپی، یتھ پاٹھی زن کینژن ہُند خیال چھُ ۔ اتھ منز گژھِ نہ قسمتھ تتھ پاٹھی پھیرتھ گژھن
زِ کانہہ ووتھ خستہ حالیہِ پیٹھ تھود تہٕ خوشحال بلکہ گژھِ سیدن اتھ برعکس یعنے سُہ گژھِ خوشحالیہِ
پیٹھ خستہ حالیہِ منز پیوٚن تہٕ یہِ زوال گژھِ نہ تمس پننہِ کمینہ گیہ کِنی یُن بلکہ کانہہ بوٚڈ اتھ کرنہٕ کِنی تہٕ یہِ

شخص گژھِ تیتھے آسُن یُیتھ منٛز وُنی ہووِیا امہِ کھوتہٕ تہٕ رُت مگر امہِ کھوتہٕ خراب نہٕ ۔ اَمیُک
ثبوت چھُ سون وُنی کینہہ سٹیج پیش کران ۔ گوڈٕ گوڈٕ آسی شاعر پریتھ کانٛہہ سو دلیل تُلان یوسہٕ تمِن
تام واتہٕ ہے ، مگر از کل چھِنے سانہِ بہترین ٹریجڈیہِ کینٛژہ نیٛ خاندانن متعلق لیکھنہٕ یوان ۔ مثلن
اَلکمیوان ؛ ایڈپس ، اورلیٹیز ، میلیگر ، تھیسٹیز ، ٹیلیفوان تہٕ بییِ باقے یمِن تقدیرس منٛز عذاب
تُلن یا عذاب واتناوُن قسمتس منٛز لیکھتھ اوس ۔

فنی لحاظہٕ چھِنے بہترین ٹریجڈیہ امی طریقہٕ لیکھنہٕ یوان ۔ اَوکنہِ چھِ تِم نقاد سوٗے
غلطی کران یِم کُن اَسہِ وُنی اشارٕ کوٗرِیم ایوٗرِپڈیزس یہِ دوٗش چھِ دِوان زِ سُہ اوس پننِ
ٹریجڈیَن منٛز یوٚہے طریقہٕ وَرتاوان تہٕ بییِہ چھِ شکایتھ کران زِ یمِن منٛز چھِنے اکثر بدحالیہِ
پیٛٹھ اند واتان یِتھ پاٹھی منٛز ووٚن یوٚہے چھُ صحیح اند آسان ۔ اَمیُک دوٗر ثبوت چھُ سیٹجس
پیٛٹھ یا ڈراما مقابلَن منٛز چھِ امی قسمکی ڈراما ( اگر مناسب پاٹھی ہادِنہٕ چھِ یوان ) سارِوے
کھوتہٕ المناک آسان تہٕ ایوٗرِپڈیز یوٚد وَے باقے کینٛژن معاملن منٛز ٹھیکھ چھُنہٕ ، سُے
چھُ سانین ڈرامائی شاعرن منٛز سارِوے کھوتہٕ المناکھ لیکھان دوٚیمہِ درجُک پلاٹ ، یُس زِ کِنٛژن
کینٛژن نقادن ہندِ خیالہٕ گوڈنکہِ درجُک چھُ ، گوو سُہ یتھ منٛز اوڈِلیسیہِ ہندی پاٹھی دوٚگنُ
پلاٹ آسہِ تہٕ نیک تہٕ بدکردارن ہندس معاملس منٛز آسہِ مخالف طریقو اند واتان یہ چھِ
تماشہِ بینَن ہنٛز ناطاقتی کنہِ اوٚل درجُک پلاٹ باسان تکیازِ سانی شاعر چھِ صرف تماشہِ
بینَن ہنٛد منٛز از نظر تل تھاوِتھ لیکھان ۔ مگر یہِ گووٕ نہٕ سُہ حظ یُس ٹریجڈیہِ خاطرٕ مناسب
چھُ ۔ اَمیُک تعلق چھُ اَتھ برعکس کامیڈیہ سیتۍ ۔ تکیازِ کامیڈیہ منٛز چھِ یِہ سیدان زِ یِم پانہٕ وانی سارِوے
کھوتہٕ بڈٕ دُشمن چھِ آسان ، مثلن اورلیٹز تہٕ ایجسٹھس تمے چھِ اخرس پیٛٹھ یار بنتھ واپس
نیران ، تہٕ کانٛسہ چھُنہٕ کانٛہہ ماران ۔

خوفکۍ تہٕ رحمکۍ جذبہٕ ہیکن کُنہِ نظارٕ ستۍ وۄتلِتھ، مگر یِم ہیکن پلاٹکہ گرتہٕ پیٚٹھ تہٕ وۄتلِتھ تہٕ ہیٚکہٕ چھِنے بہتر وَتھ یہِ چھِنے بہتر ڈرامہٕ نگار شاعرٕ سنٛز نشانی۔ پلاٹس گرٕنٛتھ تِتھ پاٹھۍ ترتیب دِنہٕ زاگرِ نے سٹیجس پیٹھ ہاونہٕ یِوان وُچھنہٕ تہٕ بیٚیہِ، خوفہٕ تہٕ رحمہٕ ستۍ گرٕنٛتھ کانسہِ تھر وِتھی، یِتھے سہٕ بوز کیاہ چھُ سپدمُت۔ یِتھ پاٹھۍ زِ ایڈیپس چ ڈلیل بوزِتھ کانہہ محسوس کرِ۔ سٹیجس پیٹھ نظارٕ ہاونہٕ ستۍ یِتھ ہیٚو تاثر پادٕ کرُن چھُنہٕ شاعرانہٕ فنس ستۍ زیادٕ تعلق تھاوان تہٕ اَمیک تعلق چھُ زیادٕ ڈرامہٕ پیش کرنچہِ کامہِ ستۍ۔ یِم نظارٕ ورتاوِتھ تاثر چھِ پادٕ کرٕنۍ ژھان کرُن، خوفک تہٕ بلکہ صرف کُنہِ وُلیٹہٕ وُریٚک، تِمن چھُنہٕ ٹریجڈی ستۍ کانہہ تعلق تِکیازِ اَسہِ پَزِ تہٕ ٹریجڈی نِشہِ پرٛیتھ کُنہِ قسمکہ حظُک توقع تھاوُن بلکہ تِتھی حظُک یُس اَمہِ خاطرٕ مناسب آسہِ۔

چونکہ شاعر گرٕنٛتھ خوفہٕ تہٕ رحمہٕ پیٹھ نقالیہِ ہنٛد ذریعہ حظ واتناوُن، اَد کٔنۍ چھُ یہِ واضح زِ تِتھیس تاثرس آسہِ پلاٹکین واقعن ستۍ واٹھ۔ اَسۍ وُچھو وۄنۍ زِ کمہِ قسمکۍ واقع چھِ خوفناکھ تہٕ قابلِ رحم زانہٕ یِوان۔ یہِ چھُ لہٰذا ضروری زِ یِتھ کانہہ عمل گرٕنٛتھ تِمن درمیان سپدنۍ یِم یا تہٕ یار آسن یا دشمن نتہٕ تِمن نہٕ یا تہٕ وأنۍ کانہہ رشتہٕ آسہِ۔ اگر اکھ دشمن بیٚیس دشمنس اذا واتناوِ نہٕ چھُ اَتھ عملہِ منٛز کانہہ چیز قابلِ رحم تہٕ نہٕ اذا واتناوَن وألۍ سُند نہٕ ارادن منٛز۔ صرف چھُ تِتھے سپدان زِ اذا چھُ واتناونہٕ یِوان۔ یہِ چھُ تِتھ صورتس منٛز کانہہ رحم پادٕ سپدان اگر یِم یا تہٕ وأنۍ بے تعلق آسِن، مگر بیٚلہِ عذاب چھُ تِمن منٛز کانٛسہِ واتان یِم اکھ اَکِس نکھہ تہٕ ڈکھہ آسن، مثلن بیٚلہِ کانہہ بوے باپس مارِ، نیچو مألس مارِ، موج نیچوس یا نیچو ماجہِ یا امی قسمچ بدل کانہہ کام ییہِ کرنہٕ، ضرور وۄتلن سأنۍ رحمکۍ جذبہٕ۔ یہِ چھُنہٕ ممکن زِ شاعر بدلاوِ روایتی ڈیلین مکمل پاٹھۍ، مثلن کلے ٹیمنسٹرا آیہِ اوریسٹیزن ذسی مارنہٕ یا الکیموان چھُ ایر پھیلی یہِ ماران، اَتھ برعکس پزِ شاعرن پننِس تخیلس کام ہیٚنۍ تہٕ روایتی مواد پزِ بجھ موثر پاٹھۍ ورتاوُن۔ مےٚ پزِ زیادٕ واضح پاٹھۍ باوُن زِ مےٚ کیاہ چھُ مطلب موثر پاٹھۍ وننک۔ یِتھ پاٹھۍ زن سانِن پرانِن شاعرن ہنٛد طریقہ اوس، کردارکہ کانہہ کام جِس ہوسن تھاوِتھ تہٕ حقیقتُک ہنٛد پورٕ علم آسِتھ، مثلن الیوریڈیز چھُ

میڈیا یہ پیٹھ شُری مارناوان۔ یا کُر کردار کانٛہہ کام تہٕ تو تام آسِس نہٕ یی زانٛہہ ستیٚ کوسہٕ تبٲہی گژھہ
یوٚتام تہٕ تمِس پانٛنے پرٛزُرک انکشاف سپدِ۔ یہ گو وتی یہ سوفوکلیزن ایڈیپس ستیٚ کوٚر۔ اَتھ
چھُپنہٕ کانٛہہ شک زانٛتھ جایہ چھُ واقع ڈراماکہ پلاٹہٕ پنٛبر سپدان۔ مگر اَسہِ چھےٚ اَکھ مثال یتھ منٛز
یتھ واقعہ ڈراما چہ عملہٕ منٛزے سپدان چھُ۔ یعنے ایسٹیڈ یما سہ سنٛدس الکمیوانس منٛز۔ یا
”رحمی اوڈیسیس“ ڈراماہس منٛز۔ ٹیلیگونس سنٛز عملہٕ منٛز ترییم طریقہٕ چھُ یہ زِ کانٛسہ شخص
آسہِ بیٚیس شخص ستیٚ رشتُک علم تہٕ آسہٕ کٔنۍ کانٛہہ جسر کتھ کرنُک ارادٕ، مگر یِتھ حرکتھ کرنہٕ
برونٛٹھے نیٚنس یزِ ریوا امکانو ورٲے چھُپنہٕ کٔنۍ عملہ سپدنک بیٚیہ کانٛہہ طریقہٕ تکیاز یہ چھُ ضروری
زِ یا تہٕ سپدِ کانٛہہ کام یا سپدی نہٕ بیٚیہ سپدِ یہ کام تمۍ سنٛدِ ذریعہ یمِس حالاتن ہُنٛد علم آسہ یا آسہ
یسے نہٕ۔

یموٚ طریقو منٛز چھُ سارِوے کھوتہٕ خراب طریقہٕ سُہ یتھ منٛز۔ کانٛسہ حالاتن ہُنٛد پوٚر علم
آسِتھ عمل کرنُک ارادٕ آسہ مگر ہیکہ نہٕ کٔرِتھے۔ تکیازِ یتھ صوٗرت حال چھُ اَسہِ صرف کھران تہٕ
عذاب نہٕ آسنہٕ کٔنۍ چھُپنہٕ یہ المناکھ۔ اوکِنۍ چھُپنہٕ کانٛہہ تہٕ یتھ طریقہٕ ورتاونہٕ یِوان صرف خال
کُنہٕ ساعتہٕ مثلن اینٹی گوانس منٛز۔ چھُ یموان ناکام گژھان۔ کرِیوانس قتل کرتس منٛز کانٛہہ
کامِ شعوٗری طور کرنُک طریقہٕ چھُ دوٚییم سارِوے کھوتہٕ جان طریقہٕ۔ اَمہ کھوتہٕ رُت طریقہٕ
چھُ یِیلہِ کردار کانٛہہ حرکتھ لاعلمی منٛز۔ کرِتہٕ پتہٕ گژھِس پتہٕ بوٗزِن تکیازِ اتھ منٛز چھُپنہٕ کھوٗن کہیں
تہٕ انکشاف چھُ ووٹھ کھیاوان۔ ووٚن گو آخری طریقہٕ چھُ سارِوے کھوتہٕ موثر طریقہٕ مثلن
یِیلہِ کرس فونٹیز ڈرامہس منٛز میروپ پنٛن نیچو مارنُک ارادٕ چھُ کران، سُہ چھُ اَمِس پرزناوان
ہتہٕ پتہٕ چھُپنہٕ ماران یا یِیلہِ ”افیجینا ٹارِسس منٛز“ ڈرامہس منٛز۔ بینہٕ تہٕ بایس درمیان یتھے
ہیوٚ واقع پیش چھُ یِوان۔ یا یِیلہِ ”ہیلی“ ڈرامہس منٛز۔ نیچو بینہٕ ماجہ دوکھہ دِنس تیار چھُ آسان
تہٕ نتھے چھُ ماجہ پرزناوان۔

یوٚہے چھُ وجہ زِ (یتھ پاٹھی زِن منے برونٛہہ ووٚن) ٹریجڈین ہُنٛد تعلق چھُ کیٚنہہ

خاندانَس ستۍ۔ چونکہ شاعَر وہیو چھینہٕ بێنہٕ فنکارَن ہِنٛد ستۍ زِ پلاٹَس منٛز کینٛہہ پأٹھۍ ہێکہٕ تاثُر پأدٕ گٔژھتھ بلکہ کوشش کٔرتھ تہٕ غلطیہ کٔرتھ۔ یِم چھِ أکۍ مجبور بنیہ تِمنٛہے خاندانَس کُن واپس یِیرِ نہٕ خاطرٕ یِمن منٛز یِتھۍ ہی خوفناکھ واقعہ سپدیمتۍ چھِ۔ وونۍ سپُد واریاہ بحث اَتھ بێیہ ژٕرِ یِتھۍ ٹکڑیہِ منٛز کینٛہہ پأٹھۍ گژھن واقعہ ترتیب یِنۍ دِنہٕ تہٕ پلاٹ کیُتھ گژھِ آسُن۔

(١٥)

کِردار سازی ہِندِس معاملَس منٛز پَزن ژور چیز مقصد زانٛنۍ۔ گوڈنیُک تہٕ سارِوٕے کھوتہٕ اہم مقصد چھُ یہِ زِ کِردار گژھِ رُت آسُن۔ یِتھ پأٹھۍ مێٛ برونٛہہ اشارٕ کوٚر۔ اگر کُنہِ یا عملِ منٛز کانٛہہ ژارٕ یِیہِ کرنہٕ، کِردارٕ یِیہِ بارسَس، تہٕ وونۍ اگر تِمہِ خاطرٕ ژارٕ یِیہِ کرنہٕ یہِ رُت آسہِ، کِردار تہٕ آسہِ رُت۔ یہِ تِتھ کُنہِ ذأژ ہِنٛدِ انسانَس منٛز ہێکہ رٔژ رأستھ۔ مثلن اکھ زنانہٕ یا کانٛہہ نوکر آسہِ رُت، یۄدوے زن زنانہٕ مَردن ہِنٛد کھوتہٕ وسی بایہِ چھِنٛے تہٕ غولام چھُ لۄر پأٹھۍ مٕرِ۔

دوٚیِم یہِ زِ کِردار گژھِ آسُن موزوٗن۔ مثلن کانٛسہِ کِردارَس مَردانہٕ صفتھ۔ مگر یہِ روزِ نہٕ موزوٗن زِ کانٛسہِ زنانہٕ کِردارَس یِیہِ مَردانٛیتھ یا ذہنی ہُشاری دِنہٕ۔

ترٛیِم یہِ زِ کِردار گژھن زِنٛدٕ زُو باسٕنۍ۔ یہِ گو وَنہٕ تی یہِ زِ ووٚن زِ کِردار گژھن رُتۍ آسنۍ یا موزوٗن آسنۍ۔

تہٕ ژوٗرِیِم یہِ زِ کِردار گژھن مستقل مزاز آسنۍ۔ اگر کانٛہہ تیُتھ کِردار تہٕ آسہِ ہاوُن یُس غأر مستقل مزاز آسہِ تہٕ یۄہے صفتھ آسہِ تمہِ سنٛد کِردارٕچ بُنیاد، سُہ گژھِ تِیلہِ مستقل پأٹھۍ غأر مستقل مزاز یُن ہاونہٕ۔

کِردار ہِنٛد غأر ضروری پأٹھۍ بدٕ آسنٕچ مثال چھُ اورسٹیزس منٛز مینلاس سُنٛد کِردار، کِردار ہِنٛز غأر مُناسبت تہٕ غأر موزوٗنیت ہنٛز مثال چھِنٛے میلان سکے لاہس منٛز یِیلہِ اوڈیسس

ویداکھ چھُ دِوان یا میلانٕچ ہٕنٛزٕ ن کھتَن منٛز ۔ کردار سٕنٛز ۔ غار مُستقل مزازی ہٕنٛز ۔ مثال چھےٚ میلان "افنجینیا آسس منٛز" ڈرامہس منٛز ۔ یُتھ زَن فریادی افنجینیا مکمل پاٹھی مختلف چھےٚ تمہٕ نٛشہٕ یہٕ سوٗ پیٛتہٕ بنان چھےٚ ۔

یتھ پاٹھی زَن واقعن ہندِس ترتیٖبس منٛز چھُ آسان، تتھے پاٹھی گرٛتھ کردار سازیہ منٛز تہٕ تمیک خیال یُن تھاوُن یہ یاتہٕ ضروٗری آسہٕ تہٕ آسہٕ اغلب ۔ دوٚیمین لفظن منٛز، کانہہ کردار یہ کینٛز شہاہ وَنہ یا کرِ تہٕ گرٛتھ ضروٗری یا اغلب آسُن تہٕ امی طریقہٕ گرٛتھاکھ واقعہ بٔییہ یہٕ ووتلُن ۔

امہٕ علاوٕ گرٛتھ پلاٹ بیٚنوے ہ [illegible] وکِنٛز راو نہٕ یُن نہٕ زکنہ دِلویٖرتھ (DEUS EX-MACHINA) کنٛز یتھ پاٹھی زَن "میڈیا" س منٛز سیدان چھُ یا ایٖیٖڈِکس تتھ واقعس منٛز یتھ منٛز بٔڑی بیٛڑ رو خصہ چھُ سیدان ۔ دِلویٖرتھ گرٛتھ تمہٕ واقعن ہند خاطر تھاوُنہ یٔم پلاٹ ہٕنٛز آسُن یا تہٕ تمن چیٖزن ہند خاطر یِم امہٕ برونٛہہ آسن سپدِمٕتی تہٕ یِم نہٕ انسان زانی تھےٚ ہیٚکہ یا تمن چیٖزن ہند خاطر یِم امہٕ پتہٕ سپدَن والی آسن تہٕ یِمن ہٕنٛز پیشن گوئی دیوتا ہیکن کٔرتھ، تکیازِ اَسی چھِ مانان زِ دیوتا ہے پیوت ہیکن ساری چیٖز زأنِتھ ۔ تہٕ زَن گو وعملہ منٛز ۔ گرٛتھ نہٕ تٔھچ کانہہ چیٖز آسُن یُس نہٕ فکرٕ ترٕنٛس لایق آسہٕ تہٕ ووٚنی اگر سۭتھ چیٖز ضروٗری اوس یہ گرٛتھ ٹریجڈی یہ نیٚبر یُن تھاوُنہ یتھ پاٹھی زَن سوفوکلیٖزٕ سٕنٛدِس ایڈپس ڈرامہس منٛز کرنہٕ چھُ آمُت ۔

چوٗنکہ ٹریجڈی چھےٚ عام لُکن ہندِ کھوتہٕ بہتر لُکن ہٕنٛد نقل، اَوکِنٛ چھُ ضروٗری زِ شاعر گرٛتھن رٕتین ژٕتر کارن ہٕنٛد نقل کرٕنی ۔ تکیازِ یِہندِ یِم پننہٕ موضوعچہ خاص خاصیژ پیش چھِ کران تہٕ ہشر چھِ یاد پٔرتھان کرُن، یِم چھِ یِمن تمہٕ کھوتہٕ بہتر ہاوان یتھ تم آسن ۔ امی طریقہٕ گرٛتھن شاعر نہٕ تھٔی لکھِ یِم زَکھ تہٕ آسن، بلکہ آسن یِمن کردارس منٛز ۔ بٔییہ کانہہ نوقص آسہٕ، تتھ پاٹھی پیش کرٕنی یتھ یِمنٛز بہٕ خاصیژ تہٕ نن تہٕ سپدِ یِن یِم نفیس تہٕ ہاوُنہ مثلن یتھ پاٹھی گاتھوان تہٕ ہوٗمر اکلیٖزٕ سٕنٛد کردار ہاوان چھُ ۔

یِمن کتھن ہٕنٛد گرٛتھ وارٕ پاٹھی خیال یُن تھاوُنہ تہٕ یِمو علاوٕ تمن کتھن ہٕنٛد یِمن ہٕنٛد تعلق

تماشہِ گیرن بیٹھ تاثرس ستۍ چھُ تہٕ یمیک دار مدار لازمن شاعرہٕ سندِس فنس پیٹھ چھُ۔ تکیازِ یمن جاین تہٕ چھُ غلطین ہُندِ امکان۔ ووں گوو مےٚ چھُ یمن کتھن متعلق پننِن شایع گمژن کتابن منز۔ واریاہ کیہہ لیوٗکھمت۔

## ۱۶

یوٚ تام زن انکشافن ہُند تعلق چھُ، یمن منز چھُ گوڈنیک اکھ سارِوے کھوتہٕ کم فنکارانہٕ تہٕ یہ چھُ یمہٕ شاعرو روان مےٚ چھُ برونہہ واضح کوٚرمُت زِ انکشافُک معنے کیاہ چھُ مےٚ نِش۔ یمن ہُندِ قسمن ہُند تعلق چھُ، یمن منز چھُ گوڈنیک اکھ سارِوے کھوتہٕ کم فنکارانہٕ تہٕ یہ چھُ یمہٕ شاعرو تانہ یمن پہٕ فن آسہ۔ یہ گوو سُہ انکشاف یُس خارجی اشارو تہٕ نشانو ستۍ ہاونہٕ ییہ۔ یمن اشارن تہٕ نشانن منز چھُ شامل زنمہٕ آکھ مثلن تم سورِ کھیٚلی یم تیلہٕ زووی" پکناوان آسی، یا تھی "تارکھ" یمن متعلق تھیسٹرس منز کارِ سینس لیکھان چھُ۔ امہٕ علاوہ چھُ تمہٕ خاصیژ یمہٕ زنمہٕ پتہٕ حاصل چھےٚ یوان کرنہٕ یمن منز چھےٚ کیہنہ تہٕ پیٹھ آسان مثلن، آکھ یا نیٚبرم جیر مثلن ہار۔ بیاکھ مثال چھےٚ یتھ پاٹھی ٹیروس منز سپدان چھُ، منز لہ ستۍ یاد کرنہٕ امُت انکشاف۔ ووں گوو یم نشانہٕ ورتاونس منز چھُ کیہنہ طریقہ یا تہٕ طریقو نشہٕ بہتر مثلن اوڈیسیس پرزنوو آکھ وچھتھ پننہٕ دایہ اکہٕ طریقہٕ تہٕ سورِ کھیٚلی بنیہ طریقہٕ یم انکشاف صرف شوٗبتھ پیش کرنہٕ خاطرِ نشانن پیٹھ دار مدار آسس تھوان تہٕ امہٕ قسمکی باقے چھِ کم فنکارانہٕ بہتر گےٚ تم انکشاف یم ہہٕ تہٕ منگہٕ سپدن یتھ پاٹھی زن اوڈیسی یہٕ ہندس "سرانہٕ واقعس" منز سپدان چھُ۔ دوٚیمہٕ قسمکی انکشاف گےٚ تم یم شاعر پانے ایجاد چھُ کران تہٕ اوکنہٕ غار فنکارانہٕ چھِ۔ امہٕ قسمچ اکھ مثال چھےٚ "افجینیا ٹاسس منز" ڈرامہس منز میلان۔

اورسٹیز نبر اوان چھُ زِ سُہ چھُ اورسٹیز، ییلہِ زن افجینیا یہٕ ہنز زان چیٹھ ہندِ ذریعہ سپدان چھےٚ۔ اورسٹیز چھُ پانے تہٕ ونان یہ شاعرس مقصد چھُ آسان۔ سُہ گوژھ وننہٕ تمہٕ بجایہ سہ بلاکہٕ ذریعہ گوژھ سپدُن۔ یہ طریقہٕ چھُ تتھ غلطیہ نکھ یتھ متعلق بہٕ آدکتھ اوسس کران۔ تکیازِ سُہ ہیٚکہ ہے پانس ستۍ نشانہٕ اٮ۪نتھ۔ امِچ بیاکھ مثال چھےٚ سوفوکلیزن سندِس "ٹیرس" ڈرامہس

منز بانہ ہنز آواز۔

ترییم قسم گوو سہ اِنکشاف یُس یاداشتہٕ ستۍ سپدِ، ییلہٕ زن کانہہ چیز وُچھتھ کینہہ اہم
کتھ بوزِنۍ تنگہِ۔ مثلن ڈکایوجینز سُندس تسبیریاتس ڈرامہس منز۔ ٹیوسر چھ تصویرو وُچھتھ
اوش ہاران۔ یتھے پاٹھۍ چھ الِسنوس ہنز ڈلیلہِ منز اوڈیسس یہ وَوان ییلہٕ تمس سازندر
ہنز سازن (LYRE) بوزتھ بینہٕ پتھ کالکو دوکھ یاد چھ پیوان۔ گوومُن دوشونی
منز چھ یم بینہٕ بینہٕ جذباتی ردِ عمل ستۍ پرزناوہٕ یوان۔

ژوریم قسم گوو سہ اِنکشاف یُس منطقہٕ ستۍ رونما چھ سپدان۔ مثلن یتھ پاٹھۍ "کوئیفوری"
ڈرامہس منز سپدان چھُ۔ "گُستام چھ آمُت یُس مےٚ ہوے چھُ، مےٚ ہیوٚ چھُنہٕ اورِسٹیرس وَرٲے
بینہٕ کانہہ۔ اوکنۍ چھ اورسٹیز یُس آمُت چھُ"۔ بیاکھ مثال چھےٚ اَمہِ قسمکہِ انکشافُک یتھ کُن سوفنٹ
پولیڈسن، افجینیا، متعلق اشارہ کورُن زِ اورسٹیرس کرِ تھ اَس یہ عقلی کتھ زِ چونکہ تمۍ ہنز بینہٕ آیہ
قوربان کرنہٕ اوکنۍ پیہِ سُہ تہِ قوربان کرنہٕ۔ یھیوڈیکٹیز سُندس ٹیڈیُس ڈرامہس منز تہِ چھُ
اکھ واقعہ ییلہٕ زن یہ نتیجہ چھُ یوان کڈنہٕ زِ یُس مول بینس نیچوس لبہِ، تمس چھُ پانہٕ فنا گژھُن۔ یا
یتھ پاٹھۍ بینیڈٹی ڈرامہس منز چھُ سپدان۔ ییلہٕ زنانہٕ سو خاص جاے چھےٚ وُچھان، تمہ چھےٚ
نتیجہ کڈان زِ تمن چھُ مرُن لازمی ییتھ تکیازِ اَتھۍ جایہ آسہ تمہ زینہٕ وِزِ ننگہ گمژ۔

اَمہِ علاوہ چھ اِنکشافُک اکھ اَکھ تھےٚ قسم تہِ یُس دون جماژن ہندِ اَپزی منطقہٕ ستۍ
بارسس چھُ یوان۔ مثلن "اوڈیسس اَپُز قاصد" ڈلیلہِ منز۔ چونکہ تمۍ دوپ زِ سُہ ہیکہ سو کمان
پرزناوِتھ یوسہٕ نہٕ تمۍ وُچھمٕژ چھےٚ۔ مگر اَمہِ نِشہ یہ فرض کرُن گوو اَپُز منطق زِ سُہ ہیکہ یہ دُبارہ
پرزناوِتھ (زنتہٕ تمۍ یہ تمۍ برونٹھ وُچھمٕژ آس)

بہترین انکشاف گوو سُہ یُس پانہٕ واقعو ستۍ بارسس یِیہ، ییلہٕ زن ووٚٹھ
کھیاوُن انکشاف تھنو واقعو یٹھ ووتلہ یم اَغلب آسَن، یتھ پاٹھۍ زن سوفوکلیز سُندس
ایڈیپس ڈرامہس منز سپدان چھُ۔ یا افجینیا ڈرامہس منز تکیازِ یہ اوس بلکل اَغلب زِ سو زِ

چھٹہٕ نمبر۔ امی قسمکِس انکشافن منز چھِنہٕ اکھۍ تھِ نشانن تہٕ ہارن ہُند ضرورت ہیوان۔ امہٕ بجایہٕ
بہتر انکشاف گژھِ تمہِ یمِن ہُند دارومدار منطقس پیٹھ آسہِ۔

## ۱۷

ییلہٕ شاعر نیٚنِس پلاٹن ترتیب آسہِ دِوان تہٕ یمن سۭتۍ زبان تہٕ آسہِ شیران تہٕ تمس
پزٕ بوٚت وتیوٚت منظر تہٕ یمن اچھن بروٚنٹھ کنہٕ تھاوُن۔ امہٕ طریقہٕ ییلہٕ سُہ پزٕ ستھ کانہہ چیز وارٕ پاٹھۍ
وچھِ زِ تہٕ سُہ واقعن ہُند چشم دید گواہ آسہِ، سُہ ہیٚکہِ زانتھ زِ کیاہ چھُ موزوٗن تہٕ کیاہ چھُ غار موزوٗن۔
امیک تھوٚتھ چھُ سُہ تنقیدُک کارسی نٔس پیٹھ کرنہٕ چھُ یِوان۔ سُہ چھُ ایمضیار اَسِس مندر منز
نمبر کٔڈان، اگر نَے یہِ واقعہ پزی پاٹھۍ وُچھنہٕ آسہے آمُت، یہِ تگ ہے نہٕ بوزنے۔ مگر وُچھن
والیو کوٚر نہٕ یہِ پسند تہٕ یہِ کھیل روٗد نہٕ سٹیجس پیٹھ کامیاب۔

ڈرامانگار گژھہ یوت وتیوٚت مناسب اشارٕ تہٕ پیش کرُن ییلہٕ سُہ مکالمہٕ لیکھان آسہِ،
تِکیازِ اگر ہے شاعرن برابر صلاحیتھ تہٕ آسہِ، سُے شاعر ہیٚکہِ مطمین کرِتھ یُس پانہٕ متعلق جذبہٕ محسوس
کرِ۔ ژٕ کھیا شرارت ہیکہِ سارِوے کھوتہٕ واضح پاٹھۍ تمی سندی ذٔسی پیش سَید تھ یمس پانہٕ ژکھ آسہِ
کھٔرِ مژ یا آسہِ شرارتس منز۔ اوٚکنِہ چھنے شاعری تمی سٕتۍ تخلیق یمس فطری صلاحیتھ آسہِ یا تمی ہنز
یُس نہٕ مکمل پاٹھۍ باعقل آسہِ۔ تِکیازِ گوڈنیک چھُ سیٚٹھاہ زود اثر آسان تہٕ دوٚیِم چھُ آسان سیبٕ زد۔

یوٚتام دلیلن ہُند سوال چھُ، سُہ کیٚنژھاہ بروٚنٹھے تیار کرنہٕ آمُت مواد آسِ تَن ورتاوان
یا پانہٕ اُسی تَن ایجاد کران، شاعر گژھِ گوڈ اکھ خاکہٕ تیار کرُن تہٕ پتہٕ گژھِ موزوٗن واقعہ ژھانڈُن
اتھ پھہلاوُن۔ امہٕ تلہٕ کیاہ چھُ مےٚون مقصد تمیُک مثال ہیٚکہِ افجینیا ڈرامہ منز میلتھ، یتھ پاٹھۍ: اکھ
لوکٹ کوٗر آیہٕ بلی دِنہٕ، مگر پُراسرار پاٹھۍ گیہٕ سۄ بلی دِنہٕ والیٚن بروٚنٹھ کنہٕ غائب۔ سۄ آیہٕ بیٚیِس
اکِس ملکس منز واتناونہٕ یتہٕ زن رسم اوس زِ دوٚہ پرن دلیو یہِ بلی دِنہٕ تہٕ سۄ بنے یہِ امہٕ رسمچ
سأنۍ۔ کیٚہتہٕ کالاہ گوٚ واتھ ملکس منز ووت سانہِ ہُند بوے (یہِ مسلہ زِ تمس اوس کمہٕ تام

وجہ کنہٕ غٲبی حکم اور گژھنہٕ خٲطرٕ تہٕ تمی سند سفرُک مقصد چھ تمہِ معاملہٕ پلاٹہٕ نبر چھ) یتھےٚ سٕہ اورووت، سٕہ آورٹنہٕ، یتھےٚ تمس ٲلی دِیہِ ہن تمی کو رظاہر زبہٕ کُس چھُس۔ یتھےٚ پاٹھۍ یتھہٕ پاٹھۍ زن ایوریپڈیز کران چھُ بایتھہٕ پاٹھۍ یولیپڈس مشورٕ دِوان چھُ۔ سٕہ چھُ یہٕ فطری اِشارٕ کران زِ نہٕ صرف تمی سنز بیتہٕ بلکہ اوس سُہ پانہٕ تہٕ تقدیرٕ موجب ٲلی خاطرٕ تہٕ یتھہٕ پاٹھۍ بچوو سُہ۔

اَتھ منٛز لَس بیٹھ وَاتھ ہیکہٕ شاعر اَتھ خاص ناو دِتھ تہٕ منز واقعہٕ بڑتھ۔ مگر یہ پوٚر پوٚرٕ خیال تھٲوتھ زیم آسن موزون یتھہٕ پاٹھۍ اورسٹیزس منزرک دور چھُ یوان یمہ ستی سٕہ گرفتار چھ سپدان تہٕ پتہٕ چھُ قادٕ منز پنُن رُح پاک کرنک وَل کٔرتھ آزاد سپدان۔

ووں گو وڈرامہن منز چھ واقعہ موخصر آسان مگر رزمیس منز چھ یم زیٹھرک فاصلہٕ کران مثلن اوڈیسی سنز ڈلیل چھنہٕ زیٹھ ڈلیل۔ اکھ شخصاہ چھُ گر دٕ وارٕ یہس کالس یوان تھاوِنہٕ پواسیڈن چھ تمس لالچہٕ ہنز وٲچھو نظر تھاوِتھ تہٕ سُہ چھُ کُنے زُون۔ گرٕ چھس حالتھ یہ زِ تمی سنز سارِ یسے دَولت چھ تمی سنز آشنہٕ ہندین عاشقن ہندِ ذریعہٕ لوٗٹھ سپدان تہٕ تمی سندس نیچوس مارنہٕ خاطرٕ چھےٚ سازِشہٕ کرنہٕ یوان۔ سُہ چھُ وارٕ یہن طوفانن ہُند مقابلہٕ کٔرتھ گرٕ واپس یوان تہٕ پننِ یان ننراوان۔ سٕہ چھُ پننین دُشمنن پیٹھ حملہٕ کران تہٕ تمن تباہ کران مگر پنُن زوٗ چھُ رٔچھتھ تھاوان۔ یہے چھےٚ اوڈیسی یہ ہنز اصل ڈلیل۔ نظمہٕ ہند باقی حصہٕ چھُ مختلف واقعو ستی بڑتھ۔

(۱۸)

پرتھ کُنہٕ ٹریجڈیہ چھُ آسان پھساو (COMPLICATION) تہٕ وساو (DENOUEMENT)۔

پھساوس منز چھ تِم واقعہٕ یم پلاٹہٕ نبر چھ آسان تہٕ کینہہ واقعہٕ عام پاٹھۍ اَتھ اندرے تہٕ باقی گو وساو۔ پھساو تلہٕ چھ میون مطلب ڈلیلِ ہندس سٕہ حصہٕ یُس گوڈ پیٹھ تتھ نوکتس تام چھُ آسان یتین تقدیرٕ رُت یا بد چھُ ہوان سپدُن۔ وساوٕ تلہٕ چھُ مطلب سُہ حصہٕ یُس اَمہٕ تبدیلیہ پیٹھ اندس تام چھ

مثلن تھیوڈ کٹیر سندس لینسییس ڈرامہس منز ووچھتوٚ: یُسا وچھ تہ یہ اصل ڈراماکیو واقعو بنیہ آسان۔ وَساو چھ قتلہٕ چھ سپدان تہ اتھ منز چھ شامِل لڑکہ سُند تہٕ تمی سندس ماٲلِس تہٕ ماجہ مُند گرفتار سپدُن تہٕ۔ یَسا وچھ تہ اُرکُت کہ الزامہ بیٹھ اندس تام۔

یہ وَنُن چھ صحیح زِ ٹریجڈین چھ پلاٹہ کہ اعتبارٕ ہشر یا ناہشر آسان، تہٕ زَن گو وچھا وس تہ وَساوس منز کیاہ ہشر چھ یمن پانہٕ واٲنۍ۔ وارِیاہن شاعرن چھ پنٕنۍ پلاٹ یُسا وٕنۍ تکان مگر پتہ چھکھ نہٕ لگان ہُرراونۍ۔ ضرورتھ چھ یہ زِ شاعر گژھہِ یمن دوشونی ٹیکنیکن پیٹھ مہارتھ حاصل کرنہٕ خاطرٕ بیٚیم کوٗشش کرُن۔

ٹریجڈِیہ چھ ژور قسم۔ یہ تعداد چھ تمو ترکیبی جُزو مُطابق یمن متعلق مےٚ وَوٚن۔ اکھ گیہِ پیچیدٕ ٹریجڈی یمیک دارٕ مدار مکمل پاٹھۍ تنسیخس تہٕ انکشافس پیٹھ چھُ۔ دوٚیُم گیہِ عذابٕچ ٹریجڈی یتھ پاٹھۍ زَن اجیکس تہٕ اکسیوان سندین ڈرامہن منز چھےٚ۔ ترٛیِم گیہِ کردارٕچ ٹریجڈی یتھ پاٹھۍ زَن پتھیوٹادس تہٕ پیلیس ڈرامہن منز چھےٚ۔ ژوٗرِم گےٚ بھوٗر سایڈیز، پرومیتھیس ڈرامہن تہٕ تمن ڈرامہن منز چھےٚ یمن منز ہیڈز کی (دوٚیِم دُنیہکی) منظر آسن۔ شاعر گژھہِ یم ساری عنصر شامِل کرنٕچ کوٗشش کرُن۔ اگر اتھ منز ناکام گووتو تہٕ گژھہِ ضروٗری عنصرو منز تمی عنصر شامِل کرُن یِتی ممکن سپدن۔ خاص کرِتھ چھےٚ یہ اوکنہٕ اہم کتھ تکیازِ از کل چھ فاشنے اِنبو مُرت شاعرن کِٹھُن۔ وجہ چھ یہ زِ واریاہ شاعر چھ تِم یم ٹریجڈِیہ ہندین الگ الگ حصن منز عظیم چھ۔ نقادن چھ توقع زِ اکے شخص گژھہِ پتہ خاص قسمچہ عظمتہٕ منز یمن سارِنے عنصرن منز پوٗرٕ پوٗر کامیاٲبی ہاوُن۔

یہ کینژھاہ مےٚ وَوٚن تہ یاد تھوٚوِتھ پزِ ڈرامانگارس جس تھاوُن زِ تمی ہشنز ٹریجڈِیہ گوٚژھہِ نہٕ رزمیک گرنہ میلُن۔ امہٕ تَبہ چھ میون مطلب تژھہ ٹریجڈی یتھ منز واریاہ ڈٲلیہ آسن، مثلن زِنہ کانسہ تمیتھ اکھ پلاٹ آسہ تیار کرُن یتھ منز الییڈک سوٗرے قصہ ونیہ۔ یتنہ زیٚچھر کِنۍ ہیکن الییڈچہ ڈٲلیہ ہندۍ الگ الگ حصہ پوٗرٕ پوٗرٕ وسجار لبنہ مگر یتھ پاٹھۍ زَن کِربہ،

ہاوان چھُ ڈرامہَس منز چھنے یِرِتھ کوشش یِتہٕ ناوہ میدی سپدان۔ چونکہ یِمو شاعرو ونبن
ڈرامہَن منز ٹروائے شہر چہ تباہیہ ہتر۔ سارے دٔلیل اَنِنج کوشش کرِتھ زالیور بیڈیز ہندی
پاٹھی تیمی اَمکی کینژرے حصہ تُلی یا یِمو شاعرو ونیوتج سارے دٔلیل ڈرامہَس منز اَنِنج کوشش کرِتھ
زالبسکائیلس ہندی پاٹھی، تِم شاعر گئے یا تہٕ مکمل پاٹھی ناکام تہٕ مند چھیپے ڈراما مقابلن منز۔ حالانکہ
اگاتھان سُند ڈراماتہ گوو اوے کنہٕ ناکام۔ ووں گوو ونیسخ تہٕ سادہ پلاٹ ورتاونس منز
ہکن یِم شاعر بنِن یوژ ہمت تاثر و وتلاونس منز۔ حالان گژرنس تام کامیاب روزِتھ۔ یعنے
تیُتھ تاثر یُس المناک آسہ تہٕ: بٔنیہ آسہ سانہ انسانِ نیرِ متاثر کران۔ یہ چھُ تمہٕ وِزِ سپدان
ییلہ زن چالاک مگر بدخصلتھ انسان خواس باختہ سپد۔ یتھ پاٹھی سِتنس سپدیوو۔ یا
ییلہ کانہہ بہبود رمگر بیقل شخص گرتھ برباد۔ یہ چھُ اکھ تیُتھ نتیجہ یُس ممکن چھُ (یتھ پاٹھی زن اگاتھان
ونان چھُ) مگر یہ تہٕ چھُ ممکن زِ وارِیاہ چیز چھِ سپدن سارِنے اِمکانن برعکس۔

کورس گرتھ اداکارن منز اکھ اداکار زانہٕ یُن۔ یہ گرتھ کلک اکھ حصہ آسُن۔ تہٕ
یہ گرتھ عملہ منز اکھ حصہ رٹُن یتھ پاٹھی زن سوفوکلیز ہندن ڈرامہن منز۔ سپدان اوس مگر یوریپڈیز
ہندن منز نہٕ کینہہ۔ باقے ڈراما نگارن نشہٕ چھُنہٕ کورسس دردس پلاٹس ستی تمہٕ کھوتہٕ زیادٕ
کانہہ تعلق یُتھ اکھ بٔنیہ کنہٕ ٹریجڈیہ ستی چھُ۔ یمن نشہٕ چھُ کورس محض اکھ وقفہ یتھ پاٹھی زن
گاتھان اَمیک رِواج کوز۔ مگر فرق کیاہ پھنے یتھ باتھ آسی تن (ٹریجڈیہ منز۔) منز یمنز دِ یر تہٕ
آہتی یا اکھ مکالمہ یا پورا اکھ واقعہ اکہٕ ڈرامہ بیٹھ بٔیس ڈرامہس منز تراونہٕ یِیہ۔

(۱۹)

وونی ییلہ ٹریجڈیہ ہندن باقے حصن متعلق بحث سپد یتھ روزِ لفظت تہٕ
خیال یوتام خیالک تعلق چھُ، مےٚ چھُ بلاغتس متعلق بٔنہٕ کتابہ منز وارِیاہ کینہہ وۄنمت تکیاز

امیُک تعلق چھُ زیادٕ مہین تھُکی ستی۔ خیالس منز چھ تم ساری تاثر شامِل یم زبٲنی ہندِ ذریعہ یادٕ چھِ
آسان کرٕنی۔ یمن تاثرن منز چھِ بیتھی ہوی چیز مثلن تصدیق یا تردید، رحم، خوف، ٹھکھ بیتر
جذبہ وو تلاوٕنی تہٕ مبالغہٕ تہٕ تذلیل۔ یہ چھُ صاف زِ ڈرامہچہ عملہٕ منز تہٕ چھِ یوہے اصول نظرِ
تل یوان تھاوُن یٔلہ یٔلہ رحمکی، ہاتکی یا عظمتکی یا اغلبکی تاثرُ یادٕ کرٕنی ضروری چھِ بنان۔
ودٕنی گوو یہ فرق چھِ ضرور زِ اکھ جایہ گرٕھن تاثر زبٲنی وضاحتہٕ ورٲے یادٕ گژھن تہٕ ہنی
یٔلہٕ زن باتھ تمہٕ زبٲنی ہندِ ذریعہ وو تلان چھِ یوسہٕ زبان بولن والی سندِ دہانہٕ نیران چھِ
تہٕ یم تاثر چھِ زبٲنی میٹھے دارمدار تھاوان۔

یوٚتام لفظٕنکُ سوال چھُ، امہٕ مطابق اکھ لنڈ چھِ وننن ہنز ن مختلف صورتن
ہُند مطالعہ۔ امیُک مطالہٕ چھُ خطابتس فنس ستی تعلق تھوان تہٕ یہ چھُ تمی سندِ خاطرٕ ضروری
یُس اکھ فنس منز ماہر آسہ، منے چھُ مطلب بیتھی ہوی چیز مثلن حکم، دعایہٕ خیر، بیان، گرٕنز

سوال، جواب بیتر۔

شاعرس ہکو نہٕ یمن چیزن ہندِس علمس نسبت تنقید کرتھ۔ چونکہ کانہہ
یہ پروٹاگورس سندِس یتھ تنقیدس بٔڈ سوٚنچہٕ تہٕ چھُ غلط زِ شاعرس چھُ عرض کرُن آسان ہنزکہ
چھُ دوان حکم یٔلہ سُہ وَنان چھُ "گوژ غضبس متعلق، دلوی"! پروٹوگورس چھُ وَنان زِ کانہہ
شخصس کیہنہ کرنہٕ خاطر یا نہ کرنہٕ خاطر وَنُن گوو حکم، وو ہُں گوو اسی ترٲوو یہ موضوع
اُتی ہے تکیاز اکھ اسی تن بٔنیہ کُنہ فنس ستی تعلق، شاعر یہ ستی چھُس نہٕ۔



# مثنوی، دوٗر بر

## حافظ شیرازیس ترجمہ

سیّد رسوٗل پوٗنپر

ووٚلو ہاہرِنہٕ ژٕرے یا گی کوٚتو، گوکھ
ژٕے سِتھن آدنٕچ یارٕ ژٕتس پیوکھ
زِ اُسی تنہا، اُسی حارانِ بے کَس
زٕوَتہٕ اَسہِ دوشونی زاگے چھِ بروٚنہہ پَتھ
یتو ووٚنی حالِ دِل باوَو اَکِس اَکھ
ژٕھا، ساتھاہ، یِکےٚ وَٹہٕ گُزٕرٕ ہو وَق
تُلو نو دوٗرِ رٕے دَگِہ ہنٕز مُدرٕ کَتھ
مُدعا زانِتھ کرو باہم مُروَّت
چھُ ہا بَتھ ناکھ عشقُن زیوٗٹھ صحراو
نَہ وَن، نَے نیوٗر سبزا سبز پاراو
درین سمسار یارو آسہِ تیا کانہہ؟
غریبن، بےکسن، دگدار کانژھا؟
مُبارک خضرؑ شاید ییہ پیارٕی
سفر سون فاصلہٕ تہُندے روزِ جارٕی

عطا پرور وقت شاید ہیا آو
گُنئے زوّن تراوتم مَتہٕ[1] فال توّن دراو
دوہہٕ اَکہٕ اکھ مُسافر اوس گیہٕ تام
رفیقس کتھ پرٛژھانی اوس کیا متام
کہ اے سالک چھُیا کیہنہ جولنس منز
چھکر، کر، زال وُلی وٕہراونگ سنز
جوابن تمٕ وٕونُس پھل پھلی چھہٕ یتھ منز
مگر سیمرُغ شیکارُک یہٕ چھُم ٹنز
دٕیونُس نیر کیتھ کُنز تمٕ سُندے پے
نشاناہ، تہندِ اَکُیک چھُہ نہٕ ازلے
دیونُس کتھ چھنے یوٛد باساں محالے
مگر اکھ ناوہٕ میدی تیٚنے وہ بلاے
یوٚتامتھ زُو چھُ کوٗشش روزِ جاری
بناں چھم دام کھنڈ تندِ جامنداری
مےٚ سٕری پیٚٹھی دوٗرُک سالاب ہاگوہ
متو یٚمہ حالہ تراوِتھ گرژھتہٕ یارو

---

[1] رَبِّ لَا تَذَرْنِیْ وَاَنْتَ خَیْرُ الْوَارِثِیْن" (الانبیاء : ٨٩) خُدایہ مےٚ مَتہٕ تراوتہٕ گُنئے زوّن، "ژٕ چھکھ سارنئے (وارثن) ہند کھوتہٕ بہتر وارث"۔ یتھ شعرس منز چھُ قرآن مجید کس اَتھی آیہ کریمس کُن اشارہ کرنہٕ آمُت یہٕ دُعا چھُ حضرت زکریاؑ سُند مونگمُت۔

وَتي ووڻي ٻَٽنِ وطنچِہ ها ٻہ نيرے
اگر دِمہ زُو تہِ زاہ نو پوٽ ٻہ ٻهيرے
مُسافرِيم تہِ ميونُے حال ڏيشن
مَرن وِزِ شاندکَنہِ مياني ها ٻَنهن
مُسافرَن، مُسافرِ ياد ٿھاوَن
تمَے باہم چھِ پَتھ کُن ياد روزَن
خُدايا چارِ کانهہ لاچارِ نے کرَ
ژِ زانکھ حالِ دِل ڇھُنہ چارِ ديگر
کُڏان ڇھُکھ راَشکَرِ مُنز صُبحِ کےنُور
تھِے کُنز کرَ عمس شادی منّے بَرپُور
منّے چانے دوُرِکِی چھِم شِکو واراہ
يَتين ڇھُنہ وار کَتھ بوداشُ کڑہا
قدر زاَنِو اُکِس اکھ ٻنز رفيقو
مُدعا کانہہ زندگی تھاوِو شفيقو
ٻنتھ يَيلہِ کاروان سروے روان گوو
کرِتھ تلقين منّے صبرچ بے گُمان گوو
شرابُک جام ييٺ گلزار تراوَکھ
ٻنے پَتھ سمسار نظرو ڇھِنہ ڈاکھ
يوہ کھرناگج تہ کوہہ ٻھڑ ٻھڑ نظاراہ
اشکُ سرنيہہ ستی پانس کتھ قراراہ

بیادِ رفتگاں تِہٕ سونتہٕ اوٚبرس

ژٕلوٗ، دامانہٕ، اوٚشس ہارِ وُگُرٕھوٗمُس

اوٚبرٕ ژٕلہٕ وٗن، ہران اوٚش ییلہِ یاٗری

ییو، ڈالے اَشکو دِیہٕ ہوٗسس ٹاٗری

مٔتے ہا تٔمی پراٗنی یاٗرن دِل روٚچھُم نو

خُدارا! ہے مسلمانو پوٚرُم نو

فراقِ شراکھ تٔمی بے عار واٚین

کرِتھ غمگین مٔتے پانس گووُسہٕ نیرتھ

یہ بااٚیس باٚے سُند ورتاو پھیرِتھ؟

خضرِ شاید مُبارک قدمہٕ ہاوے

یہ کُن زوٚن لگہٕ کُن زوٚن ستے پکنے

یِتھس شانس نِشن ہٕرس بوٗرکوٗس

غنی، افتاب چھوٚن اَتھ دارِ افسوٗس

ژٕ موکھتے دُچھ تہٕ بٕرموچا دہاٗرن

سُہ طرزے تراد چھُنہٕ یِتھ شہر یاٗرن

بہٕ ییلہِ دِمہٕ زیرِ قلمچہٕ گاڈِ ہاوے

ترٕسکھ، نوٗن وَالقلم تفسیر باوے

عقل تے روٗح یِچھوٹہٕ اُڈر آوِن

بو و بوٗیس بیاٗلی پھوٚل سے واوِ ہاٗون

عطر وو میدہٕ ہیتھ خوشبوے اَنو

دماغس جانہٕ کِس مُشکوے ونتو

یہ نافے، خور ہندِ زُلفکہ وُرک چھُے
نہ ہرنے سُندُ لگن ہنز چھےیمس دے
بہ کوٗ تُجھی تراوِ ینس ڈ بکہ لاَنس
منٛے طالع یی چھُ کوٚت زٕلہٕ دوٗر کرانس؟
وَنان یمہٕ عشقہٕ نگرٕک جنگہٕ کینو کینو
زٕ ہیتھ مَن خوٗنِ مظلوٗم دانہٕ اکھ جوٚ



---

لہ نٓ وَالْقَلَمِ وَمَا یَسْطُرُوْنَ :۔ قرآن پاکُک آیہ کریم یوٚرکُن اتھ شعرس منز اشارٕ چھُ کرنہٕ آمُت یارٕ "چون قلم چھُ اسرار باوَن"

# سُہ ٹائیگر

زبان : جرمن
شاعر : رینر ماریا رِلکے
ترجمہ کار (انگریزی پیٹھ)
رحمان راہی

تَسنز اَچھ چھےٚ
تمَن سیٚخن لَرِ نِکی نِکی تیز لوسمٕژ زِ
تَتھ اندر چھُنہٕ وُں مزید کہیں دَران
تَس چھُ باسان زَن تَتہٕ دَہ ساشتھ سیخ چھِ تہٕ
تمَن دٔہن ساشتن سیٚخن پتھ کُن چھُنہٕ دُنیاہے

ہلَن ہار، تبلنگہٕ تہٕ مضبوط قدمَن ہُند مُلائم گردِش
ژھوٚٹہِ کھوتہٕ ژھوٚٹِس آرس منز
دَیتھ تِتھس اَکِس مرکزَس اندی اندی وُسوارِ یہٕ ہُند رقص
یتھ منز اکھ عظیم یرادی قوَتھ بےٚ ہوش گومُت چھُ

صِرف چھُ کُنہِ کُنہِ وِز
مَنہِ پھلیک پرد ہیرٕ صَدہٕ ہرٕوس وُٹھِتھ گرھان
پتہٕ چھُ اکھ تصویر اَژان، تہٕ
تَسندین اَنگن ہنز چارہٕ آمِژ بے حرکتی یہٕ مَنزی بھیران، تہٕ
مَران تَتھنز واَتی جِگرِ منز۔

○

زبان : فرینچ
شاعر : چارلس بودلیر
ترجمہ کار (انگریزی پیٹھ)
رحمان راہی

# البطروس

- جہاز عملہ واأل چھہ اکثر مَن رٔٹنٕ وَنہٕ پاٹھۍ البطروس ژھلہٕ رٹان ، تمن عظیم سمندری جاناوارن یم ٹیٹھہٕ تہٕ سنہٕ آبہٕ پیٹھۍ کھکھ یکن واٲلس جہازس پتے روزان چھہٕ ، ہمسفر کرن والین ساتھین ہندی پاٹھۍ۔

- تمو چھہٕ نیلہٕ ہکلی یم پادشاہ ـــــ بےطور تہٕ شوزد ـــــ وٕنہٕ بچیہٕ تختن پیٹھ نزاوی ہتی آسان زِ یم چھہٕ پننہٕ کھجہٕ سفید پکھہٕ پانس پتہ کُن آرکاژ آیہٕ کتھہٕ ونہٕ تراوان زنتہٕ کھوری۔

-

- کوتاہ بہوار تہٕ پیٹوزھ چھُہ پکھل اتہٕ گتھ ! ٹونگریومت بدصورتھ یمہٕ یُس اُدی ننہٕ بون اوس ! اکھ زوٗن چھُہ تس پایہ ستی سیٹھ دِنان ، بیاکھ لوٗنگ لاگیتھ تمس کوکارس نچرس لاگان یُس اکہٕ وِزہٕ وُڈان اوس !

- شاعر چھُہٕ زنتہٕ اڈبر شہزاد ، واو طوٗفانہٕ پیٹھۍ گتھ دِوان تہٕ تیر لاین والین اسناہ تراوان ، پھوتہٕ تلہٕ ونن شری نہ ین درمیان زمینہٕ

پیٹھ جلایہِ وطن کرٕنہٕ آمتی سٕتھٕ۔ بجہ بار پٕکھ چھینہٕ اُمِس پکنہٕ دِوان۔

---

ل انگریزی ALBATROSS ، عربی اَلقادُوس یا رٕھوٗٹوٗے آیہِ قادُوس۔ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ سمنٛدٕری جانٛاوار یَس پکھن واش کڈِتھ ۱۲ فٹہٕ راد آسان چھُ۔ پتہٕ کالہِ اوس اُمِس متعلق خیالی زِ یہِ چھُ آب تونتہٕ منٛز برٕی برٕی اکِہ جایہِ بیٹھ بیٛنِس جایہِ واتناوان۔ راہی

زبان : فارسی
شاعر : م ، سرشک
ترجمہ کار : رحمان راہی

# اوٚبرُ دُبارٕ

اوٚبرلنگ آے بٔیہ
اوٚبرٕہٕلنگ آے اَنٛدٕ پَتھٕ بٔیہ

ہے زیٖر پرٛتھ بلوٗط کُلہٕ!
نصف راتٕ ہندٕ واوٕچ رژٕ تٔھتھ کیٚتہٕ چھےٚ؟
کوٗہی وَتہِ ہندِ بُن بُڈٕ کٔن ہٕندٕ وٚسی بٔنٛچ بشارَتھ!

تہٕ یشہِ ہنٛز زٕہرٕ زہرٕ ٹوٚچھ زارٕ عنوانَ ہندٕ بوٚگوڈٕ چھہٕ
— وٚنی کِنہِ یتھ زمینہِ پٮ۪ٹھ —
پَتہٕ وُہرَن ہندی کَن واوٕچ نرم کتھِ دٲری منٛز
پرٛاران اوٚبرس
— یوٚدوَے رٔبہٕ روٗد —
کلہٕ تراوِتھ زھوپہٕ ہندِس پھٮ۪کس پٮ۪ٹھ
کوٗہی وَتہِ ہنٛز وٚتراپہٕ پٮ۪ٹھ وٕدنی۔

کوٚہی وَتہِ ہِندِن بُڈبَلَن ہِندِ وُسی بینچہِ رِژِ شیٚچھِ

ہے ژیر پَرتھ
اۆبرِ لنگ آے اَند بیٚچھِ بیٚنیہِ ۔

— ٥ —

## دیوارن منٛز

پُتمہِ پکھہِ
ہسپتالچہِ
ییٚتہِ نہٕ
کہیں
ووپدِ، چھُ ڈٔہرِتھ
ژٕرِ سوٗر
یتھ منٛز پرٛزلان
پھُٹمتی
پٔنتی اکہِ سبزٕ
بوتلہِ ہندی

زبان : انگریزی
شاعر : ولیم کیرلاس ولیمز
ترجمہ کار: رحمان راہی

زبان : جرمن

شاعر : رینر ماریا رلکے

ترجمہ کار (انگریزی پیٹھ)

رحمان راہی

# ہے گونماتھا!

ہے، وَنسا، گونماتھا! یہ کیاہ ژ کران؟ ——
بہ چھُس گون گبوان۔

مگر تم بےآر تہٕ ہا بتھناکھ چیز،
ژ کتھ پاٹھی چھُکھ تم وسٕتراوان،
ژ کتھ پاٹھی چھُکھ تم قبوٗل کران؟ ——
بہ چھُس گون گبوان۔

مگر تم ناوُورُسی، نامنسوٗب چیز،
ژٕ کتھ پاٹھی توٗ بیتہٕ تہٕ تگان تمن آلو کرُن؟ ——
بہ چھُس گون گبوان۔
ژٕ کتیٚگ حق پرچھہٕ بہر وُلس منز پتٕ اصل نٕنراونگ،

پرتھ مُکٹِس منز ؟ ——

بہٕ چھُس گوٚن گیوان ۔

تہٕ یہِ کتھ پأٹھی بنان زِتارُک تہٕ طوٗفان ہِوی ژھوٚپی کیٛو شوٗریدٕ چیز

چھِ ژٕنے زانان ؟ ——

تِکیازِ بہٕ چھُس گوٚن گیوان

—٥—

# کرسمس سٹوری

## کہانی کار:۔ ذکریا

## زبان: ملیالم

## ترجمہ: گلشن مجید

سدھارتھن تہٕ پاتھروز چھہٕ زِ یار یموٗ اکھ طوایف امینہٕ ہنٛنس ڈریس بیٹھ اٗنی۔ سدھارتھ سُمکھ اُمس بیشور زنانہِ الغابہٕ ہنٛنسے ڈالانس بیٹھ۔ یٚیتہِ سو نزدیکھے اُکس کمرس منز ہنٛنزٕ گراکھ موکلاوِتھ ووٚنی بے معنے پاٹھی گتھ دِوان اٗس۔

"مےٚ دِیو براندی تہٕ بریانی" تمہٕ وونکھ (بے خوف پاٹھی) ہنٛہ ژ رایہِ سدھارتھن ہنٛدِس بسترس منز۔ تہٕ ژادرِ ستیٚ ہنٛزٕ پان کلہٕ شورِ وٚلتھ کرٕن اٗچھ زٕ ہنٛد۔

سدھارتھن تہٕ پاتھروز رٚودی کیوٗنٛژ کالہ تس یتھے پاٹھۍ وٚچھان۔ یٚیلہِ ووٚنی پاتھروز براندی تہٕ کھین خورِ دلی اٗنہٕ دٕراو سدھارتھن تَج لوٚتی ژادر تھوٚد تہٕ وٚچھُن وارٕ تس کُن۔

کیوٗنٛژ کالی پتہٕ یٚیلہِ امینہٕ براندی تہٕ بریانی کھیتھ چیتھ موکلے یہِ سو ژ رایہِ بٚنیہِ بسترس منز تہٕ ووٚلُن ہنٛزٕ پان ژادرِ ستیٚ۔ سدھارتھن تہٕ پاتھروز بیٹھی اُمس تھلہِ تھلہِ وٚچھنہٕ ہنٛشہ مستی اوس تمن کلہٕ گیران۔ ہنٛنہٕ اۆنگجہِ ستیٚ ہلکہ ترک دِتھ بیٚزٕ ژھس پاتھروزن (بدلے چانسٕ) ژٕ آیہِ کھاوۆت خبر اینٛدراہ کرٕنہِ یاد چھُیا ژٕ اُنکھ اَسہِ دٕوہ یوٚر۔"

امینن پھیر کلہ دلیوارس کُن تہٕ لبس ۔ "سدھارتھن وٕون (ژن تہٕ پانس کُن) اُمی
چھہ اسی دوشوے مجراہ نیمتی ۔

امینن وٕونُکھ دلیوارس کُن بتھ پھِرتھے "مےٚ چھُنہٕ ژٕ تہینے کانہہ مجرا نیومُت مےٚ
گیہ ژٕ دوہ اکھ نیٚندرِ زوٚل تہٕ کرُنس ۔ تہٕ کیا ژٕ اَنو میانی غم تہٕ دوکھ ۔ ؟ مےٚ دِیو گوڈ اکھ نیٚندرِ
زوٚلاہ کرنہٕ تہٕ لبس"۔

"ٹھیک چھُہ ۔ اگر ژٕ بیٚژ تھٔجِ منٛز چھُکھ ۔ تیٚلہِ کرو اسی تہٕ (لوکن) فی الحال واپنہ ہنا"
سدھارتھن تہٕ پاتھروزن وٕونُس درجواب"

تمِ ژٕ ایہِ دوٚیمِس بسترس منٛز تہٕ شوٚنگی ۔ یٚیلہِ تمِ نیٚندرِ وٕتھی وق اوس ژٕ ریشام امینہٕ اُس
سدھارتھنس بسترس پیٹھ بہتھ زُلفن شانہٕ کران تہٕ کُس تام باتھ گِنگراوان ۔

پاتھروزن پُرژھس "کرِتھا نیٚندر لوٚرِ" مگر امینہٕ روٚژ بدستور پنُن باتھ گِنگراواں ۔
سدھارتھن دیُت تَنِس ۔ گِنگراسے کن ۔ سو اَس گیوان

نوٚرِ برژِ زوٗنہٕ گاشہ ۔ !
صندل مانٛز ہیتھ تھالس منٛز
جنگلی پوشک آر کوٚت دِل
چھُسے گاراں وَتن
(ہرنِکہ ژھالہِ نوان)
تہٕ ترژان

سدھارتھن گِنگرو ولیتے سوٗرے باتھ اَندری ۔ یہ اوس تسند ٹوٹھ باتھ ۔

ووٗنی یٚیلہِ ژٕن یموٚ منٛز اکھ نیٚبر کُنہٕ ورنڈاچہ کُرسی پیٹھ بیوٚٹھ ۔ بیاکھ روٗد اندر
امینس ستۍ اوٚر ۔ پتہٕ وارِ موکلاوتھ سید سدھارتھن سیٹھاہ دل ملول ۔ یٚیلہِ کال کھنگ
وق ووت پاتھروز دزاوینہٕ برٚیانی انِنہٕ ۔ امینہٕ یٚیلہِ کھیتھ چیتھ موکلے یہ ۔ سو بیٹھ کرسی

پیٹھ۔ کھورزٕ چارپایہٕ ڈُندس پیٹھ لُدتھ ژٕ (زنتہٕ پانس ستی) وننہٕ۔ بہ چھس نہٕ اکھ زول تہٕ کرٕتھ
ہیکان۔ توہہ تہٕ مایرٕہن میانی دٕ کھزاتی۔ اُکس پیشہٕ کرُن واجبہٕ زٕ بہٕ ہٕز۔ زندگی چھے کیاہ مے
کُن وُچھو۔ مے چھ رٔون تہٕ تہٕ بٔینہٕ زٕ شُری تہٕ۔ مے چھُ مول، موج بآے، بٔینہٕ، پتری، پیچینہٕ
تہٕ انگ آشناو ساری۔ مگر بہ چھس توتہٕ پیشہٕ کران۔ اَمیُک مطلب؟ ییلہٕ بہ توہہ ہٕز نٕش خبر کتہٕ پیٹھ
تہٕ خبر کیاہ ہٕز واٹس توہہ ہٕز ہے نا مے پرٕزٕھن زٕ میانہٕ یمہٕ موجود آو رٕ یک مطلب کیا چھُ۔
یُودوے بہ پیشہٕ واجبی آسہ ہا تہٕ تیلہٕ کیا آسہ ہا بہ؟ ۔ مے چھُنہٕ پانس تہٕ اَمیُک معنہٕ مطلب اُتھ
یوان بہ چھس کیا؟ بہ چھسا کوٗلے، کور، موج، بڈی بٔینہٕ، لوکٕٹ بٔینہٕ معشوق یا طوایف ۔ بہ
کیا چھس؟

سدھار تھنن دباوی بینو دٔ شوے اَتھو ستی ہکہٕ ہکہٕ اِمینہٕ کھور تہٕ ووٚنُس ژٕ کتراہ
سینہٕ چھکھ — اچھا! کیا چھے ژٕ ناو؟

”ژٕ چھکھا وونی میون ناو زانُن یٕژھان۔ میون ناو چھُ پیشہٕ کماون واجینی زنان۔
میانی کام چھے پیشہٕ کماون۔“ امینس لگی ہکہٕ تہٕ برسیس۔“ کیا؟ تہی چھوا وونی۔ یعنے وونی۔ میون
ناو زانُن یٕژھان۔ وُنی وُنی کسو ستی آسو دٔ شونگتھ؟“ تباہ حال ہوٚی وُتھس پور سدھار تھنن
تہٕ پاتھ روزٕ۔“ غلطی گے۔ معافی دِیو۔ اَسہ چھکھ ژٕ پسند۔ یُودوے ژٕ یژھکھ ژٕ ہیکھ اَز۔ پگاہ۔
ہمیشہٕ باپتھ تیتی رٔوزٕتھ۔ سانہٕ طرفہٕ واتی نہٕ کانہہ ایذا۔“

تیلہٕ لوٗزٕ و میانی کتھ گوڈ۔ میون عاشق ہکہٕ مے ژھاراں ژھاران پوٗری واتِتھ۔ میون
رٔون تہٕ ماواتہٕ۔ یتھے پاٹھی واتہٕ میون مول، میانی مآج بیترٕ تہٕ۔ تہی کیا سا کرو تیلہٕ؟۔ اگر تہی
تہند ڈسی پریشان چھو نہٕ یٕژھان گرٕ ھن۔ لوٗزٕ و۔

”میون رٔون چھُ شرابہٕ باپتھ زیادٕ کھو تہٕ زیاد پونسہٕ ژھاران۔ یہٕ تور مے واریاہ
کانٹی فکرٕ زٕنس چھے کتہٕ تاں رٕکھیل تہٕ۔ بہ شونجس تمن سارنے مردن ستی یم تمی گرٕ مے کتی اَنی۔
سُہ اوس پانہٕ ورنڈا ہس پیٹھ روزٕتھ فقط بیترٕی ٹھکان۔ یہٕ تہٕ اوس سُہ پونسہٕ گنزٕ راوان

تہٕ لِتھ تھاوان۔ اَمہِ پتہٕ اوس سُہ مےٚ تانَس تانَس اَتھ پھِروان تہٕ مشک ہوان۔ ووٚنی کیازِ آسہِ ہے نہٕ یہِ نصف راتھ تہِ۔ بہٕ اُسس پان موکلاوِتھ سران کران تہٕ پَنٕنین شُرٕین لۄ شونگان۔

ووٚنی گوو بہٕ اُسس وُنہٕ تہِ پَنٕنِس رٕنِس محبت کران۔ کیازِ؟ رٕنِ کیا گوو؟ بہٕ کیازِ چھُس پَنٕنِس رٕنِس محبت کران۔؟ یہِ چھا تَمہِ محبتُک اَکھ حصہٕ یا وہرادُیں مےٚ پَنٕنین شُرٕین ہُنٛد چھُ۔ یِم زَن مےٚ تٔمی دِتی۔ نتہٕ ماپنےٚ یہِ کُتھ زِ بہٕ چھُس تٔمِس یٔمہِ خیالہٕ محبت کران زِ سُہ تہِ اوس مےٚ اکہِ وقتہٕ محبت کران۔

پَتِلہِ بہٕ تہٕندِ بۄنسہٕ کُنٛز رٕنہٕ تہٕ پانَس مُشک ہیتہٕ ہتِ تنگ آیَس مےٚ لوٚب پَنُن عاشق۔ سُہ اوس لاری ڈرائیور۔ سُہ چھُ میانہِ باپتھ پرتھ شامَس برانڈی تہِ بریانی اَنان۔ سُہ چھُ میانین شُرٕین رَتی تماشہٕ تہٕ جان پلوٚانان۔ کُنہٕ وِزِ چھُ سُہ مےٚ گارِڈ مترِ پانَس لۄ پہناوان تہٕ ایم سی روڈک سائل کرناوان۔ سُہ چھُ مےٚ فلمہِ ہاوان۔ یہِ چھُ سُہ یَمی مےٚ گوڈنِکی پھِر (پرٕنہٕ پاٹھی) موٚنی کرٕ۔ یِی وَنان وَنان ڈٕرھ امینہٕ پَتہٕ جایہِ ییتھٕ اکے ووٚتہِ تھوٚد" بہٕ رٕوزِس پۄرٕ دۄہس توہہِ ستہِ۔ کائنہٕ کرٕوا مےٚ موٚنی۔ کائنہٕ وُچھوا میانی یِم زوٚٹھ تہِ۔ بہٕ چھُس موٚنی پرٕتھان۔ سدھارٕتھن تہٕ پاتھ روز رٕودی تس کُن شرمسار اَچھو وُچھان۔ مگر سدھارٕتھن سنبھول پتِ دم تہٕ ووٚنُنس۔" اَسہِ تہِ چھنہٕ از تام کانسہِ موٚنی کرٕمٕژ۔ ژٕ کر کھا اَسہِ موٚنی۔ برانڈی تہٕ بریانی انوٚ ی بیتہٕ"۔

امینہٕ آیہِ تیز تیز قدمو تمن کُن تہٕ کٔرِنکھ تالہِ موٚنہٕ۔" لوکٹن چھِ پیتھے پاٹھی موٚنی کران"۔ تَمہِ ووٚنُکھ۔

"مگر اُسی ما چھِ پیتی لوکٹ" پاتھ روز ووٚتھُس لۄر" اَسہِ مہٕ تار ییتھ پاٹھی ترٕےٚ کٔرِتھ اَسہِ پَتہٕ ماجہِ ہنزہٕ ہش موٚنیاہ"۔

"تیلہِ ووٚتوا توہہِ ابرٕ" امینن ووٚن تمن کُن لیوان لیوان تہٕ تہٕندی کلہٕ پَتہٕ

پھمب ہش یڈستۍ رٹِھ۔ ’’گوونا تُہنز وماجو چھےٚ توٚہۍ موٚنہٕ کرمژ۔ بہٕ تہٕ چھس تُہنز موج۔
بوزان چھو ہیٚنس لوکٹِس باے ہنز دلہٕ دُبرائے۔ ’’بوزِو۔‘‘ تمہِ رٹۍ تم جیریٚڈستۍ۔
دہ شتو یو کوٚڈ مُہن کلہٕ ہناتر ہرتھ۔ تُہند ینجہ منز تہٕ رُودی تسنز یڈ کُن مُدعٕ گنڈتھ وُچھان۔
یوسہ سارِ ہتہٕ بلوزِس درمیان ننگے اُس۔ تمِن باسیوو زِ تہٕ تمِو واقعی یہ دلہٕ دُبرائے بوزمژ اُس۔
اَمہِ ستۍ ووٚتھ تمِن زیادے وُلوٚدُر۔

یہ چھُ میانِس محبوب سُند نیچوٚ۔ امینن ووٚنُکھ ’’اُمی سُند ناو چھُ سدھارتھن۔
سدھارتھن کھیٚیہِ ترٛشھ وہ ٹھ زنہٕ یٚنٛن جسم ترٛاوِتھ ژلہِ ہے۔ پاتھ روزن ترٛزِصی
’’ژٕ ےٚ کتہٕ چھے خبر زِ یہ آسی ژٕ ےٚ نیچوٚے۔‘‘ یہ چھُ مےٚ اُندری کنہِ لَتہٕ کڈان۔ یہ چھُ آسان
ژِنیہٕ ژِنیہٕ کران۔ تہٕ یہ سوٗرے چھُ کرٛٹکے کران۔ وُلو بوزِو ابیٚیہِ اُمی ہنز دلہٕ دُبرارے۔
سدھارتھن تہٕ پاتھ روزِ وُتھی کھر یکہٕ ہتی بڈٕ بیٹھ تھوٚد تہٕ دوٚپنس نہٕ۔ نہٕ۔ ژٕ ےٚ کرٛتھ
یہ اَسہِ ستۍ تارٕن گرٕی‘‘۔

امینن پرٛژھکھ ’’مےٚ کوٚس تارٕن گرٕی کرُ۔‘‘

ژٕ ےٚ دوٚپنتھے نہٕ اَسہِ زٕ ژٕ چھکھ گوبہٕ کھوٚر‘‘

امینن ترووا اَسُن کھنگالہٕ۔ سو آیہِ دوران تمِن کُن تہٕ کرُنکھ ہُتھی لبن موٚنہٕ۔

’’اَمہِ ستۍ کوسہ فرق پیٚیوٚ توٚہۍ زِ یہ چھسا گوبہٕ کھوٚرکنہٕ نہٕ۔ تُہند کاروبار چھُ مےٚ ستۍ
نہٕ زِ میانِس یمِس نیچوِس ستۍ۔ اُمی بچارٕی کیا کوٚرُو توٚہۍ؟‘‘۔ امینہٕ روٗز تمِن یوٗرُ درتھ
اُچھن منز اُچھ ترٛاوِتھ وُچھان۔ تسنز ینہٕ اُچھ اَسہِ خوشی ستۍ زوتان۔ پاتھ روزن
ووٚنُس۔ ’’مےٚ چھُ باسان زنہٕ ینٛیہِ کانہہ ژورُم نفرت تہٕ چھُ کمرس منز موجود۔

سدھارتھن پرٛژھس ’’ژٕ ےٚ کیازِ کوٚرُتھ اَمِس میونے ناو‘‘

امینن کُملاوِی وُٹھ۔ بسترس منز اَژِتھ وُچھن بیٚیہِ کلہٕ شورژ ادر تہٕ ووٚنن
دلوارس کُن’’۔ تہِ چھوا میانِس یمِس نیچرس کھوژان۔ یہ چھُ میانِس محبوب سُند

پوٹر۔ دِلوٚ اَسہِ ماجہ پوٚتھرن شوٗنگنہٕ۔ سدھارتھن تہٕ پاتھروز درایہٕ منز راتھ نبر۔
ہتہٕ بیٹھ سمندر منز اندر آمژ اُکس آبی وَتہ بٹھس بیٹھ۔ تمہ رۄدی لوکٹن جہازن
ہنز لایٹہٕ وچھان یِم جھیلس منز اور یور ترٛان آسہٕ۔
تمو بوزِ زنتہٕ جہازن ہنز غمگین لَیہِ ۔ اَمہٕ پتہٕ بوز تمو گھنٹی ورنچہ تَھر۔ آوازٕ۔ پاتھروز
دِژ نَغمہٕ آواز۔

"سدھارتھن"

"آں۔"

از چھُ کرسمس

"پوٚز"

سدھارتھن وۄنُس۔ اُچھن اُپھنے منز سنہٕ راتھ سام ہوان یِیتہٕ زنتہٕ ہلکہ
وُنلِ منز دۄدگنگایہ سوٚت سوٚت زوتان تہٕ وران آسہٕ۔

" مقدس تمبکھ نار
عظیم خُدائے سنز
مقدس تمبکھ نارِ وایان
چھِ اُسی تازٕ پتہٕ واکی سٕے تعریف گیوان"

اَمہٕ پتہٕ وأتی یِم بیٚیہ بیٚنس ڈیرس بیٹھ۔ لوتی ترووُکھ بَر تہٕ امینس وزناوتہٕ وَرأے ژایہ
ژھوپہٕ ژھو یاوی پاٹھی دۄیمس بسترس منز تہٕ ترووُکھ زنتہٕ ہنگی لوٚتُل ہیوٚ۔ وَرتھوا چھو
ڈاف مگر تہندی کَن رۄدی لگاتار عجیب شور ہیوٚ بوزان۔ بعضے سنیکھ یتی دِلہٕ دُبرائے
تہٕ بعضے نزدیکھے پتہٕ ماجہ ہندس شکمس منز شوٗنگتھ شرٗی سنز۔ دِلہٕ دُبرارے۔ کیوٗ نزتہٕ کالا گرٛتھتھ
کھٔفیکھ زنتہٕ امینتی آوازٕ بوٗزتھ تھکھ بچھ ہش سو اُس نیندرِ منزے کیاہ تام وَنان۔
مگر امینٹوٚ کیف پرورتہٕ ترٛاوتھ بخشن والیو شہوٗلی تم جلدے۔

" اوٚہ گاڈ"! سِدھارتھن ووٚن لوٚتی۔ "ژٕ نے دوٚنتھ کیہنہ۔ پاتھر وزن

پرٛژھس "نہ۔ کہیں نہٕ" سِدھارتھن ووٚنُس یورٕ۔

تہٕ پیٚتہٕ زَانتہٕ للہٕ ناوِی تم پنٕنیٚ بیڈن منٛز بس منٛز تہٕ کرِن اَکِس بیٚنہٕ راتھ منٛز بیٚنہٕ بتر آتھ

پٕھٹھ بجن واجنہٕ ٹدرِ لیہٕ اُکس بے خواب تہٕ بے فکر نیٚندرِ حوالہٕ



کہانی کار : جیمز تھربر
زبان : انگریزی
ترجمہ : شاد رمضان

# شہزادی یۄسہٕ زوٗن اٚس منگان

دیان اکہِ دۄہہ اٚس سۄدرٕ بٹھس پیٹھ اکھ لۄکٹ موکٹ سلطنت یتہٕ اکھ لۄچ
شہزادی روزان اٚس۔ اٚمِس شہزادِ اوس لینورناوی یۄسہٕ یہے داہ کہہ ؤری ہِش وٲنسہِ
اٚس۔ اکہِ دۄہہ کھیتھ اَمہِ معصوم شہزادِ ہنا زٕرے بہن پیسٹری یَمہٕ ستۍ سۄ بیمار بیٚیہ۔
تس آو شاہی ڈاکٹرُ وُچھنہٕ تہٕ وُچھنس نبض نبض وُچھتھ وُچھنس تھِچھ تہٕ کڈناوِن
زبونہٕ رَسہ گو وَنا پریشان تہٕ سۄزِن پادشہس نادُس شہزادِ مول اوس۔
"یہ ژےٚ دِل منگی تہٕ اَنہٕ بہٕ چانہِ باپتھ۔" پادشہن پرٕژھ تس۔ "ژےٚ کُس چیز چھُے دِل منگان؟"
شہزادِ وۄن "مےٚ گژھہِ زوٗن۔ ہرگاہ مےٚ زوٗن اَنو، بہٕ بلہٕ تیلہِ۔"
پادشاہ ژاو شاہی کُٹھس منز تہٕ کرُن بل تہٕ اور ژاو شاہی مُنیم۔ یہ اوس دیوٹھ بۄڈ
تہٕ قداور موہنیوا تہٕ اُچھن اوس موٹ عانکھ لاگتھ، یَمہٕ منز تسنز اَچھ دہ گنہٕ بجہٕ باسان
آسہٕ۔ اَمہِ ستۍ اوس یہ شاہی مُنیم تَمہٕ کھوتہٕ دہ گنہٕ گاٹُل باسان، یوتاہ گاٹُل بیہ ژکہِ اوس۔
"بہٕ چھُس یژھان ژٕ دکھ شہزادِ کرِ زوٗن اَنتھ۔" پادشہن وۄن تس۔
"ہرگاہ تس کرتہٕ ژٕ زوٗن انتھ، کُس بلہِ دوٗد تہٕ گژھہِ بیہ ٹھیکھ۔ ژٕدِن تس
اُنزٕ راتہٕ منز زوٗن اَنتھ، زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ہیکہ۔"

شاہی مُنیم گوو گمہ سٔری، روٗمالہٕ ستۍ دِتُن ڈٔکس پھش تہٕ زورٕ سان نٔستہٕ شروٗن
کٔرِتھ ووٚنُن۔ "پادشاہ سلامت، مےٚ چھِ پتہٕ وقیہٕ چانہٕ باپتھ کم کم چیز اٚنی متۍ۔ اکھٕتے چھُم
تمن چیزن ہُند لِسٹ تہٕ ستۍ۔" "تمۍ کوڈ چند منز زیوٗٹھ کاغذ ورق۔" یِلہ جناب دِمہا بہٕ یتھ
لِسٹس نظر" تہٕ برٛیوڈ کٔرِتھ وُچھن کاغذ ورقس کُن" مےٚ اٚنی چانہٕ باپتھ ہٕسی دَند، واندر تہٕ
مور، یوٗقوت تہٕ زمرُود، کرٕہنی مُشک دار گُلی، گوٗلابی رنگٕ ہٕسی، نیلی ہوٗتی، بوٗ لبوٗس کٔرن والین جانوارن
ہنز زبو، فرشتن ہندی پٔر، گرٕ ہینگ ٹھگنہٕ موہنوی، مٔہو ہشنہٕ مچھ، دٔلو، جل پٔرِ یہ، عطر تہٕ
وٕیل گاڈٕ ہنز خوشبوٗدار دٔس۔ اکھٕتے چھُم اکھ پونڈ ٹھٔنی، زٕ درجن ٹھوٗل تہٕ اکھ ترووڈ کھٔنڈ تہٕ
اڈ نمت۔ حضور مےٚ گٔرِتھ معافی دِنی۔ یم چھِ یتھ لِسٹس پیٹھ میانہٕ زنانہٕ تٲری متۍ۔"

"کیہنہ پٔروٲے چھُنہٕ" پادشٲہن ووٚنُس۔ ۔ ۔ وُنی کیٛن گرٕ ٹھ مےٚ فقط زٕوٗن"

"زوٗن!" شاہی مُنیمن ووٚن" زوٗنہٕ ہُند چھُنہٕ سوالے۔ زوٗن چھےٚ پانژ ھ ساس
میل دوٗر تہٕ شہزادٕ ہند کُٹھ کھوٗتہٕ وارٕ ہ بڈ۔ سوٗ چھےٚ اکھٕتے ترامو۔ ووٚنی ہرگاہ تہند
ارشاد آسہ، بہٕ اٚنہٕ تہندِ باپتھ ریشمی جُرٛ وٲگی ہوٗتی مگر زوٗن یہٕ نہٕ میانہٕ ڈٕ یٲنہٕ۔"

بادشٲہس کھوٚت سخ شرارت تہٕ دوٚدینس کُٹھ منز نیرٕ نیرٕ تہٕ شاہی جودگر سوزِن یوٗرٕ۔
شاہی جودگر اوس زیوٗٹھ بُتھ کٔرِتھ، نیک نیک تہٕ زٲوُیل۔ کلس اٲسس تھٔر۔ تونٹ ٹوٗپی یتھ چانٕدِ
ہنز چوٚنہٕ جُربتھ آسہ۔ ناکِ اوسُس زیوٗٹھ چوغہٕ یتھ سوٗ نہٕ بندی راتہٕ ہ موغل مٔرِتھ اٲسی۔ تَس پھیر
لیٛدرٕ ٹھٔٹھ یِلہ تمۍ بوٗزٕ زِ پادشاہ چھُ ینہٕ معصوم شہزادٕ ہند باپتھ زوٗن ژھانڈان۔

"پادشاہ سلامت، مےٚ چھِ پتہٕ وقیہٕ چانہٕ باپتھ کم جود وٕ یی کارنامہٕ انجام دِتۍ متۍ۔"
شاہی جادوگرن ووٚن تَس۔" اکھٕتے جناب چھُم تمن سارِنے کارنامن ہُند لِسٹ وُنی کیٛن تہٕ
چندس منز ستۍ، یم کارنامہ مےٚ چانہٕ باپتھ انجام دِتۍ متۍ چھِ۔" تمۍ کوڈ لِسٹ تہٕ نظر ادتھ ووٚنُن۔
مےٚ چھِ چانہٕ باپتھ مُحومنز رٔتھ کوڈ مُت تہٕ رٔتس چھم مُجہٕ بناومت۔ مےٚ کٔڈی ریشمی ٹوپیو
تَلہٕ خرگوشن تہٕ خرگوشن بناوِ یم ریشمی ٹوپہٕ۔ نابوٗدٕ نِستہٕ کٔرِم بوٗشن، سارہٕ ہ کُکلہٕ

پاَدٕ تہٕ پوشو، سازٕ تہٕ کٔکلیو نشہِ ووٚپدووُم کیہنہٕ نہٕ۔ مےٚ بناوٕ ژےٚ کرٕ جادی لوٗرٕ تہٕ گول اَنہٕ
یتھ منز یِنہٕ وول کال دید مان یِوان چھُ۔ مےٚ بنووکینژن خاص زہرن ہُندم کب مُتھ
رٔتس نژن واجنہِ ڈاٰئہٕ، جن تہٕ دریٹھاک ژےٚ نش دوٗر روزن۔ مےٚ اَنی ژےٚ کتہِ
سُتھ لیگ بوٗٹھ، سو نہٕ چھہ (کیمیا یِمہِ ستیِ کانہہ تہِ چیز سون بنان چھُ) تہٕ سُہ چیز یُس
لاگنہٕ ستیِ انسان باقین بوزنے چھُنہٕ یِوان۔"

"اَتھ چیزس چھُ وونی جودوٗلی اثر موکلیومُت۔" بادشہن ووٚن تس "مےٚ
چھُ اَز تہِ چیزن ستیِ تتھے کُنہِ دٔکہِ لگان یتھ کُنہِ بروٚنہہ لگان اوسُم۔"

"اَتھ چیزس چھُ یِتے صُفت زِ یہِ لاگتھ یِمہٕ تہِ ژٕ کانسی بوزنہٕ۔" شاہی
جودگرن ووٚن تس۔ "امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز تہِ یہِ زِ ژےٚ لگی نہٕ چیزن ستیِ دٔکے۔" تمِ
دِتہٕ یِیہِ نینس لسٹس کُن نظر تہٕ ووٚنُن۔ مےٚ اَنی چانہِ موکھہٕ پرستانہٕ بیٚٹھہ ہینگ، سیکستان
چہ تمُس پرُی یِہ نش سکھ یوٗسہٕ سو شونگن وزشرن اُچھن چھکان چھنےٚ تہٕ سو ترٕلینٛہ سون۔
انچھتے اوٚنم پھمبہِ ڈلونگ اَکھ، ہشرنہِ ڈبہٕ اَکھ تہٕ مانچھ پھراَکھ تہٕ۔ مےٚ جناب گرژھہِ معاَفی
دِنی۔ یِم چیز اَسی مِیانہِ آشنہِ بیٚنہِ باپتھ منگناوِتہٕ موکھہٕ یتھ تُٹس بیٚٹھہ لیکھی متہِ۔

"اُونی کینس گرژھہِ مےٚ فقط زوٗن آسنہِ۔" پادشاہن ووٚنُس "میانی لوکٹہِ مِش
شہزادی چھےٚ زوٗن منگان۔ ہرگاہ تس زوٗن دِمو، سو بلہٕ تہٕ گرژھہِ دُبارٕ ٹھیکھ۔"

"کہنےٚ تہٕ ہیکہٕ نہٕ زوٗن اَنتھ۔ بادشاہ سلامت۔" شاہی جودگرن ووٚن پادشہس۔

"زوٗن چھےٚ ڈوڈ لچھ میل دوٗر تہٕ شاہی محلہٕ کھوتہٕ دہ گنہٕ بٔڈ۔"

بادشہس کھوٚت اَدکہ کھوتہٕ زیادے ہیٚن شرارتھ تہٕ سوٗزُن شاہی جودگر
بیٚنہ گوبھ منز واپس۔

امہٕ پتہٕ سوٗز پادشاہن شاہی حساب دانس ناد۔ تس اوس ٹٔنہٕ کلہٕ تہٕ نظر
اَسِس ہناموٗٹھُر۔ ٹٔنہٕ کلس اَسِس تنگ نہٕ چارِتھ ٹوٗپی دِتھ تہٕ بینسل اوٗسُس

کنو پٕتۍ کنۍ۔

"بہٕ چھس نہٕ تمن کامن ہُند لِسٹ وُچھن یا بوزُن یژھان یم کنُوہ شِتھ سٕتۍ بیٚٹھ ژٕے میانہٕ باپتھ کران ووتۍ۔" پادشہن وون تس "بہٕ چھُس وُنی کیٛن فقط تیۍ یژھان ژٕ شہزادٕ کرِتھ کنِھ کٔنۍ ہیکو اُسی زٕوٚن اُنِتھ۔"

"پادشاہ سلامت، بہٕ چھُس خوش ژٕ ژٕنے کورُتھ تمن سارِنے کامن ہُند ذکریم مےٚ کنُوہ شِتھ سٕتۍ بیٚٹھ جانہٕ موکھ کران ووت" شاہی حساب دانن وون۔

" اتفاقن چھُ مےٚ تمن چیزن ہُند لِسٹ چندس منز۔

"جانہٕ موکھ پیٚو وےٚ مےٚ تذبذب کیٛن دوٚن اندن ہند، دوٚ ہس تہٕ راژ ہُند تہٕ الف تہٕ ی اچھرن ہُند دوٗر بر سر کھرُ کرُن۔ مےٚ چھُ حساب کورمُت ژٕ تھ رکوتاہ تھوٚد چھُ، کُنہِ تِتھہِ دوٗر بر کوٚت دوٗر چھُ تہٕ گژٕ ریکتین کیاہ چھُ گدران۔ مےٚ کور سوٚد درہ سرِ بھیہ سند زِ بچھر دریافت، امُولک مول کوٚرُم سرِ تہٕ سمندری گرِی سُند راد تہٕ ہونہر۔ کورُم معلوم ہِ مےٚ چھُپےٚ ژترین تہٕ ترُوسن منز آسنہٕ وِزِ کتہٕ چھکھ ژٕ آسان۔ یہِ تہٕ چھُم خبر ژٕ ژٕنے کوتاہ چھے وٲحدس جمع بناوُنگ ضروٗرتھ آسان تہٕ سمندری نوٗنہٕ سٕتۍ کِتیاہ جانا وار ہیکہ نکھ ژٕ والہٕ واشہٕ لاگِتھ۔ ۱۸۷، ۷۹۶، ۱۳۲، ۲ اہر گہہ ژٕ یہِ زانُن یژھان آسکھ۔"

"تیۍ جانا ور چھِی نہٕ تہٕ تیۍ ژٕ گنزٕ ران چھکھ" پادشہن وون تس "بہر حال وُنی کیٛن پچھےٚ مےٚ زٕوٚن بکار۔"

"پادشاہ سلامت، زٕوٚن چھُنے ترٕے لچھ میل دوٗر" شاہی حسابدانن وون۔ "زٕوٚن چھُنے وڈٕ رہ بیہٕ ہندی پاکھٕ گول تہٕ ستر۔ سو چھُنے ایسبسٹس (ASBESTOS) تہٕ سائنس تِھ صف سلطنتس سوٗنب چھُنے بڈٕ تہٕ اکھتے چھُنے اسمانس ستۍ مرتھ۔ زٕوٚن ہیکہ نہٕ کھنِتھ اُنِتھ۔" پادشہس کھوٚت وارے خشم تہٕ کوٚڈُن شاہی حساب دان نہر۔ امہٕ پتہٕ سوٗزُن شاہی مسخرس ناد۔ سُہ ژٕ او لوٚڈی تہٕ ٹاکنی ہیتھ کمرس منز۔ وۄہٕ ٹلان تہٕ بیوٚٹھ

شاہی تختس بوٗنہٕ کنہٕ۔

"مےٚ لایق کیاہ حُکم چھُ بادشاہ سلامت؟"

"شہزادی لیٚنور چھےٚ زٕوٗن منگان" پادشہن ووٚن تس ہنا وۄد اَسی پاٹھی۔"سۄ بلہٕ تہٕ توٚتام یوٚتام نہٕ تس زٕوٗن آسہٕ، اَما پوٚز کانہہ تہٕ چھُنہٕ تمی سند باپتھ زٕوٗن اُنتھ دِوان۔ییٚلہِ تہٕ بہٕ کانٛسہٕ زٕوٗن منگان چھُس، سۄ چھےٚ یا تہٕ بڈان نہٕ تہٕ دٕوران۔ بہٕ چھُس زانتھ زِ ژٕ ہیکِکھ نہٕ میانہٕ باپتھ کہنی تہٕ کٔرِتھ، ژٕ گوو تارٕ تہٕ ہیکِکھ واتِتھ۔ کینژھا واے تہٕ دۄکھ ہوٚتے تہٕ دردناکھ۔"

"تم کیاہ چھِ زٕوٗنہٕ متعلق وَنان۔ تِہنٛدی کنہٕ کِتراہ بڈ تہٕ کاژاہ دٕور چھےٚ زٕوٗن۔" شاہی مسخرن پرژھ بادشہس۔

" شاہی مُنۄم سُندووُن چھُ زِ سۄ چھےٚ پانژ ترٕہ ساس میل دٕور تہٕ شہزادِ ہند کُھٹ کھوتہٕ بڈ۔ شاہی جودگرن ووٚن زِ سۄ چھےٚ ڈوڈ لچھ میل دٕور تہٕ محل خانٕ کھوتہٕ دۄگنہٕ بڈ تہٕ شاہی حساب دان اوس وَنان زِ سۄ چھےٚ ترٕہ لچھ میل دٕور تہٕ نصف سلطنتس سۄنب چھےٚ بڈ۔" پادشہن ووٚن شاہی مسخرس کُن۔

شاہی مسخرن ولےٚ رٕژھ کھنجٕ تار۔ "تم ساری چھِ دانانہٕ کاٹلِ۔ تِہنٛد وَنُن آسہِ پوز۔ ہرگاہ تِہنٛد وَنُن پوز آسہِ تیلہٕ گرٔژھہِ زٕوٗن تیٚتراہ بڈ آسٕنۍ یوٚتاہ تم سوچان چھِ۔" شاہی مسخرن ووٚن۔

"ۄوٗن گوو سوال چھُ یہِ زِ شہزادِ ہند سۄنچہٕ مُطابق کِتراہ بڈ تہٕ کِتراہ دٕور چھےٚ زٕوٗن۔"

"مےٚ نےٚ اوٚرکُن زانہہ ظوٗنے گوو۔" پادشہن ووٚن شاہی مسخرس کُن۔

"بادشاہ سلامت، تیلہٕ گرٔژھہ بہٕ تہٕ پرٕژھ شہزادِ۔"

شہزادی گیہ شاہی مسخرس وُچھتھ خوش۔ اَما پوز تس آس مُژھس لید رٕژھھ پھیرمٕژ تہٕ آواز اُسس بیگریمٕژ ہِش۔

"ژےٚ اُنِتھا مےٚ کرٕ زٕوٗن؟" تمہِ پرٕژھ شاہی مسخرس۔

"وُنہٕ اَنِم نہٕ" تمہِ وۄن تس۔ اَما پوز یہِ دِم نے ژٕ یٚ وُنی زۄن اَنِتھ مگر چانٛی
کٔنی کاژاہ بٔڑ چھےٚ زۄن"۔

"میانہٕ نِنِتھ کٔرِ تہٕ کھوتہٕ لوکٹ" تَمہِ وۄن۔ "یٚلہِ بہٕ یٔنِیہٕ نِنِتھ نَم زۄنہِ کُن رٔٹان چھس،
زۄن چھےٚ تتھ ژھایہِ گرٛتھان"۔

"تہٕ دۄر کٔژاہ چھےٚ" شاہی مسخرن پرٛژھ تس۔ یُس چھجل تہٕ تھوٚد کُل میانہٕ دارِ تَل چھُ،
تمہِ کھوتہٕ تھٔز، چھِنہٕ کینہہ"۔ شہزادو وۄن تس۔ سۄ چھےٚ کُنہٕ اَمہِ یٔچھجل کُلہِ چِن زِھیٚن لنجن کُن
پھسان"۔

"از راتھ کیٚتُ یٚلہِ سو یَمن لنجن منز پھسہِ، بہٕ کھسہ اَتھ کُلس تہٕ اَنہٕ ژٕ یٚ کٔرِ ژالِتھ"۔
شاہی مسخرن وۄن تس۔ تس آو بیٚیہ کیاہتام خیال تہٕ پرٛژھن شہزادِ "یہِ زۄن کٔمِ چھےٚ"۔

"ہے چاریا! یہِ چھےٚ سونہٕ سنز"۔

"شاہی مسخ گوو شاہی سونرس تہٕ دۄپنَس ز شہزادِ ہند نِنِتھ کٔرِ تمہِ کھوتہٕ لوکٹ ہیٚن
بناو ژاکھ گول زۄن۔ یہِ تہٕ تراوِ زٕ بن سونہٕ سنز مالہِ الوند تِھیٚتھ شہزادی اَتھ ناٲلی تراوِتھ
ہیٚکہِ"۔

یٚلہِ سونرِ زۄن بناوِتھ موکلاو۔ تمہِ پرٛژھ شاہی مسخرس "اما مےٚ کیاہ بنودیہ؟"

"ژٕ یٚ بناوِتھ زۄن سۄہے چھےٚ پانژھ لچھ میل دۄر۔ سۄے چھےٚ سرِ تلہِ ہنزِ تہٕ ٹینکہٕ
پھلکی پاٹھی گول"۔

"یہِ چھکھ ژٕ سوچان"۔ اَکھس کینژھ زۄن رٔٹِتھ نیران نیراں وۄن شاہی مسخرن
سونرس کُن۔

شاہی مسخرن دِژ شہزادِ زۄن تہٕ سۄ گیہ سیٚٹھے خوش۔

بیگاہ کیٚتُ اَکس سو بلےٚ ۂش۔ سۄ وۄزِتھ تھوٚد تہٕ دٔرایہِ باغس منز۔ گندنہٕ مگر بادشاہ
اوس زانِتھ ز اَز کاتِچن کھسہِ آسمانس پٹھ بیٚیہِ زۄن تہٕ ہر گہہ شہزادِ وۄچھ، تس لگیہ

زیوٚہ زٕوٕن سوٚن تہٕ ہنٛز مالہ الوند تس ہٹس ناؤلی ترآو تہٕ چھے سو چھنہٕ اصلی زٕوٕن ۔ امہ کنہٕ
وۄنُن تمہ شاہی مُنیمس "ازٕ راتھ کیٚنٛت گرٛٹھہٕ تہٕ شہزادی آسمانس بیٚٹھ کھسن واجینہٕ اصلی
زٕوٕنہٕ وۄچھنہٕ ۔" امہ متعلق سوچ کینژھا ۔" اوٚنگجوٚ سیتہٕ ییٚن ڈیکہ موٚران وۄنُن شاہی
مُنیمن "پادشاہ سلامت ! امہ پٮ۪ٹھ شہزادِ کرٕہن شیٖشہ وول عانٛجھ لاگن ۔"
یہ بوٗزتھ کھوٚت پادشاہس زٕرہ تہٕ ہُتس کُن وۄنُن ۔ "ہرگاہ تس کرٕہن شیٖشہ وول
عانٛجھ لاگو ، تس لگہٕ چیزن کُن دکہٕ تہٕ یینہٕ توٚسہ بمار ۔"
امہ پتہٕ دیُت پادشاہن شاہی جوٚدگرس نادٕ یمہ گوڈ پینہٕ اتھ زمینس کُن ڈکھاوِ
تہٕ کرن زنگہٕ آسمانس کُن ، پتہٕ گو وکلس پیٚٹھ کھراتہٕ چھیکرس بیوٚٹھ کھورن پیٚٹھ وودنہٕ ۔
"پادشاہ سلامت ! مےٚ چھےٚ خبر زٕ امہ کیاہ چھُ کرُن ۔" تمہ وۄنُن "اُسی لاگو تھمبن
کُن کرٕہتہٕ مخملی پردٕ تہٕ سرکس خیمکی پاٹھی ولہوکھ محل خانگی ساری باغ ۔"
پادشاہس کھوٚت وارے خیٚنم تہٕ تروایان وایان وۄنُن شاہی جوٚدگرس کُن ۔
"کرٕہتہٕ مخملی پردٕ لاگہٕ سیتہٕ گرٛٹھہٕ ہوا بند تہٕ شہزادی گرٛٹھہٕ بیٚیہ بمار ۔
شاہی حساب دان چھُ کمرس گتھ کران ۔ گوڈ گول گول تہٕ پتہٕ ژکو نجل آیہ
تہٕ پتہٕ ٹھہریوو ۔ "مےٚ ژیون زٕ اسی کیاہ کرو ۔" تمہ وۄنُن "اسی آسو پرتھ راتھ آتش بازی
ہند زول کران ۔ اسی بناوو چاند ہندی فوارہ تہٕ سوٚن تہٕ ہندی آبشار" یتھے تمہ یلہ تراو نہٕ ین ۔
تمہ پرٕ زٕلن تہٕ کرن آسمانس گاشہ زول ۔ امہ سیتہٕ باسہ دُل تہٕ شہزادِ بیٚیہ زٕوٕن بوزنے ۔"
پادشاہس کھوٚت یہ بوٗزتھ زبردس ژکھ تہٕ چھُ شاہی تختہ پیٚٹھ ہیرپون کران "آتش
بازی تھوٚ شہزادِ ہُشیارے ۔" تمہ وۄنُن شاہی حساب دانس کُن "سوٚ گرٛٹھہٕ توٚسہ بیرام ۔"
تمہ دیُت شاہی حساب دانس ہیرپیر نک حُکم ۔
تمہ دژ دارکنہٕ نظر تہٕ ہیریکنہٕ اوس انہٕ گوٹ گومت تہٕ زٕوٕنہٕ اوس نہٕ ڈنٛدس
پیٚٹھ پینن پرٕ زٕوٕن موکھ نون کوڈمُت ۔ تمہ کھیٚیہ ووٚٹھ تہٕ کوٚرن شاہی مسخرس

آو "کینژ ھا بوزناو تہٕ دردناکھ تہٕ دوٕکھل"۔ پادشہن وۄن "یێلہٕ شہزادی زۄن وُچھ سو گرٛژھ بیمار"۔

شاہی مسخرن واے تار تہٕ پرٛژھن پادشہس "تمۄ چانہٕ گاٹلیو کیاہ وۄن؟

"تم ہیکن نہٕ کُنی طریقہٕ زۄنہٕ کھٹتھ تھوتھ تہٕ شہزادِ بہرام گرژھنہٕ نشہٕ بچاوِتھ"

شاہی مسخرن گیو ولو ژٕ آوازِ منز بیاکھ باتھ "یێلہٕ نہٕ چانی گاٹلی لوکھ زۄن ژُورِ تھوتھ ہیکن یێلہٕ چھنہٕ یہ ممکن"۔ شاہی مسخرن وۄن "ۄں گو وۄنی تمام وَنیو زٕ زۄن کتھ کُنی ہیکہ ہون اُنتھ؟ آ ۔۔ یہ ونیو شہزادِ ۔ امیک مطلب گو زِ شہزادی چھے چانٕن گاٹلین ہند کھوتہٕ زیادٕ گاٹج تہٕ سو چھے زۄنہٕ متعلق تہند کھوتہٕ ژُورٕ زانان ۔ تۄ کنی پرٛژھ بہٕ تس" امہٕ برونٹھ زِ پادشاہ ٹھہراوِ تس ژٕ دراو لوٚت پاٹھی شاہی دربارٕ منز تہٕ کھوٚت سنگِ مرمرچہ ہیرٕ و بیٹھ تہٕ ژاو شہزادِ ہندس بڈ کُٹس منز ۔

شہزادی آس بسترس منز، امہ پوٚز آچھ مُژراوِتھ بلکل ہُشیار۔ سو آس اسمانس پیٹھ پرزلوٚنہ زۄنہٕ مُدے گنڈٕتھ تہٕ اتھس منز آسس سو زۄن یُس شاہی مسخرن تمس کرٕنس سونرس نرتش اُنی ہزٕ آسس ۔ یہ وُچھتھ گو وسہ سخ خُداسی تہٕ تہنزن اچھن منز اوس ادٕش ییران ۔

تمی پرٛژھ سٹھے خُداسی پاٹھی شہزادِ ۔ "ژٕ وۄن مے اسمانس پیٹھ کتھ آسہٕ زۄن تابان یێلہٕ زن سو سوٚنہٕ ہنز مالہ منز ژٕے الوند ہٹس ناکی ترٛاوِتھ چھے"۔

شہزادترووتس کُن وُچھتھ اسُن یہ چار یا.... ہیے سہل چھ" تمہٕ وۄن تس "یێلہٕ مے دَندنیران چھُ، تتن چھ نوٚو دندیوان، چھُنا یوان؟ تہٕ یێلہٕ شاہی باغوان پوشہٕ ڈوٚرِ لو منز پوش ژٹان چھُ، تمن جاین چھ نوٚی پوش پھولان"۔

"مے پرٕ ہے اتھ متعلق سوچن۔ ڈہلی گاشس ستی تہٕ چھپی سپدان"۔ شاہی مسخرن وۄن تس ۔

"تہٕ یِی چھُ زٕوُنہٕ ستۍ تہٕ سپدان. شہزادِ ووٚن تَس کُن "تہٕ میانۍ کنۍ چھُ پرتھ کُنہٕ
چیزس ستۍ یِی سپدان".

تسنہٕ. آواز گیہٕ وارہٕ وارہٕ سوتان تہٕ ژھوکان تہٕ اُچھ لجَس گو بنہٕ ہش. شاہی مسخن
زون زِ تَس پیَیہٕ نیندرِ تہٕ ترٛاونس لوتہٕ لوتہٕ کَمل پیٹھ.

اَما پوٚز شہزادِ ہند بڈ رٕومہٕ منز نیرتہٕ بروٚنٹھ گو وُسہٕ دارِنش تہٕ کرُن زٕونہٕ
اُچھ ناٹھ تہٕ شاہی مسخرس باسیو زِ زٕونہٕ تہٕ کرِ تَس تورٕ اُچھ ناٹھ.






کہانی کار: شو، کے، کمار
زبان: انگریزی
ترجمہ: مجروح رشید

یتھے تمہِ اسمانی رنگہٕ عطر مُتھِتھ سۄ لفافہٕ زٲٹہٕ خاطر کاغذ تراش اَتھس منز تُل یَتھ کھوورس کوٗنس بیٹھ غنچہٕ دار شنگرٕ نی گوٗلاب نصب کٔرِتھ اوس، تمہِ سندِ سوٚترِ ڈیکہٕ چِن کینژن گیٚنٛژن منز ووٚتھ تلیو کرب ناکھ اشتیاق۔ گوڈنچَن سطرن نظر تراونہٕ ووٚتھ شلیو تمِسُند سُتھ شدید ملالہٕ ستہٕ۔

"یہ کرِتھ شیطانی بدتمیزی" تمہِ ووٚن پانَس ستہٕ

سِسٹر جیسیمینا
ہیڈ مسٹرس
جیہسس پرائمری سکوٗل
گنڈائیلی۔

مےٚ چھیٚنہٕ خبر زِ مےٚ پرِ یاژے بَنہٕ دِلچ کتھ وَنٕز، خاصکر ینتھ تمہِ ساعتہٕ ییٚلہِ مےٚ گمنام، ازوٗن تہٕ کھٹِتھ پرِ زِ روزن۔ یَتان چھہ زَ یتھ کُنی ہیکہٕ بہ چانِن نظرن منز دوٚگنہٕ گوناہ گار بنِتھ ــــــ تمِس انسان ہندی یا ٹھِیُس زیٖرا کراسنگ پیٹھ شرابس منز مَس اَتھ تمِس شرٕس گاڑی پیٹھ چھُ کھالان یُس نہٕ کہیں ستہٕ آسہٕ تہٕ یُتہٕ تمُچھ واریٚداتچہٕ جاےِ پیٹھ ژلان۔ مگر ژےٚ چھےٚ مسیحن انسانی دوٚکھن تہٕ دادِن ہند مقدس ادراک عطا کوٚرمُت تہٕ یہ کری ژےٚ پرٕزی میانِس شدید رۄحانی کربس منز شریک سیٚدنس منز مدد۔

سسرٕ مےٚ چھ چون لول ۔ یم لفظ واتناونے ضرور ژےٚ اذا تہٕ یم چھِنا
بیٚنہٕ ستیٚ شونگنس تہٕ کفرس برابر ۔ تہٕ کرٕ تھٕ تہٕ ہیکہٕ تہٕ بہٕ پھٕ ہیتھ ۔ ممکن چھ یہٕ آسہٕ
میون اندریم شیطان ۔ بہٕ چھس برونٛہہ جہنمس منز دزان تہٕ میانی بےٚ شرمی چھےٚ
ہا بتھ ناکھ ۔ میون گوناہ چھ سنگین تہٕ میانی دگ چھےٚ ناقابلِ برداشت ۔ مگر ژےٚ ورأے
چھُنہٕ بیٚیہٕ کہیں یمِس کنُ بہٕ بھیرتہٕ یِس مےٚ پیٹھ عار یِیہٕ ۔
یہٕ سپُد اتھ سٕتی ہفتہٕ تہن ۔ سالانہٕ تقریب برونٛہہ اکھ دوہ ۔ ییلہ بہٕ بیٚنہٕ کوٗر آخری
ریہرسل باپتھ سکوٗل نِراونہٕ آسس ۔ ژٕ آسکھ تمہ ساعتہٕ تریشمہ جماژہ ہندین شرین
OH MY DARLING CLEMENTINE گروپ سانگ گیونہٕ خاطرٕ
ہدایات دِوان ۔ مےٚ وُچھمکھ ژٕ پیانوس پیٹھ بیہتھ ۔ ژٕ آسکھ ہیر بونٕ کوٗرٕ سفید ریشمہٕ
منز ولیتھ ۔ چانہٕ آبنوسی مستک یم روشن ژندراوس پردس تل آسہٕ باوجود تہٕ بوزنہٕ یوان
تہٕ لفظ آسی چانو نوزکھ وُٹھو وزان وزان نیران ۔ بہٕ کیاہ دٕنے یہٕ اوس اکھ ملکوٗتی
منظر زنتہٕ فرینک کیسزن "HORMONY" ۔ فرق آس یتھٕ ژےٚ زیتھ منظرس منز اوس
مداح ژٕ وری مہٕ لاٛتہٕ منز ۔ دوٚیمین مالین ماجن ستیٚ انزان پاٹھی ووہ دتہٕ ۔ میانی تخیلن
دیتنے ژےٚ یوقوتی ڈکہ ڈکہ ، الماسکی کری تہٕ خوشگوار رہتہٕ کالی ژہ دا یمہ زونہٕ ہشرٕ
سوہٕ کنہٕ واجہٕ ۔ ژٕ آسکھ یاونٕچ حسنٕچ وقارٕچ تہٕ شوزرٕچ مجسمہ ۔ مےٚ چھ آرکس
مکارتہٕ بدمزا زنانہٕ ستیٚ خاندر کوٗرمُت تہٕ یمن چیزن منز کمی چھم کمس پاٹھی محسوس
کرمژٕ تہٕ ووہٕ نی چھکھ ژٕ میانہٕ خاطرٕ کرسمس تارکٕچ پاٹھی طلوع سپزمژ ۔
بہٕ چھسکھ ژٕ پربتھ صبحس سکوٗل پریر وقتہٕ وُچھان ۔ ژٕ چھکھ ژٕ ریزی ینہٕ والین
شُرین نرمی سان گرمنز کران ییلہ بہٕ لوتی تہٕ بےٚ خدشہٕ پاٹھی باقی مالین ماجن ستیٚ ووہٕ نی
چھس آسان ۔ میانی کوٗر چھےٚ ہمیشہ نو بجے برونٛہہ سکوٗل واتان ۔ یتھ کنی چھ مےٚ
چانہٕ خاطرٕ زیادٕ وقت میلان ۔ چون اکھ دیدار چھ میانہٕ باپتھ دفترٕچ شدید محنت

خوشگوار پاٹھی وُہ ترانہٕ خاطرٕ کافی۔"

چِٹھی پٔرتھ گیہ مِسٹر جیمیناہے بنگہ۔ تمہِ سُند گوڈنیک ردِعمل اوس
شدید شرارتھ ـــــ اکھ تیتھ جذبہٕ یُس تمہِ سندِ خاطرٕ تقریباً ازون اوس۔ تس اُس
زٕ تہٕ کائنہٕ بےٚ حُرمتی کرٕ مُژ۔ ییٚمی شیطان صفت مالی کیا زٕ اُس سوے امہٕ دکھتہٕ ساوٕ
خاطرٕ زار مُژ۔ اَکس اوسو حال ژھٕنہٕ باپارٕ ی سِنز۔ کوٗر اُستھ اوس تمہٕ صرف ترٚنے ڈٔری
برٕ دہ ہنہ وُہ ڈٔری شنہ بُنٕ پان رضاکارانہٕ طور مسیحس تہٕ انسانیتس آیِن تھاوِتھ دُنیا
ترک کو رمُت تہٕ ظالم دُنیا دوریوس یورتہٕ یتے۔ تمہِ سُندِ بن زیٹھِبن تہٕ کرٕ ینہن اچھر واتن
تلہٕ کنہٕ اوس کیاہ تام سرٕ ینہٕ ہیوٗ پان۔ سوٗ اُس کنٕی زٕ نی دفترس منز کوٹھِبن بیٹھ بہتھ
غیبی مدد یا پتھ دُعاکران یُتھ سوٗ ییٚنس شاطرٕ دُشمن سُند مقابلہٕ ہیکہ کرِتھ۔ سُہ دشمن یُس
زاگہ روٗزِتھ تمس حملہٕ کرنٕچ کوشش اوس کران۔

دوٚیمہ دہہ صُبحس کوٗر تمہٕ اضطرادی تہٕ تھانتھریمژ آوازِ منز خطاب۔ تہٕ یہ اوس وُنیکتام
موخصرترین تقریر۔

"ناپھٹھو گوٗبرٕ و زٕ نہتے گرتھ نہٕ شونگنہٕ برٕ دہ ہنہ دُعاکرُن منٛز اوٗن دُعاچھ شکی
تہٕ پرپتھ بدی ہنٛد مقابلہٕ کرنُک بوڈ ہتھیار۔"

پیٚتہٕ وُچھ تمہٕ ظاہرن گیٹس کُن ژٕ ری ینہٕ والین شرِن تبتھہ کرٕنمہٕ غرضہٕ۔ مگر
وُنی کین ترٕ اوٚی تمہٕ تمہِ سرسری روباکرِتھ۔ پیٚتہٕ کھٔرتہٕ سوٗ پیٹر بیٹھ ہتہ بے شونکی پاٹھی اُس
کتام گاران ـــــ ییٚنس پُرٕ اسرار دشمن سُند کانہہ پے گدٕن یِٹھان۔ مگر سُہ
پرٕ زناونس اُس نہٕ کانہہ وَتھ۔ مالین ماجن ہنٛز اکھ جھوکھاہ اُس وُنہٕ لبس سٹالس
نکھہٕ رُکتھ۔ ٹریفک اوس بے واہہ ـــــ ٹرکہٕ، دوٗ دٕ گاڈٕ، سکوٗٹر سائیکل تہٕ
رکشہ۔

تمہِ ہندِس اَتھن ییٚتس کالس ووٗدتہٕ روزنس منز ژٕیوٗن گیٹ کِن

دۄہ شوٗنی طرفن ہندیو چھاپر یوٗزِ کیاہ تام دلیل چھنے ۔ چھوٚت مَس کرِتھ دَنٛدو رۄستے
بُجہِ یوٚسہٕ کاغذ پوٗرن منٛز بُزی متیٚ موٗنگہٕ پھلیہِ کنان اَس کرِتس وُوٚٹھ کُملاوِتھ سلام زٕھنیٚمِتی
پَلوٗلاۓ کیٚتھ نوجوان مِٹھایہِ وول یِمی بل کُمن، چِک لیٚٹن، چاک لیٚٹ بارن تہٕ لمَن ڈراین
ہُندِ بےٚ ترتیب اَنبار وگوس پیٹھ وَہرِ وُمت اوس وۄتھ تقریباً تھوٚدِ زنہ ٹلکانہٕ تعظیم
اوٗسُس کرُن ۔ کمپاسَن ، سکیلن ، پینسلن شارپ نرن تہٕ شراکچن ہندِس اَنبارس
منٛز باگ لگِر ہندِس ٹوٗلس پیٹھ بہِتھ داغی دۄتی لاۓ کیٚتھ اُنی تام ژٕیوٗن زٕ ژٕوٚپاری اوس
حارِتھ ٹارِ سیٚدان ۔

دۄیِمہِ دۄہہ صُبحکِس ڈاکَس منٛز آس بیاکھ چِٹھ ۔ تیٚتھے مُشک ژٕھٹہِ وُون
آسمانی رنٛگہٕ لفافہٕ ۔ مگر اَزِچ چِٹھ آس سکوٗل نوٹ بُک منٛز ژٕٹہٕ آمتِس رول دار کاغذ
ورقس پیٹھ لارِ لارِ منٛز لیٚکھنہٕ آمٕژ ۔ "یہ آسہٕ تمی سنٛز کورِ ہندِ نوٹ بُک منٛز کڈنہٕ آمٕژ ؟"
یِتھے تمہٕ لفافہٕ منٛز رۄو تمی سندِ ہِن اَتھن وُزھ تھَرلے ۔

"آ ——— مےٚ تہٕ کریوو راتھ دُعا ۔ شاید گوڈنکہِ پھِر پنٛنِس "شیطانس" بُتھ
لگنہٕ خاطرٕ یَس چوٗن ہاوس چھُ ۔ مگر تیٚتھ دراونہٕ کانہہ ترٕ ۔ یُتہٕ کرلو وٕ مےٚ ژٕنے کُن
رجوٗع یِتھ ژٕ مےٚ معاف کرِہا کھ ۔ بہٕ چھُس زانان زِ مےٚ واتنو وٕ ژٕے آزار ۔
یِتھے ژٕ از صُبحَس مےٚ ژٕھانڈنہٕ موکھ ژٕوٚپاری نظر آسکھ دِوان چانہٕ تِھچُک
سُہ خوفٕ ہوٚت منظر اوس شکار سیٚز مٕنٛز رٕوٚسی کٕچہٕ ہُند یاد پاوان ۔ اَکھتے آسے
شرارتہٕ سٟتی چشمہٕ زوتان تہٕ زیادٕ خوبصورت آسکھ باسان ۔ مگر بہٕ اوسُس تمی کی
وانَس ژٕھایہِ کوچہٕ گلس اَندی نِکھی ژٕوٚرِ ۔ مےٚ پزِ دۄیِمہِ موقعہٕ باپتھ کنہٕ بدل مناسب
جایہِ ہُند انتخاب کرُن ۔

مگر میانی ٹاٹھی ژٕ مہٕ گرزھ پریشان ۔ میون غرض چھُنہٕ ژٕے کانہہ
دۄکھ واتناوُن ۔ مےٚ چھُ فقط چوٗن سرٕ نیہہ ۔ بہٕ کرٕ بیٚیہِ کنہٕ ساعتہٕ بیٚیہِ دُعا تہٕ

خدایس منگہ فقط چانہ باپتھ سکون۔ ممکن چھ زِ اتھ نیرِ رُت تاثیر۔ شاید پزی
زینتہ میانہ باپتھ دُعا کرُن تیتھ اُسی مسیح ہند پاسہ اکھ اکس سمجھتھ ہکو۔

## خدا کری نے رُت

یہ اوس ووہنی تمی سند برداشتہ نبر۔ تمس باسیو وپان پنہ پنہ گرٔٹھان۔ چھٹی
اس گمژ، سو بیٹھ ووہنی بینس دفترس منز۔ سکونس اوس ژھوپہ نال وژلمت یتھ منزی
منزی کنہ سکوٹرچ کھروہنی آواز یا ٹریفک لایٹن ہندس اشارس پیٹھ کنہ تیز رفتار ٹرکہ
ہند اچانک گنج آواز ترٔتھ اس گرٔٹھان۔ باغوانن اوس سکول آنگنس منز برو ہنہ لانن
تہ بوشہ چمنن آب دین ہیوتمت۔ آبہ چھکھ آسہ ژو وایاری شرِ نہ وایان۔
شرارتہ ستی دزان دژھ سو دارِ کنی نظر دِنہ موکھ ھتودٔ۔ تمس بییہ شیشہ پٹس
پیٹھ نظر پیمو وارڈروبکہ اٰنہی باتھی تمی سندس عکسس تصدیق کورٔ۔ پرٔدس ژھایہ تمی سند پریشان
متسگ کوکل، تمی سنز۔ ووہنی گردن، تمی سند وچھ ووہنیار تہ تمی سنزن ونجین اچھن منز
تذبذب اوس ٹاکار۔

بلایہ یتھ پانس! منے چھنے خبر زِ بہ چھس از نا ایشہ منز۔ تمہ راژ عباد تس
دوران کرٔ تمس زِ نہ شیطانن گا نکل تہ لاجن کفرس کُن۔ تس آو زِ نہ الہام تہ
وچھان وچھان کورن فیصلہ زِ سو گژھ توبہ چہ جایہ (کنفیشنل) تہ خدایس سنز مرضی
پتراویان بییہ ژھانڈ امہ ادلیہ منز نیرنچ کانہہ وتھ۔

دوییمہ دوہ صبحس گیہ سو سینٹ پیٹرس چہ روڈ سٹرکہ اپار نظر۔ یتھ دور دراز قصبس
منز چھ یہ سد آیمہ صدی ہند اکھ پرتگالی گرجہ لیس اوکین یورپی آبادکار وتعمیر اوس
کورمت۔ یہ آسہ ہے مدراسہ پیٹھ یو ہے شیتھ کلومیٹر ہیو دور۔ یہ دیوقامت
گاتھی (GOTHIC) عمارتھ اس سنگ سیاہچ تہ امہ چہن سیٹھے کجن شیشہ دارن

بیٹھ آسہٕ ( MODONNA ) مختلف صوٗرژن منز عبادت کران منقش کرنہٕ آمژٕ۔ اَمِکی
پینار آسی زَنہٕ آسمانس ستۍ اعتمادٕ سان کتھ کران۔

سو درایہ یکدم اَکِس سوٗری تھمبس اَندی تہٕ توبہ چہ جایہ اندر اَژِتھ ڈٲج نظر۔ پردس
نِکھ گژھتھ کوٚر تمہٕ مکمل خلوتھ محسوس۔ توٚبہٕ ژھوٚٹن ڈُکہ غبار۔

" گوٚبرا ژٕ کیازِ چھکھ اَکِس دیوانہٕ سنز وچھبوستۍ پیٹھ دِل برداش"۔

پردس ژھایہ پَرژھ اَکِ حلیم تہٕ گوبہٕ آوازٕ۔

" مگر فادر بہٕ چھس پَزی کھوژان مےٚ چھ بدنظر وچھنہٕ آمُت"۔

"کیازِ! دِکھیم چھٹہ دٲرِتھ۔ مسیح سنز وَتہٕ تھاوِتھ بنِ فرض ادا کرُن جٲری"۔

" میانہٕ خاطرٕ چھ مشراوُن محال"۔

"کیاہ"

"تم کتھ یم تمۍ پیٚچھ منزٕ پہ چھےٚ"۔

"کم کتھ"

وونی اوس پادری سُند لہجہ ہنا ژھوکیومُت۔

"میانِس بدنٕس متعلق تمۍ سُند اشارٕ ہٕ ______"

سسٹر جیسمینا یہٕ ہتزٕ آواز اَس ووٚنی وارٕ وارٕ پھسرائےمٕژ یمٕ تہٕ تس
لگی وَدَن ہکی۔

"گوٚبرا مَسا وَد وَنان گژھ"

پادری اوس یوہے حارتن آوُرمُت۔ تمۍ لوگ پردس نکھ یتھ بٹن کُن۔
چھور چھور کرِ وُنی شُہہ آسی ہوٚس تژتھ گژھان۔

دۆیمہٕ دوہ صُبحس وُچھ مےٚ دفترچہ دارِہتدِس شیشس منز پنُن عکس تہٕ میانہٕ گونہگار
نظرٕ ٹھہریہ میانہٕ بدنکِن آنگن پیٹھ۔ مےٚ کوٚر محسوس . . . ."

امہِ پتہٕ گیہِ کینٹرس کانس ژھوپہٕ تہٕ پتہٕ ووٚنُن تہٕ

" فادر کیا پٔنہٕ آسنُک احساس آسُن چھُنا گوناہ یێلہِ زِن رۄچہ اصلی حقیقت

چھُ ــــ "

پادری کرُ ژھوپہٕ ۔ ووٚنی اَس اکھ کھۄسی دار آواز رُکی رُکی وَنان

" اُسی کرُواتھ متعلق بٔنیہ کُنہِ ساعتہٕ کتھ ۔ یہِ چھنہٕ مُناسب وِزِ ۔ ژٕ چھکھ بانزیمژٕ ۔

تام کرٕ بہٕ چانہِ خاطرٕ دُعا ۔ "

چونکہ سُہ ہیوٚک نہٕ تَس کانہہ مدد کٔرِتھ ۔ تمہٕ ژٕلیوٚن امہِ زالہٕ منٛز نیرنُک کُن تہٕ

کیوٚل حل چھُ ووٚنی تبدیلی کرناوٕنی ۔ یێلہِ تمیٚ (MOTHER SUPERIOR) ناساز صحت

چہِ بُنیاد کِنہِ امہِ باپتھ ووٚن تمیٚ ہٕنز عرضی آیہِ فورن منظور کرنہٕ ۔ تَس آو وَنہٕ زِ سو سنبالہِ

آگرہُس نزدیک ضامن آباد کِس ورجن میری پرائمری سکوٗل چہِ ہیڈ مسٹرسہٕ ہُند عہدٕ ۔

تمِس کوٗرُن شُرٕ بو، شُرِ ہنٛد بوٚ ماجو مالہٕ تہٕ سکوٗلکی عملن مانیہ بوٚزرت الوداع ۔ تقریب

سپز پوشہِ گونٛدی پیش کرنہٕ ستۍ شروٗع ۔ یوسمن، سوسن تہٕ گولابن اَسی پرتھ آکار کی

گونٛدی بناونہٕ آمتۍ ۔ بہر حال یُس چیز پرتھ کانسہِ ہنٛزِن نظرن ہنٛد باپتھ باعثِ کشش

بنیوو سُہ اوس دِلہٕ شکلہٕ شنگرٕ فی گولابن ہُند گونٛد ۔ یُس اکہِ لوکچہِ کورِ پیش اوس

کوٗرمُت ۔ یوسہٕ پینٛڈ اُس کُن پکان پاوٕن پیٹھ بیٚیسے یہٕ ۔

امہِ پتہٕ رُوٗد تفریحی پروگرام چلان ۔ میلادِ مسیح کِس پیٹھ اکھ لوکٹ ڈرامہ

سکوٗل ژٕرِی یہٕ والین شُرِین متعلق اکھ سکٹ، اکھ فینسی پریڈ، اکھ خاموش

ڈرامہ تہٕ بٔنیہ اکھ گروپ سانگ ۔ یێلہِ تمیٚ تام سسٹر جیسمینا یہٕ پیانوہس پیٹھ

OH MY DARLING CLEMENTINE گیوٚو فرمایش کرِ سو وو شلیہ تہٕ حلیمی

سان کوٗرُن معذرتُک اظہار ۔ ووٚنُن زِ طبیعت چھُم نہٕ ڈنجہٕ ۔

آخرس پیٹھ آسِ سِیدی الوداعی تقریر ۔ دوٚیو شُرِ بوکرِی بردنہٕ تیار کرِی متۍ تقریر

پیش یمن منز تمۍ سندِس دل و دماغس تعریف آسی کرنہٕ آمتۍ۔ امہ پتہٕ کر کیٛژ د مالیو تہٕ ماجو تمۍ سندِ ہر دل عزیز آسنکۍ تعریف۔

سِسٹر جیسمینا آس بہر حال بدلے دُنیہس منز پوٚرہ پاٹھۍ راوٕمژ۔ تمۍ سنز بے قرار اُچھ آسہ ماجن مالین ہندِ بٲتھ تھاوِنہٕ آمژ مخصوص جایہ ہُندا کر کوٚنہٕ بیٛٹھ بنیس کوٚنس تام پھیران زنتہٕ کانٛسہ ژھانڈان آس۔ یِلہ سوٚ پننۍ تاثرات باوِنہٕ بٲتھ تھوٚد وُژھمہ سو آس تیٚز راہ پریشان زِ باسان اوس سو مایہ پتھر لاینہٕ۔ تمۍ سُند بُتھ زِمیوو بازان دوٚین اوٚنگجو استی ڈیٚسک تہٕ پتہٕ کرنس دوہ شوٚے اُتھو استی جیر تھٕچھ۔ تمہ کرٕ دوہ ڈیٛلوٚس تل ژھرتہٕ ژھر کھڑ کرون زُلفِ بیچان ژوٚر تھاوِنچ کوٚشش۔ زیوٹھ شہہ نِتھ وُژھ لفظن منز۔

"ہُنٛد ساری شُرۍ، شُرن ہندی مٲلۍ مٲج تہٕ وستاد چھوٚ مےٚ بیٛٹھ مہربان رُودۍ متۍ۔ بہ یوٚت تہٕ گژھ تہندی دُعا آسن مےٚ ستۍ۔ انسانس یِمہ جذبہٕ نشہ پتھ پرٕ ہیوٚن سُہ گژھو بہ زِتس پرٕنہٕ کُنہ مخصوص جایہ یا چیزس لور روزن۔ سون رُوح گژھ آسہ وٚتھاون نہٕ زِ وجود۔ خدا تھاوی نو وارٕے۔"

پتہٕ گیہ سو کُرسی منز شرٕ پیٚتھ۔ امہ پتہٕ ووٚتھ وِدنگ تہٕ رِونگ ہے۔ اچانک ووٚتھ لوٚکچن کورن ہندا گروپ تھوٚد تہٕ ووٚنکھ سِسٹر جیسمینایہ کرِو ژرِ پوٚب"۔ ژرِ پتہٕ ستۍ ووٚتھ فضہس منز گرز۔

ضامن آباد چارج سنبالنہ پتہٕ اکہ ہفتہٕ وٲژ بیا کھ چِھٹھۍ ——

سے شنگرٕ فی گولاب۔

"ہے میانہٕ مسیحا!" خوف طٲری سپد تھ کوٚرتمہ حارتگ اظہار۔ اُزِچ چِھٹھۍ آس طویل تہٕ یہ آس نفاست سان کر کرِ کرونس سفید کاغذس پیٛٹھ لیکھنہٕ آمژ۔ باسان اوس زِ تمۍ آس امہ خاطر سخ محنت کرمژ۔

"چون پنُاہ معلوم کرُن اوس نہٕ کانٛہہ مسلہٕ ۔ کلرک تہٕ ووہ ستاد کمہٕ خاطرٕ چھہٕ
آسان ۔ مگر ناساز صحتچ بُنیاد پیٹھ چون تبدیلی ہُند درخواست اوس اپرٕ بس برابر
بُنان چھُ یہ آسہٕ ہے عالیشان اپرُز ( MAGNANIMA MENSOGNA ) ۔ تذبذب
اوس چانٛس الوداعی تقریرس منز تہٕ ٹاکارٕ ۔ مےٚ چھُ یقین زٕ ژٕ کرکھ نہٕ جیسس میری
ایجوکیشنل فریٹرنٹی منٛے نِشہٕ دوٗر ۔ یہ اوس چونے منشا تہٕ بے اوسُس امہ سارکے
بُنیادی وجہ نہٕ وُچھکھ نہٕ ژٕ منٛے ڈٲنی دِنہٕ موکھ تِتھ جایہ کُن یوسہ مالین ماجن ہندِ
خاطرٕ مخصوص اُس ۔

مےٚ چھُ یقین زٕ اُسی رُودی اکھ اُکس گندان ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ ڈرا وسانہٕ اتھ
اُنی ژھیپہ بدلے نتیجہٕ ۔ بہٕ چھُس خدایس پیٹھ ایمان اننس قریب یمہ خاطرٕ بہٕ زانہہ تیار
اوسُس نہٕ چونکہ یان ژوٗر رٕتھا وہٕ نہٕ موکھ چھُہ ژٕ اکہ دوٗر دراز جایہ ہُند انتخاب
کوٗرمُت (اکہ گوشہ نشینی چھیتھ اختیار کرُم تہٕ) ۔ ووہ نی ووہ نی تورُم فکر زٕ منٛے چھُ چون
بروٗٹھمہ کھوتہٕ زیادٕ سریہہ تہٕ بہ بنیوس ووہ نی معتقد تہٕ ۔ بہٕ چھُس شِشٹھ ہنٛدی
گھرس منز زامُت مگر سائنسی تعلیمہٕ پیٹھ چھلنووُس ایمانہٕ نِشہٕ اتھ ۔ ووہ نی کیا چھُم فکرٕ
ترٛان زٕ لوکھ کیازٕ چھِ خدایس وُچھنہٕ ورٲی مانان ۔ باسان چھُ زٕ غائبس پٔچھنے
زانٛی متین تہٕ قریب کین چیزن پیٹھ پرٛاسرار برتری ۔ وُچھ کتھہ پأکھٕ چھُس چانہٕ
توسلہٕ خدایس قریب لِوان ۔ زٕ نہٕ تمی چون یوٗتاہ خوبصورت، جوان تہٕ شُود مادی
وجود میانہٕ بانیتھ تورے وسیلہٕ بناوِتھ سوٗز مُت چھُ ۔

" راتھ دگرس باگی بجیہ منٛے الغابہ زنانہٕ ہندس وارڈروبس منز اکس
چیٹھ پیٹھ نظر ۔ سیٹز کتھاہ پچھنے زیہ اُس تمی سند لو" یارو" منز اکس ستر تہٕ لیکھن وٲلی
سُند ناو اوس زانٛتھ مانتھ تھ یاکھ لیکھنہٕ آمُت زٕ منٛے ہیوک نہٕ پرِتھے ۔ بتہٕ
آد تمی دوہ شامس پرٛاسرار فون ۔ تمی آدمن ترووٕ تھٕے فون یتھے منٛے رسیور تل ۔

مےٚ چھُ باسان یہِ گوٚ ونوٚلُک بیاکھ رنگ۔ مگر مےٚ چھےٚنہٕ وونی تمۍ سٕتۍ ہیٚے۔ مےٚ پٔزٕ سوٚ یلہٕ ترٛاوٕنۍ تکیازِ یہِ ژُرِ عشق چھُ وارٕ وارٕ تمۍ سٕتۍ بدمزٕ اَچھی مٕہتھ نوان۔

"وونی چھُ چانہِ باپتھ خبر ہناہ۔ سوٚ یُدٕ چھیا یا دیوہ سکوٗل شُرٕن بُزی متۍ مونگہٕ ہٕلۍ کنان اُس، موہ یہِ اَزٕ دگرس اچانک گیٹس بیٹھ۔ چھٕٹہٕ تہٕ پھرکھٕ گوس۔ صُبحاے اوس مےٚ تس سٕتۍ ژٕ ےٚ متعلق سٔرٕ سٔری گفتگوٗ کوٗرمُت۔ کیا وٕنۍ تس کاُ تاہ اُس چانی ماے"۔

"ژےٚ چھیا خبر زِ چانہِ جانشین جو یلہٕ یہِ واتنا ویٚ چھا پرٕ ٹریفک لایٹن پیٚتھ دلوارس سٕتۍ۔ ژیٚرِ ینہٕ والین شُرٕن ہندِ باپتھ چھےٚ سوٚ خوفناکھ شُمارٕ سوٚ چھےٚ نکہٕ وارٕ بوٚ کینہٕ شُرٕن بیٚٹھٕ نار چھکان۔ آواز چھُس بالکل میانی زنانہِ ہش بکرٕ تہٕ تمۍ سٕندی پاٹھۍ چھےٚ وولان تہٕ"۔

"زانٕ زِ یہِ چھےٚ میانۍ آخری چیٹھی۔ یٚیتہِ پور کٔرِ ژھوپہٕ تہٕ دوٗرٕ میانی رٔہنمایی پیٚٹھ مےٚ پوٚرٕ پاٹھۍ عرفانِ ذات حاصل سید۔

پس نوشت: میانہِ کورِ ٹیس شنگرفی گوہلا بن ہند گوٚ ند پیش کریونے، سہ آیا پسند۔

ORGINAL: TO NUN WITH LOVE:

# یتیم کوٗر

کہانی کار : پریم چند
زبان : اُردو
ترجمہ : رُخسانہ تبسمُ

سرسوتی سکوٗلک معائنہٕ کرِتھ یِتھے سیٹھ پرشوتم داس نیبر دراو تیتھے آیہٕ اکھ لوکٹ کورِ ہند دوران تہٕ کرِن سیٹھ جی یَس دامانس تھپھ۔ سیٹھ جی ٹھہریوو تہٕ پرژھنس۔ "ژےٚ کیاہ چھےٚ ناو؟" کورِ دیُتنس جواب "مےٚ چھُ ناو روہنی"، پرشوتم سیٹھن تُج کھوٚنہٕ تہٕ وونُس "ژےٚ روٗٹتھ کینہہ انعام کینہٕ نہٕ؟" کورِ وونُنس شرٕ لاژی سان۔ یِتھے ژٕ نیران چھکھ مےٚ چھ وُدُن پیوان۔ مےٚ تہٕ نہٕ پانس ستی:

سیٹھ جی ین وونُنس اَسہٕ وُنہٕ ہونجہٕ۔ مےٚ چھ واریاہ دوٗر واتن ژٕ کیتھ پاٹھی ہیککھ مےٚ ستیٚ یتھ روہنی وونُنس! پوٚت ژٕ گرتھکھ توٚت یمہٕ بہٕ تہٕ۔ بہٕ روز ہا جانی کوٗر بنتھ ژےٚ ستیٚ۔ تانی آو مدرسک افسر بروٚنٹھ کُن تہٕ وونُنس۔ وُری کھنڈ گوس مأجِس مۄد مِتِس تہٕ موج چھس لوٗکن ہندِ پلوٚ سوان۔ بڈ مشکلی سان چھ زندگی بسر کران۔ مزاز کنےٚ اوس پرشوتم داس بڈ نرم۔ غریبن ہنداو دُکھ ژٕ کھ۔ روہنی ہنز دلیل بوٗزتھ آو تمس افسوس سیٹھ جی ین سوٗنچ۔ روہنی ہندِس اَکھ لوکٹس دِلَس منز آسن خبر کیتیاہ ارمان۔ یتیمہٕ وٲلہٕ بہٕ سوٗدرہٕ آسنس وَنان از دیُت مےٚ مأجی یہ چیز۔ بیاکھ آسہٕ مأجِس ستیٚ سکوٗل یِوان۔ مأجین ستیٚ آسن سأرِی مأجِن گرتھان۔ پھیران تھوران آسن۔ یتیمن ہنٛد خواہش چھنہٕ اظہار آسن کران تمن ہنز کیتھ بوٗزتہٕ آسہٕ اُمی سُند دل تہٕ پرتھان زِ مےٚ گوٚژھ یتیمن موٗل آسُن۔ سیٹھ جی ین رٹ روہنی نولہٕ سان

پانَس سِتۍ تہٕ وونُنَس اچھا بہٕ بناوَتھ ژٕ پَنٕنۍ کوٗر۔ مگر شرط چھُ یہِ زِ ژٕ پرکھ دِلہٕ جانہٕ۔
اچھا پتھ چھیٚ پھٕنۍ گرٛھن واجِنۍ بہٕ تراوتھ ژٕ گرٕ۔ یہِ وَنِتھ بہناون کارمنز۔
روہنی آس فکرٕ سان بینٕنین وَلبَن کُن وُچھان۔

سیٹھ پرشوتم داس کرن او روہنی پوٗر بازرٕ کھ سارٕ۔ پَتہٕ تہٕ روہنی ہندِ لیند ہندی واریاہ چیز ہینٕتھ۔ روہنی آس واریاہ تھچھ منز سو بیٹھ کارمنز ژھوپہٕ دم کرِتھ تہٕ شامن باگ داتی روہنی ہند گرٕ۔ گرٕک دروازٕ اوس بند۔ موج آسہٕ ہمسایے گرٕ سہ بلو سُوبہٕ گمژ۔ روہنی ہیوٚتھ چیزن تلکھ بیٹھ کرن۔ دبرٕ دی تماشہٕ، چینو گڈٕ بہٕ ییمن ژٕ بل دِوان آس تہٕ تم آسہٕ گبوٗن ہیوان، ——— اَمہٕ سِتۍ آس روہنی سیٹھاہ خوش گرٛھان۔ ریشمی پلو، خوش رنگ ساڑہٕ ہند بنڈل، مخملُک بوٗٹ یتھ پیٹھ کینہہ رنگا برنگ پوشس آسی بناوِتھ۔ روہنی ییژاہ چیز رٕ نِنِتھ خوشی آس تمہٕ کھوتہٕ زیادٕ بیقراری آسس ییم چیز بینٕنین وَلبَن سوٗدرن ہاوٕنِچ۔ پانسے سِتۍ آس وَنان مون کہ سوندر چھُ اصل تہٕ خوبصورت بوٗٹ مگر تتھ بوٗٹس پیٹھ کتہٕ چھ سیتھی پوش بناوِتھ، تمہٕ آسن نہٕ زانہہ تہٕ ییژھ گڈٕ نہٕ وُچھمژ۔ یہے کتھ سونچان سونچان ہیوٚتھ تمہٕ گبوٗن۔ سیٹھ جی اوس یہ سورُے نظارٕ وُچھان۔ تانی آس روہنی منز موج رُکمنی پلو بو کھچہ ہیتھ پکان۔ روہنی تِہ خوش گرٛھتھ ووتھ تہٕ ژٕ ٹن موج نالہ مُتہٕ۔ رُکمنیہِ اوس بُتھ لیدٕ ریومت۔ تمی سنز اَچھ وُچھتھ آس تمی سنز بے کسی نَنان۔ ییمس نہٕ زندگی منز کانہہ سُہارا اوس۔ مگر ییتھے تمی روہنی کھوتہٕ نِچ تہٕ کرہ نس موہنہٕ میٹھی رٕ ژتھ کھنجہ باسے تہٕ تمی سنزن اَچھن منز خوشی تہٕ وہ میز ہتر ژٕ۔ زنتہٕ ژمیٹو مُت پوش پھوٚل۔

ماجہ پرژھنس! ژٕ کتہٕ آسکھ ییتنس کالس۔ مے ژھانڈٕ مکھ ژٕ ساری سے تہٕ ژھانڈٕ ان ژھانڈان واٹسے سکوٗل تہٕ۔ روہنی وونُنس! "بہٕ آسس موٹر کارمنز بازر چکرس گمژ۔ تہٕ آنی مے کم کم چیز۔ ہسہٕ وُچھ پتھ ہینٕتن کُس چھُ کھوڑا!" رُکمنی وُچھ سیٹھس کُن تہٕ تروٗن کلہٕ بوہن۔

مکانکس براندس پیٹھ وٲتِھ وۄتھ روٗہنی ماجہ ہنز کھوٚنہِ منز بوٚن تہٕ گیہِ پرشوتم جی یس نِش
تہٕ ماجہ بہناوٕنہٕ موجوٗب پرٛژھن سیٹھ جی یَس "ژٕ ژھکھ نامیوٗن موٗل"۔
سیٹھن وۆننس محبتہٕ سان ـ "آ ژٕ ژھکھ میانی ٹاٹھ کوٗر۔ روٗہنی پرٛژھنس زار پار ہوٚتے!"
ژٕ کیاز روزکھ نہٕ دۆہے دۆہے ییتھی؟"۔
پرشوتم سیٹھن وۆننس مَس شیران! "اگر بہٕ ییتھی روزٕ تہٕ کام کُس کرِ۔ بہٕ آسہٕ کٲنہٕ کٲنہٕ
ساعتہٕ یوٚر یِوان مگر جانہٕ بابہٕ آسہٕ کم کم جیٚر، تہٕ پیٹھ سوزان"۔ روٗہنی گیہِ اُداس۔ تانٛی گھول
رُکمنی۔ دروازٕ تہٕ ڈٲلۍ ڈٲلۍ ؤنِن ژھٔنٛی منتی تہٕ مالہٕ پلوٗ یِتھنہٕ سیٹھ جی یس تمن پیٹھ نظر پییہ۔
رُکمنی اَس سوٗنچان بہٕ کیاہ خاطر داری ہیکہٕ سیٹھ جی یس کرِتھ۔ سیٹھ جی ین ناو اوس تمہِ خاندانس
نِشہٕ بوزمُت۔ یُس پرتھ وِز سیٹھ پرشوتم جی ینٛز رحمدلی تہٕ فیاضی پھران اوس۔ سیٹھ جی اوس
رُکمنی دِلہٕ منز اکھ دیوتا مونمُت۔ اَمِس کیاہ خبر آسہ زِ زانہہ کٲلی یِیہ سیٹھ جی اَمی سُند گرٕ
مگر آو تہٕ ہے اَمِس بہناوٕنہٕ خاطر چھِنہٕ اکہِ مونڈچہ تہٕ حیثیت۔ کھینہٕ چینہٕ خاطرٕ تہٕ اوسُس نہٕ
گرس منز کہین موجوٗد۔ رُکمنی ژوٗل بے وایہ پاکھٕ اوٚش نیرتھ۔
ییلہِ اَنہٕ گوٚٹ ہیوٚتُن گرٛژھن تہٕ اَندٕ کھِی ہیٚتنٛی نقارٕ تہٕ گانٛٹیہِ وَزنہٕ سیٹھ جی ین وۆنتس "بڑ بڑ
بائی جی بہٕ نیرو وۄنی مے چھے واریاہ کامہِ۔ میانہٕ روٗہنی ہُند تھاوِو زِ خیال یُتھ نہٕ اَمِس
کانہہ تکلیف دِکھ مے ییلہِ تہٕ موقعہ میلہِ بہٕ یمہٕ اَمِس میلہِ نہٕ۔ یہ چھے وۄنی میانی ذمہ داری
تہٕ بہٕ کرٕ خوشی سان فرض ادا۔ ژٕ ہیٚکی زنہٕ اَمی سنٛز کانہہ فکر۔ مے کوٚر اَمِس وظیفہ
مقرر تہٕ یہ گوو تمیک گوڈنیُک قسط"۔ یہ وۄنِتھ کوٚڈ سیٹھ جی ین اکھ خوبصورت پرٛس
تہٕ تھوٗون رُکمنی بروٚنٛہہ کنہٕ۔ سو بیچار آس وَدنُس یتی تہٕ دل اوسُس پرٛژھان۔ سیٹھ جی
ینٛ کھوٚر ژٕھتھ زور زورٕ وَدُن تہٕ کیاز رُکمنی آس نیرِ، کٲلی اَکِس پتہٕ س ہمدرد انسان
سنٛز آداز کنن گمژٕ۔ سیٹھ جی ین ہیوٚت نیرُن تہٕ گلی زٕ گنڈِتھ کرُن رُکمنی سلام۔ رُکمنی
ژوٗل وَتھہِ وانجہِ یہ دُعاے خاطرٕ نیرتھ۔ "ژٕ نے کھیوتھ اَکِس بے کس زنانہٕ پیٹھ رحم

گژھِ دَے میون دِیہ نے اَمیُک رُت تہٕ میوٗ ٹھاجر"

دۄیمہ دوہ یێلہِ روٗہنی سکوٗل شیرتھ پیرتھ آیہ سوٗ کرٕن سارٕنے خوش۔ وۄ وتانو کوٗز ہس لگیٚ لگیٚ پیار۔ روٗہنی ہندی چیز وُچھتھ تمبلیو وسٕن تہٕ دلِ۔ روٗہنی آس وٕسن بروٚنٹھ کنہٕ موٹر کارٕ بازر تماشن تہٕ ماۄلی سٕندِ شفقتُک تہٕ محبتُک ذکر کران۔ تس اوس طمعو ستیٚ دِل بٕرتھ۔

رٕنٛز گرٕ ٹھتہ سوٗزی پرشوتم سیٹھن روٗہنی خاطر پوٚنسہ تہٕ بٔنیہ تہٕ وارِیاہ چیز ڈالہٕ رٕنگو۔ رُکمنی اوس نہٕ وۄنی زِنیٚکھ غم۔ سوٗ تہٕ آس وۄنی روٗہنی ستیٚ سکوٗل پرٕنہِ گژھان۔ سیٹھ جی یێلہِ تہٕ پوٚنا گژھان اوس تیٚلہِ اوس روٗہنی نش تہٕ نظر دِوان تہٕ ربتہٕ وادن ہندِ خاطر چیز اَنِتھ تھاوان۔

وق گوٚو گذران۔ روٗہنی آس بڈان۔ تسٕنٛز آس وۄنی حیاتہٕ سنجید گی آمٕژ۔ نروتم داس اوس سیٹھ جی یٕن بوٚڈ نیچوٗ مٔیُس امریکہ تہٕ جرمنی ہنزِ وِ یونیورسٹی یو پیٹھ انجینیرنگ تہٕ اع۔ا زی ڈگری حاصل کرِتھ اوس آمُت۔ اَمی سٕنز کامیابی ہٕند خبرٕ چھ اوس امریکہ تہٕ جرمنی ہندیو اخبار دِ تہٕ کوٚر مُت تہٕ اَمی سٕنز شاندار کامیابی پیٹھ آسی حارٕان تہٕ۔

بمبیہ منز اوس تس تمس خاطر موقدم کرنہٕ خاطر جلسہ تھاونہٕ آمُت۔ لوٗکھ آسی دوٗر دوٗرِ پیٹھ اَکھ منز شریک سپدنہٕ خاطر یوان۔ سرسوتی سکوٗلس تہٕ اوس سُکھ دعوت نامہ سوٗزمُت۔ سیٹھ بابہ کوشلیا دیوی اوٗس روٗہنی الگ پاٹھی سال گوٚومُت روٗہنی سوٗتاوی گوٚو ڈنجہ لٹہِ بٔننہٕ پسند ہندی پوٚ کوشلیا دیوی آس پانے روٗہنی ریلوے سٹیشنس پیٹھ نہٕ آمٕژ ریلہِ منز وُسٕتھے ژٕھ کوشلیا دیوی روٗہنی نالہِ مُتہٕ۔ زنتہٕ ہیٚنٛز کوٗر آسس۔ کوشلیا دیوی آس روٗہنی پھری پھری وُچھان تہٕ خوش گژھان۔

لوٗکو یێلہِ روٗہنی ہندِ خبر بوٗز۔ ساسہ بدی لوٗکھ گیہ روٗہنی وُچھنہٕ خاطر کھڑا۔ ژوٚوا پاسے آس ہیہے کتھ کٔرن گژھان۔ اَز کٔلہِ تیمہِ شاستری امتحان پاس

کوٗر ہیٚے چھےٚ سو کوٗر ۔ سائنس ملکس منٛز چھُ وُنہٕ تہٕ سانئن زنانن منٛز تہٕ یہ جوہر موجوٗد ۔
شہرُک ممتاز زنانۍ ٲسۍ رٲژھ روٗہنی نالہٕ مَتہٕ تہٕ آسۍ تمس تعریف کران ۔

آخرس پیٹھ آو پرُوتم لوٗکھ کٕھتۍ کرٕسیو پیٹھۍ ٲمس وُچھنہٕ خاطرٕ ۔ کیٚہنہ آسۍ شامیانچن
رَزَن پیٹھ تھپھ کرِتھ کھٔتی مَتہٕ تہٕ کیٚہتہ آسۍ اکھ اَکِس پیٹھ کلہٕ کھالِتھ وُچھان ۔ روٗہنی گیوٚو
پننِس سکوٗل کوٗرٕن سٟتۍ اکھ قومی باتھ ۔ باتھ بوزِتھ گیہٕ سارنٕے بوزن والین پیٹھ خاموشی
طٲری ۔ یہ نغمہٕ اوس پریمک نغمہٕ ۔ نفرت دوٗر گژھنک نغمہٕ ۔ تعریفن کھٔتۍ انبار ۔ پتہٕ ووٚتھ
پرُوتم داس حاضرین ہِنٛز مُہندِ شُکریہ ادا کرنہٕ ۔ تٔمۍ سُند تقریر بوٗزِتھ گیہٕ لوٗکھ مولیوٗس ۔
پرُوتم داس اوس لوٚکچین موکچین محفلن منٛز بجھا بجۍ کران مگر یِتین لوٗکن برٕ وٚنہٕ کنہٕ گیہٕ
تمس گلہٕ زٕ بوٚ ۔ بٔڈ مشکلی سان کوٚر تٔمۍ لفظ اور پیور اُتھ لوٗکن ہُندِ شکریہ ادا ۔

سرتوٗتی سکوٗل والیو آس اکھ ریشمی رُمال تحفہٕ رٔنگۍ اَنۍ مَرتہٕ ۔ صدر جلسہ ہٕندس ونُس
پیٹھ تراو روٗہنی تھر تھرسان زٕ تمس مال نالۍ ۔ یُس جلسکھ روٗح رواں اوس ۔ رَژھہ کھنجہٕ
میلہٕ یہ دۄہ بوٗز اُچھ کوشلیا دیوی رٲژھ یہ ونتہٕ روٗہنی ہفتس گرٕ زٕ " ژنےٚ وُچھتھ آیہ نہٕ
وُنہٕ مئےٚ یڈ بہ تہٕ ہے موجی چھپےٚ ۔

ہفتہٕ گژھتھ آیہ کوشلیا دیوی تہٕ نروتم سٹیشن تانۍ سٟتۍ ۔ نروتم داس اوس اداس ہیو ۔
ماجہٕ بیلہٕ نیچوی سُند تھ وُچھ تمس آو یِہے عار ہیو تہٕ ووٚنُن نیچوس ! " مٕنے رٔدد تہٕ تیار ہے
زٕ روٗہنی کیٚتھ پاٹھۍ گژھہٕ کُنۍ زٕنۍ یوٗناہ تانۍ ۔ اگرے ژٕ سٟتۍ گژھہٕ ہُس شام تانۍ یِتھ واپس ۔
یہ بوٗزِتھ گو نروتم خوش تہٕ ووٚنُن ماجہٕ ٹھیک چھُ بہٕ گژھہٕ ٲمس سٟتۍ !" ژٕکہٕ اوس نٕ
یژھان روٗہنی بینہٕ دلگ حال باوُن ۔

روٗہنی ہنٛد خاندر چھ فکر آس رُکمنی سٟتۍ پاٹھۍ طٲری گمژ ۔ ہمسایہ بایہ تہٕ آسس
وَنان ۔ کوٗر چھےٚ بالیغ گمژ ۔ دُنیکین تہٕ تہٕ ادکیاہ تٔڈ تھ کرِ مٕسہ خاندر ۔"
دارہٕ ہین جاین آسہٕ روٗہنی کیٚتھ لیوان ۔ رکمنی آس سیٹھ جی یُس تمہٕ خبر سوزان یہ پیٹھ جی

اوسُس جواب سوزان "بہ چھس پانہ فکر مند"۔ کُنہ کُنہ اوس نہ رُکمنی سیٹھ سُند ٹال مٹول
خوش کران۔

بمبیہ پیٹھ آمِتس اوس رُکمنی اکھ رِبتھ گومُت۔ اکہ دوہ آیہ سکولہ پیٹھ تہ ماجہ
ہنز چارپایہ پیٹھ وُچھن اکھ خط۔ رُکمنی کھوٗل خط تہ ہیوٚتُن پرُن۔ اَتھ منز اوس
لیکھتھ "میانی بینی چانی کور وُچھ مے بمبیہ منز۔ بہ چھس تمس پیٹھ فریفتہ گمُت۔ مے
چھُنہ تمس رُوس قرار۔ کیاہ مے آسہا سُہ نصیبہ زِ بہ بناوَن سو پننی نوشس۔
بہ چھُس غریب۔ سیٹھ جی مانی رُو مے میون عرض کرتہ زِ قبوٗل۔ ہرگاہ نہ بہ چانی کور
پوشہ پلنگس پیٹھ بہناوتھ ہیکَن مگر یمہ گرکھ پرتھ فرد بناوِ تمس اُچھن ہُند نوٗر۔ وۄنی
رُودِ لرکہ اکھ موج کُنتھ پاٹھی ہیکہ نینس تیچھوی سندی تعریف کرِتھ۔ بہ ہیکہ یتے وُنتھ
زِ یہ جوری چھے اسمانس پیٹھے بنیمژ۔ سُہ چھُ پرتھ لحاظہ رُکمنی لایق۔ زِ گرِ پانہ تہ
اطمینان۔ یوتہ کُنہ آسی زِ ژور لفظ سیٹھ جی ینِ تہ سفارشہ رنگی لیکھی متی۔ اداس
گُرِ ہتھ بنیج رُکمنی چارپایہ پیٹھے۔

رُکمنی لج سوچنہ تہ زوتم داسن شکل آیس بر وہ نہ کُن۔ تمی ہنز کتھ یمہ تمی
بمبیہ پیٹھ پوناتانی کرِمژ آسہ یپیس اکہ یاد۔

سرسوتی سکول آو سجاوُنہ۔ ازِ اوس رُکمنی خاندر۔ شامُک وقت اوس۔
بہارُک موسم۔ ہرطرفہ آس سرسبزی تہ شادابی۔ زوٗن آس گاہ ماران۔ زوٗنہ گاشہ سِتی
اوس سورے ماحول منور سپدمُت۔ مہارز آو تانی تہ لوکھ گیہ حاران یلہ تمو زوتم
داس مہارز بنتھ وُچھ۔

مہارز بیوٹھ منڈلس پیٹھ۔ رُکمنی رُوٗنہ پانس تانی سو گیہ تہ پیہ سیٹھس کھورن
رُکمنی سند بوا اُچھو منز۔ وۄتھ سو کُھکھ تہ مجبتُک اوش ہون گوو شروع۔ سوٗے
سکولُک ہاوُ ماداں لوٗگ مشک ژھٹنہ۔ لوکن ہندی دل تہ لگی پھولنہ۔ مہرینہ مہارزن نزدو

اکھ اَکس خاندر مالہٕ۔ یوسہٕ وزن دارِ تہٕ سخت ضرورت آس گرسخنی ستۍ ستۍ اوس
راحت تہٕ پابندۍ ین سٟتۍ سٟتۍ اعتماد تہٕ بھروسہٕ دوٕ نوے آسۍ اکہِ نوِ رٗوحانی طاقتک
احساس محسوس کران۔

خاندرکی رسم گیہٕ پوٗرٕ۔ سیٹھ جی اوس واریاہ تھوکمُت۔ تھک کڈنہٕ بیوٗٹھ باغس
منزٕ اکس بٔنیچس پیٹھ۔ ٹھنڈ مگر خوش کن ہوا اوس۔ ماحول اوس سرور ہوٚت
پرِ بتھ طرفہٕ آس خاموشی۔ تمی وِزِ آیہ روہنی سیٹھ پرشوتم داسنِس نِشہٕ تہٕ ژٕٹنی تَس
تھوٗرٕ۔ سیٹھ جی ین تج تھوٚد تہٕ ژٹن پانَس سٟتۍ تہٕ ووٚننس۔ ون ووہ نی بنی یکھ نازٕ
میانی پنٕنۍ کوٗرٕ۔



